# دلیل

سۆمبرن وٲلۍ

پشکر بھان

اختر محی الدین

جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹس کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر

۱۹۶۲ء

# دلیلہ



○

سۆمبرن والی:-

پشکر بھان

اختر محی الدین

پبلشر:- سکریٹری کلچرل اکادمی سرینگر



کتابت ... ... ... غلام رسول سولنہ سرینگر

چھاپ ... ... ... بروکاز پریس سرینگر

گوڈنیک چھاپ ... ... ۱۹۶۲ء

تعداد ... ... ... اکھ ساس

قیمت

ترٛیٚ روپیہ



# زان

چانٛوٲے زِندگی علاوٕ چھیہٕ اِنسانس بیاکھ زِندگی۔ سو گیہ ذہنی زِندگی مانٛنہٕ ہے تہٕ امہِ دوٚیمی زِندگی پٲٹھۍ تس اِنسان ناو نیتہٕ اوس پٔتھ بڑن تہٕ کرو بڑن زوٚو زانٛنَن منٛز سُو تہٕ اکھ ذاتاہ۔ "ذہنی زِندگی" چھُ مطلب یہ زِ اِنسانس چھُ سرٛوٚن، وسیع تہٕ ترقی یافتہ دماغ، یمہٕ کِنۍ سُو سوچان ژینان تہٕ سمجان چھُ، یمہٕ کِنۍ تس یادٕ وتھ چھُ، سام ہیوٚنک طاقت چھُ تہٕ پتھ کالہٕ ہندۍ تجربہ وتہٕ ہاوِک زانٛنہِ سو بڑنتھ بڑونٛٹھ پکان) چھُ۔ اِنسانٕنٛ ہندۍ اُمی دماغن یا (امہِ کھوتہٕ وسیع لفظ چھُ) ذہنی زِندگی دِیُت علمس تہٕ ادبس وجوٗد۔

اَزِکِس دُنیاہس منٛز چھُ سائنس تہٕ علم تتھ مقامس پٔہٹھ ووٚتمت تہٕ تیوٗتھ عام گومت زِ یہ کتھ پٔز ثابت کرنہٕ خاطرٕ چھینہٕ مِثالہٕ دِنٛچ کانٛہہ ضرورت زِ اِنسان ہنٛز ذہنی زِندگی چھیہ تیٖژ طاقتوٗر زِ امہِ کٔر نہ صِرف باقی زانٛنَن ہنٛز زِندگی پامال بلکہ خود اِنسان ہنٛزٕ بیاروٲے زِندگی گٔرن سوی۔

مگر سائنس تہٕ باقی علوٗم کھوتہٕ زیادٕ برتر تہٕ ضروری چھِ ییٚن

انسان ہنٛزِ ذہنی زِندگی پادٕہ کوٚرِ سُہ گوٚ فن۔ فن گوٚ میاٲنِ کنہِ پاٹھہٕ،

موسیقی، موٗرتھ گرٛنہٕ، مندورٕ کھارنہٕ، تصویر بناونہٕ تہٕ ادب پادٕہ کرُن۔

سائنس چھُ انسان ہنٛدِس جِسمس آرام تہٕ آسایشہ موٗیسر کران۔ اخلاق

تہٕ مذہب چھ اہندِس چارٕواے وجودس قوٲبہٕ کران، تواریخ چھیہ پتھ کالہٕ

ہِندو تجربہ یکجا کرِتھ اَمِس برونٛہہ کُن پکنُک سبق دِوان۔ مگر فن چھُ

اُہنٛزِ ذہنی زِندگی ہُند طاقتور غذا تہٕ امی کی برکتہٕ چھُ انسان ہُند ذہنی

وجود قایم رُوزِتھ باقی علمن پادٕ کران۔ مسلہ زٕرتھ کھنڈ ویشھناوٕنہٕ

خاطرٕ وٕنہٕ بوٕ نہٕ فن چھُ سُہ پان قطرٕ یُس ہانگنہٕ ہندِس جسمس اندر دٲپتھ

صدف چھُ بان۔ ہانٛگنہٕ گوٚ یتھ مثالہٕ منٛز انسان ہنٛز ذہنی زندگی تہٕ

صدف، گوٚ تِم علم یِم انسانس آرام تہٕ آسایش موٗیسر چھ کران (سائنس

اُہنٛزِ چارٕوآے زِندگی پٮ۪ٹھ چھ حقوٗقن تہٕ فرضن ہنٛزٕ ہانکلہٕ گنڈِتھ قوٲبہٕ

لیان (مذہب تہٕ اخلاق) تہٕ رُوزنی پادٕہ کرنکہٕ تہٕ باگہٕ نکہٕ اصول چھ

باوان (اقتصادیات)۔

فن چھُ تارٕ ہُند سُہ صداہ، یا رنگن ہنٛز سُہ ملاوٹ یا لفظن

ہندٮ۪ن مانین تہٕ آوازن ہنٛز سُہ شیرٕ ژار یُس اکس انسان ہنٛزٕ

کُنہ خاص وقتہٕ ذہنی ترایہ تہٕ ہیچ بیتھ تیوتھ واتھ کیسہ نہٕ سُہ بوزِن

ڈول یا وُچھن، ڈول لبہِ تِمہ وقتہٕ تِمن پنٕنین روحانی سوالن اتھ جوابن یا

ملاوٹس یا شیرٕژارِ ہنٛز آمنا۔ گوٚ زن جنگس منٛز گوٚ بینڈ باجہ فن،

آرامس تہٕ امنس منٛز گوٚ صوفیانہ کلام تہٕ فرٟشر منٛز یلہِ اِنسان گنٛدیو آسہٕ تیلہِ گوٚ ناول بیتریی۔ مطلب چھُنہٕ یہ زِہ پرٛتھ اِنسانس لگہٕ آرامس تہٕ امنس منٛز صوفیانہ کلامی پسند یا فرٟشر منٛز ناولی تکیازِہ فنیچ لطافت چھیہ اِنسان سندِس پیٛہرس طبیعتس پیٹھ منحصر آسان۔ اَڈی چھ تِمہٕ تہٕ یِمہٕ تہٕ عاٟمسی واٹسہٕ اکھ ناول تہٕ پران چھ یا اکھ تصویر تہٕ پسند کران چھ۔ مگر مطلب چھُ ضرور یہ زِہ اِنسان پننہِ طبیعتہٕ مُطابق یُس کاٗنہہ چیز تہنٛزِ ذہنی نٮ۪ج سیتھ واٹھ کھیہِ، سُو چیز چھُ فن تکیازِہ تمیُوک واٹھی گوٚ مانے زِہ اِنسان سنٛزِ ذہنی زِندگی کوٚر اکی آنکارِس غذا موٗیسر تہٕ نشو نما پاوُنک وسیلہ بیٛیش۔

فن کیٛن بڈٮ۪ن شوٗبن منٛز چھُ اکھ شوٗبہ یتھ اُسی عام پاٹھی ادب چھ وَنان۔ ادب گوٚ لفظن ہندٮ۪ن مانٮ۪ن تہٕ آوازن ہنٛز سو شیرٕ زاٮ۪ یا (ونو) ملٲنے بیان کرنہٕ خاطرٕ لفظن ہنٛز سو ترتیب یوس اِنسان ہنٛزِ ذہنی زندگی سوٗے فرحت تہٕ سُی نشو نما موٗیسر کران چھیہ یُس باقی فن کران چھ۔ اَتھ داٮ۪رس منٛز چھ ناول، افسانہ، ڈراما، کتھہٕ ولیلہِ، جٹہٕ، ہزل تہٕ مذاکھ یوان۔ اَتھ فنس چھ زِہ حِصہ۔ اکھ گوٚ تِمہٕ ولیلہِ، باٗتھ، کتھہ، جٹہٕ، ہزل تہٕ مذاکھ یِم واریاہو لُکو زِندگی ہندی تجربہ حاٟصل کرِتھ وزہٕ وزہٕ پاٗدہ کری۔ اَتھ چھ عام پاٹھو لُکہ ادب وَنان تہٕ بیاکھ گوٚ تِم باٗتھ، افسانہ، ناول، ڈراما، کتھہٕ، ہزل

تہٕ تماکہٕ یِم کانٛسہٕ خاص شخصن پنٕنہِ زندگی نشہِ تجربہ حاصل کرِتھ لیکھی۔ تِمنکس چھُ سون موضوع ادبہٕ کہِ تھنک گوڈنیوک حِصہ یعنے لوکہ ادب تہٕ تتھی متعلق کرو اَسہِ کینٛہہ کتھ بیان۔

لوکہ ادب چھُ تھنک سُہ حِصہ یُس کُنہِ خاص قومَن پنٕنہِ زندگی ہندیو تجربو نشہِ سبق حاصل کرِتھ مزہ دار ولیلن ہندس رنگس منٛز یا باتن ہندس رنگس منٛز پاٹھہ آسہِ کوٚرمُت۔ لوکہ ادبس منٛز چھُ گاہے گاہے کانٛہہ سُہ باتھاہ تہٕ دلیلاہ تہٕ شاپل سپدان یُس کانٛسہٕ خاص شخص تٕرتھ نٕہ منٛز دوٚہمُت آسہِ نہ اَتھ آسہِ لوکَن ہُند قبوٗل حاصل سپدمُت تہٕ لوک آسن کتھہِ منٛز مِثالہِ خاطرٕ، یا اَکھ اَکِس سیتی دِلیہارس منٛز خاص موقس پیٹھ پہ استعمال کران تہٕ موقہٕ تہٕ محل نظرِ تل تفاوتھ اَتھ ضرورتہ موجب لفظن تہٕ مانین ہنٛز تبدیلی تہٕ کران۔

لوکہ ادب چھُنہٕ لیکھت آسان۔ تِکیازِ یہ چھُ تِمہٕ زمانُک یادٕوار یلہِ نہٕ اَچھر آسہِ، قلم ادس تہٕ چھاپ خانہٕ آسی۔ لیکھت ادبس دِلیوٚت چلے جاو اَچھرو، قلمَن تہٕ چھاپ خانَن مگر یلہِ نہٕ یِم چیز دستیاب آسی چونکہِ تیلہِ تہٕ اُس اِنسانَن ذہنی زندگی ہندِ نشونما خاطرٕ فنچ تہٕ خصوصن فنچہ اَمہِ شوٚنچ ضرورت لہٰذا آسہِ دلیلہِ یا باتھ زبانی وَنہِ یوان تہٕ بیٚنہِ بہ بیٚنہِ اَکہِ پتہٕ بیٚیس پٮ۪یہِ نشہِ وانٛزاہ وَنہِ یوان۔

چنانچہ اَز تہٕ چھیہ اسہٕ تِمہٕ دلیلہٕ ژیٛنٛڈس، یِمہٕ اسہٕ نانہٕ بڈکۍ بین
ونہٕ مژ چھیہ تہٕ اَز چھ اَسہِ تِمہٕ دلیلہٕ پنٛژتِن ژُرِٛن وَنان۔ یِمہٕ دلیلہٕ
آسہ ساَئنس نانہٕ بڈکۍ بیس پننہِ مأل ماجہِ یا نانہٕ بڈی بینہٕ وُٛنمژہ۔
گوٚ زِ یِمہٕ دلیلہٕ أسہِ اَز پنٛژتِن ژُرِٛن وَنان چھ یِمہٕ چھیہ سانیوٚ
وارِیاہو ہیرِ کِنۍ پیٛٹھ پتھے گٔژھ سینہٕ بہ سینہ چلان۔

چونکہ لوکہ ادب چھنہٕ لیکھت آسان یا دٲپ نہٕ اَز تام ادس نہٕ
لیکھت، اَمہِ کِنۍ چھیہ اَتھ منٛز ہمیشہ پیٛٹھ دوِیہ رنٛگہٕ تبدیلی
آمژ۔ اَکھ یہ زِ ییٛتہٕ یوسہ دلیل پننہِ مأل ماجہِ وَنِتھ یہ سوٗ دوژنہٕ
ییٛتہ پرٛہ سو یوژ یاد ووٚنیٛلہ بوٚ اَز پنٛژتِن ژُرِن وَنان چھس
اَتھ چھس بوٚ مُشت گومت جسہ یا ئے بنادان تہٕ اصلہٕ نشہ
بیوٚن دلیلاہ بنادان۔ اَمہِ وجہِ تُہٕ نہٕ کانٛہہ دلیل چھیہ مرازس
منٛز اَکیہ طریقہ چلان تہٕ کمرازس منٛز بیٛیہ طریقہ، گُنہٕ ونہٕ چھُ
یہ تہٕ سپدان زِ ونن وول چھُ دوٚن ترٛین دلیلن کُنۍ گیوٚڈ کرِتھ
اَکھ نوٚو دلیلاہ بنادان تہٕ اصل دلیلہٕ چھیہ یا تہٕ مشان نتہٕ بیوٚن
گُڈنِتھ یِمہٕ نوٚہ دلیلہٕ منٛزہ ژھینٛڈمژہ لیکھمژہ روزان۔ مثال چھیہ
ہیٛنزکیسرہ تہٕ کادہ کوٚٹ۔ دوٚیِم یہ زِ اَتھ چھیہ لفظن تہٕ زبانی
منٛز تبدیلی یوان۔ لیکھت ادبس روزان ہمیشہ تیٚمے لفظ یم زان
لیکھن والہِ درج آسن کرِمٕتۍ مگر لوکہ ادب چھُ چونکہ لوکن

ہندین سینن منز آسان لہازا چھیہ اَتھ منز وِنِ دٲلہِ ہنز پنٕنۍ لفظہ ژٲنٕرِ یوان ۔ یوس دلیل انہ شیٹھ دری برونٹھ میانۍ بڈی ین پننیس مٲلیس ماچہ ہیشہ لوٚنز آسہ سویے زِن دِنہٕ یوت انہ پنٕنین شرین اَتھ منز آسن ضرور گیشہ لفظ تم یم نہ انہ یمہ شہ شیٹھ وری استعمال آسی سپدان تِکیازہ زبانِ منز چھ یمن شیٹھن ودین منز ہتہ بدی نوۍ لفظ آمتی یمی انہ اسہ زیوِ پیٹھ چھ ۔ بییہ واریاہ لفظ چھ تمی یمو انہ شیٹھ وری بروٚنٹھہ استعمال آسی سپدان تہ ووٚنی چھ زبانِ پیٹھہ وٚتھی ووٚتی ۔ تہٕ علاوہ یوس لفظ ژٲنٕر میانِس شیٹھ وری بروٚنٹھہ کِس بڈہ بڈی ببس آس سو چھینہٕ ہیتہٕ ۔ نتیجہ چھُ یہ زہ لوکہ ادبس منز چھیہ ہمیشہ لفظن ہنز تہ تبدیلی یوان — شاذ کانٛہہ لفظاہ چھُ زیوِ پیٹھ دران لیس ہیر درہیر چلان چھُ ۔

اَزچہِ زندگی منز چھ سیٹھاہ شُرٛوک، گنڈ تہ اندہ بڑ ۔ لسنہٕ بنہ کین طریقن منز پیٹھ پیچیدگی پٲدہ سپدان، سائنس تہ باقی علم پیٹھ ترقی کران چھ تہ ترقی کرتھ زندگی منز تبدیلی انان چھ تیوٚت تیوٚت چھُ انسان ہنزہ ذہنی زندگی سٕریشر تہ پیچیدگی ہُران ۔ ذہنی زندگی ہِندین گسنزن تہ پیچیدگین ہنز نیب چھُ اسہ ادب دِوان ۔ چنانچہ انہ کل چھ اِنسان ہندی سٕرنی تہ ہٕلی خیال وننہ خاطرہ نہ صرف نوٚۍ نوٚۍ لفظ گرنہ یوان بلکہ خیالن ہِنز بیانن نسبت نوٚۍ نوٚۍ اُصول تہ گرنہ

پۄوان- برونٛہہ زندگی آسہٕ سیٹھہٕ بیٚیٛہ- یلہٕ نہ اسہِ کٲنٛہہ جہانزہ اوس، یلہٕ نہ ریڈیو اوس، چینی دانہٕ اوس، شیٖشہ پۄرہ مکانہٕ اوس تہٕ امہِ وِگنٛہ بُوٗٹ اُسہٕ تیٚلہِ اسہِ نہ اسہِ یمَن چیزن ہندہِ اِستعمالٕچہِ حاصل گامٕژ تجربہٕ تہٕ- تیٚلہِ آسہٕ ژھیٚپہِ پش دِت پۄہر، ترین رأشن پاک دِتھ سیٚسرہٕ گوٗگہِ، کوٗرہ لٹہٕ پۄشہ تہٕ کھونکھہٕ دارہ پأدار- اِنسان ہندہِ ضرورِیات آسہٕ سیٹھاہ کم تہٕ یہ ڈُیرہ تہٕ پزیٖتھ کأنٛہہ گژھہٕ اوس کُنہِ چیزہٕ خأطرٕ بییٚس کأنٛسہِ ہُنٛد محتاج- تیٚلہِ آسہٕ اِنسان ہندہِ خیالات تہٕ بیٚدہِ تہٕ سٕہل- اِنسان ہُنٛد بڈہٕ کھوتہٕ بوٚڈ سوٗرٕچ گیوٗ پادشاہ بنُن، کوٗرہ گژھہٕ پادشاہ بابے بنُن- کھُسن گوٚژھ وسہٕ پرٕنٛگ آسُن، ویٚچھ تہٕ دیکھٕژہ کامہِ کرنہٕ خأطرٕ گوٚژھ جِن تأبیا آسُن- یِمے تہٕ یِژھے کتھہٕ آسہٕ اِنسانس مطمع نظر- چنانچہ پزیٖتھ کُنہٕ دلیلہِ منٛز چھُو توٗہی اکوٗی جذباہ —— پرَی آسنہِ بیٚچھرِی تہٕ اِنسان بنُن پادشاہ۔

مطلب چھُ یہِ زہ لوکہ ادبَس منٛز چھُو ہمیشہ سیدٕین تہٕ سادہ جذبٕن ہُنٛد اظہار سپُدمُت- یہِ نہ اُکسی جایہ بلکہِ دُنیاہکس پزیٖتھ کُنہٕ قومہکس لوکہ ادبس منٛز چھیہِ یہِ کتھ مشترکہ- یِمَو لوکٕٹیو ضرورتَو تہٕ سیٚدِیو سادہ جذبو چھُ دُنیاہکین واریاہن قومن ہندِس لوکہ ادبس منٛز کیٚنٛژن تصوری چیزن، دلیلَن ہنٛزن لٕنجَن تہٕ جِنَن تہٕ پرٕین ہندٕین کارنامن تیٚوتھ ہشُر بخشمُت زہ باسان چھُ زنتہٕ ڈُنماریٚچھ دلیل چھیہِ سیٚوُدی

جاپان تہٕ جاپانٕچ ہنگری تہٕ ہنگری ہٕنٛز کشیٖرٕ واتھ منٛز۔ مثلن کشیرٕ
ہٕنٛزن دلیلن منٛز چھُ جمٕوس دٕرہ پٔرگ اٚکِس جایہ پٔنٹھ بیٚیِس جایہ
تام واتنہٕ خاطرٕ اِستعمال سپدان، عرب دلیلن منٛز چھُ اُمی کامہ
خاطرٕ جادٕی قالینہٕ اِستعمال سپدان تہٕ یورپچن دلیلن منٛز چھُ وُڈوٕنٕ
گُرٕ۔ کاشرٕ دلیلہ منٛز چھیٚیہ اکہ پرٛی سٕو یمِس کتھ کران کران آسہ منٛزٕ
لال تہٕ جواہر ہران چھہٕ، یورپچن دلیلن منٛز تہٕ چھیٚیہ اکہ پرٛی یمِسی
مٔتِس گنگنی دٕوان دٕوان لال تہٕ جواہر ہیٚوان چھہ تہٕ یورپچن دلیلن
منٛز تہٕ چھیٚیہ اکہ پرٛی یمِس کتھ کران کران سٕون ہران چھُ۔ طوطہٕ
بیٚیہٕ تہٕ ہیٚون چھہ دُنیاہکین واریاہن قومن ہنٛدِس لوکہ ادبس منٛز
ہمیشہ کامہ کران۔ کُنہِ دلیلہِ منٛز چھُ جنہٕ سُنٛد زُو طوطہ مُرِس منٛز آسان
کُنہِ دلیلہِ منٛز چھُ یُہُیہ کانٛسہِ جِنٛن شاپ دِتھ طوطہ بنوومُت آسان
تہٕ جنہٕ زُو وول طوطہ چھُ ہمیشہ مارنہٕ یوان تہٕ شاپ دِتھ پرٛی چھیٚیہ
ہمیشہ طوطہ مرہ منٛزٕ کُڈِتھ نِیہ سرٕ پنٕنٮ۪ن جامن منٛز اننہٕ یوان۔
غبر دُنیاہُس منٛز چھُ تہٕ ہاسو کاتھہ قوم یمہ کیٚن لوکہ ادبس منٛز تہٕ
"جنٛس آیہ مارٕ بوٚیے" اِستعمال سپدمُت آسہٕ۔ لفظ "مارٕ بوٚیے"
زنتہ حضرتِ آدمن پانہٕ گوٚرمُت چھُ تہٕ گرِتھ پننٮ۪س پرٛیتھ کانٛسہٕ گوٚبرس
کوٚن پاوٕنہ پاوٕی یاد کوٚرمُت چھُ۔

دیان چھہ اٚنٛدوک (لیامت) ادب چھُ بالغن تہٕ لوکہ ادب چھُ

نابالیغ ۔ گوٚ زن یتھ کُنہ شُر چھ سیٚود تہٕ سادہ آسان تہٕ بُڈ تھ چھس
سرٕ سیٖر تہٕ گنہٕ بیر یوان، یتھے کٔنۍ چھُ لوکہ ادب سیٚدی سادہ جذبہٕ پیش
کران تہٕ اُزلوک (دیکھت) ادب سرٕنیٚ گوٚڈ تہٕ دیرہٕ کٔی جذبہٕ پیش
کران ۔ یوٚن چھُ مگر امہٕ کتھ کوٚرہ زہ لوکہ ادب اُزکہ ادبہٕ نشہٕ کم پاے
ثابتھ ۔ یتھہٕ کٔنۍ شُرۍ سُند وڈھ وانُنچہٕ اُسُن، گانٹھ بیرہٕ خاطرہ ودُن تہٕ
اُڈکچہ اُڈکچہ کتھہ اِنسانس پریتھ وزہٕ تہٕ پریتھ وقتہ خوش چھ کران؛
یتھے کٔنۍ چھُ لوکہ ادب تہٕ اِنسان سنٛزِ ذہنی زندگی پریتھ وقتہ تہٕ پریتھ
وزہ فرحت واتناوُن ۔ یتھہٕ کٔنۍ گھرٛیس منٛز چھ شُریس لولہ متہٕ لے کران
یتھے کٔنۍ چھُ ادبہٕ کیٚن فلسفہٕ خانن منٛز تہٕ لوکہ ادبس ماپہ ہرٛشُو اپھو
وچھنہٕ یوان تکیازِ لوکہ ادب چھُ امہِ پرٛانیس اِنسان سٕندیٚن ذہنی
ووتلن بچن ہنٛد نیٚب دِوان، یہ چھُ پرٛانِس اِنسان سٕندِ سماجی
ووتھ بیٚٹھہٕ ہنٛدِ پنے وَنان تہٕ وادیاوٕ لٹہٕ وُلتھ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ
ویرٛھنت تواریخی واقعن ہنٛد ثینتھر دِوان ۔

لوکہ ادب چھُ پریتھ کُنہٕ جایہٕ ہنٛد اکھ اُکس سیتی ملان میلان
مگر امہٕ وراے چھیہ کینٛہہ دلیلہ تمہٕ بہہ آگرہ نیرتھ جایہ جایہ پھیرٕ ترٛ
چھیہ تہٕ تمن جایَن تہٕ ہیٚنُن اول لوٗرمُت چھُ ۔ "یوسف زلیخا" چھیہ
دراصل مصرُچ دلیل ۔ مگر یہ دلیل چھیہ کشیرِ منٛز تہٕ لولہ سان
تہٕ پانناوہ سان ونہٕ یوان تہٕ ... ، ولایتہ ...

ہندی قصہٕ چھ دُنیاہکِس پٲٹھ کُنہٕ قومس نِیوٚو پٮ۪تھ پٮ۪ٹھ تہٕ ونہٕ
چھُ یوان نہٕ ہی مال ناگہٕ ٹلے چھیٚہ کشیرِ منزٕ نیرِتھ منگولیاہ تہٕ چینس
منزٕ تہٕ ونہٕ یوان۔ مطلب چھُ یہ زِ جذبٕن ہنٛد شُوژرٕ تہٕ سیٚژرٕ
چھُ اِنسان ذُرِس اکھ اَکِس نکھہٕ تیوٚت انان زِ اکہِ قومٕچ کتھ
چھیٚنہٕ بیٚیِس قومہٕ کیٚن نفرٕن اکھ رٔژھ تہٕ دوپہٕ باسان۔ یہ بجرتہٕ
کھژرٕ چھُنہٕ لوکہ ادبہٕ ورآے بیٚیِہ کُنہِ ادبس نصیب تکیازِ اِنسان
سُند ذہن، تیٚنہٕ بالیغ سپدِ تہٕ اَتھ منز سرنیٚتر ہُرِتھ تیٚتہٕ آیہِ
نظرٕن منز تیٚتر تبدیلی زِ چیٚنٛج کتھ چھیٚنہٕ یتہٕ وِیان تہٕ ییتچ نہٕ
ایرانس منز

بہرحال دُنیاہکیٚن مختلف قومٕن ہنٛد اصل رُوح ہیٚنہٕ خاطرٕ
تہندِ موٗلی سونچِک تہٕ وِلوٚہ ہارِک، فلسفک تہٕ دوتھ بیٚٹھ ہندِ
آگرُک نیٚب ہیٚنہٕ خاطرٕ چھُ لوکہ ادبی لوٚت اکھ ذریعہ یمیوٗک
اسہِ مطالعہ پزِ کرُن۔ اَزلوک ادب چھُ سُنہرِ تہٕ گوبرِ کی ملایہٕ
کھائِت گاہے گاہے مقصدٕ نِشہٕ دوٗری کران۔

لوکہ ادب چھُ اَزِکِس فلسفہ دان سُند مضموٗن۔ پتھ کالہٕ
ادس یہ ہمیشہ پیٚس پُتھ یوان نزادہٕ تہٕ اَتھ عمومٕچ ترٕن
ہندِ دِل خوش کرنُکی کام وابستہ کرنہٕ ورآے بیٚیِہ کانہہ اہمیت
دِنہٕ یوان۔ مگر کنہ آہمہ عیسوٚ صدی منز ہیوتُن یوٗرپس منز اَتھ

فنس متعلق تھ تھ ٹیڈن ۔ فلسفہ دالو دیوت فتوا زہ اِنسان
ہنز سماجی توآریخ دیژ ھنادت سمجھنس منز ہسا لگہ لوکہ ادب سیٹھاہ
لکار۔ چنانچہ اُٹھ صدی منز ہیژک لوکہ ادبس نسبت سنجیدگی سان
پڑآئے گرنی۔ یورپہ کس اَکس بہلہ پایہ زیاندان مسٹر گوم سُند بیان
چھُ زہ لوکہ ادب ہسا چھُ سُو سایئنس یُس اُزکہ وقتہ پرائین زمانن
ہندین اِنسانن ہندین اعتقادن تہ رسم رواجن سیتی زانکاری حاصل
کرنس سیتی تائق چھُ تھاوان۔ چنانچہ اُٹھ صدی منز سپد لوکہ ادب
جمع کرنک تہ پرنک تیوتھ شوق زیادہ زہ یورپس تہ امریکاہس منز
بنیاد وارِیاہ لوکہ ادب سوسائیٹی تہ ۱۸۸۹ء عیسوی منز بلاو پیرس
(فرانس) منز لوکہ ادبہ کینو طالبو اکھ سپیشل کانگریس ییتھ منز
امہ سائنس کین مسلن پیٹھ بحث مباحثہ آد کرنہ۔

دیان چھ زہ جرمنی ہندس گرم بارن چھ گوڈنکی اِنسان یمو یورپہ
چہ دلیلہ جمع کرِہ تہ تمن نسبت سائنسی نقطہ نگاہ کنی غور و خوض
کورکھ۔

گنوہمہ عیسائے صدی ہندس آخرس پیٹھ آس لوکہ ادب جمع کرنچ
تہ امیوک مطالعہ کرنچ تحریک سیٹھاہ عام تہ مقبول سپزمژ۔ یوتھ
پیٹھ آس گتھ وازمژ زہ کینژن یورپی مُلکن منز آسی مدرسن منز
شرین دلیلن تہ گنڈیتھ ہندِہ ذریعہ علم پرناوان۔ تکیازِ ونہ اوس

پوان نہ اَتھ ہیٚنٛژ منٛز اکھ شُرِس یکدم سبق فِکرِ تران ،
بیٚٹھِتھ چھُس یاد وٕتھ روزان۔

اَمِ صدی ہندِین آخری وَرین تہٕ وُنٛہمہِ صدی ہندِس گوڈہ کالس
منٛز آے ہندوستانس منٛز تہٕ واریاہ انگریز PHILOLGIST تہٕ LINGUIST
یمو ہیٚنٛژ ہندوستانکین مختلف علاقن ہنٛزٕ دلیلہٕ ، بأتھ تہٕ گنٛدی تیمہٕ
جمع کرِتھ تہٕ چھاپہٕ۔ چنانچہ رائل ایشیاٹک سوسائیٹی کرِ بنگالی، پنجابی
تہٕ ہندوستان کین باقی حصن ہند لُکہ ادب انگریزس منٛز کہو
دیسی زبانین منٛز چھاپ۔

اَتھی دورس منٛز آے کشیرِ تہٕ نولز، گریرسن تہٕ ڈاکٹر سٹین
ہیٚتھی عظیم شان عالِم یمو سانیہ زبانی ہندِین خزانن ٹھانہ تُلِتھ تہٕ اکی
جواہر دُنیاہس برونٛہہ کنہِ تھاوِ کھ۔

نولز اوس عیسائے مذہبک تبلیغ کرن وول مگر مذہبی عالِم
آسنہٕ علاوہ اوس اَمِس زبانین ہیٚتھی خوبے موے۔ کشیرِ منٛز
روزِتھ سپُد اَمِس کأشرِ دلیلہ سۆمبراونک شوق۔ یہ چھو اُکس
جایہ بیٚٹھس جایہ تہٕ اکھ لٔبن کینٛہہ تم اِنسان یمن دلیلہ ژیٚتس
آسہ تہٕ اَمِس وننکھ۔ دلیلن ہند سۆدرٕ وچھت گۆیہ حأران
تہٕ چھِہ کتابہٕ "FOLK TALES OF KASHMIR" ہنٛزٕ گوڈہ کتھہٕ منٛز
چھُ یہ گوڈنچ سطر لیکھان زہ خأنلی آسہ دُنیاہس کأنٛہہ زبان

پتھ یوٗت وسیع لۄکہ ادب چھُ یوٗت کاشرِ زبانہِ چھُ۔ مگر
یہِ دراو نہ انزتام دُنیاہکیٚن لۄکن برونٛہہ کنہِ دلیلہِ وجہ۔ اکھ
یہِ زِ کاشر زبان چھیہ ہندوستانچیو باقی زبانیو کھوتہ جادٕ
مُشکل تہٕ دوٚیُم یہِ زِ کشیٖر چھیہ کوہٕ ژٔٹ تہٕ بالوٚ ہیتو دُلتھ
تہٕ سخت ونہٕ آسنہٕ کِنی چھُ یودٕ یُن گژھُن مُشکل پیٚہان۔

بہر حال یہ سپُد کامیاب یتہٕ چھیہ دلیلہِ جمع کرنٕس منٛز تہٕ
تِمن انگریزی ترجمہ کٔرتھ چھاپنٕس منٛز۔ ییٚمہ چھیہ اہنٛز کتاب
پنٛنہِ کِنی پُرمژٕ۔ اعتراض ہرتھ ہتا چھیم۔ أمہِ چھُ کاشرین دلیلن
منٛز اکھ کِردار "راکھشس" بیٚیس کوٗرمُت۔ راکھشس چھُ یُزی پاٹھۍ
ہندوستانی لفظ مگر استعمال چھُ سپدمُت تمہِ طریقہ زنتہ یہ کاشرِ
پاٹھۍ تہٕ أتھۍ تلفظس منٛز چھُ۔ اعتراض چھُم یہ زِ کاشرین
دلیلن منٛز چھیہ ما فوق البشری کِردار ڈانٛن، جِن یا دیو۔ راکھشس
چھُنہٕ زانہہ۔ نۄلزن چھُ یاتہٕ تمۍ ناوٕ اندرِ کِنہٕ ناوس راکھشس
ترجمہ کوٚرمُت نتہٕ چھُس ونن وول سنسکرت دان اوسمُت تہٕ
تمۍ چھُ یہ لفظ نۄلزس دوٚپمُت۔ اعتراض چھُنہٕ یتھہ کِنی لوکُٹ
کیٛنہہ مگر اہم چھُ ضرور۔ ممکن چھُ میون اعتراض آسہِ غلط۔

'HATIM'S TALES' امہِ کِتابہِ پتہٕ آیہِ دوٚیُم اہم کِتاب
چھاپ کرنہٕ۔ حاتم تِلاوٕنی اوس پننہِ وقتہٕ مشہور کتھ گور۔

یہ اوس خاندٲنی خُندرَن پٮ۪ٹھ مجلسن منٛز یِوان نِنہٕ تہٕ تِمَن مجلِسَن منٛز یِہ اوس دلیلہٕ وَنان۔ ڈاکٹر سٹاین گوٚ اُمِس نِشہٕ تہٕ اُمِسی نِشہٕ بوٗزِن کینٛہہ دلیلہٕ۔

ڈاکٹر سٹاینن چھیہ بڈٕ احتیاط سان حاتم تِلوانٛج دلیل وَنہٕ پیچ تلہٕ تراو تہٕ لفظن ہنٛز آواز نوٹ کرمٕژ۔ تِمٕو چھیِنہٕ پانہٕ کینٛہہ کرٕنی ڈاکھمٕژ۔ اَمی کنہِ چھیہ حاتم تِلوانٕنی دلیلہٕ از تہٕ سونہٕ تہٕ بمیرزٕلہٕ ہیشہٕ تازٕہ۔

یہ چھُ بُرونٛہی وَنہٕ آمُت زِ دُنیاہکِس لوکہٕ ادبس چھُ پانہٕ وٲنی تیوٗتھ واٹھ زہ واقعات، پلاٹ تہٕ کردار تام چھُ مشرق مغربہٕ رلان۔ یوت زِ نولز چھُ کاشراکھ دلیل لیکھان زہ یہ ہسا اوس شخصاہ، یھوے بیوٚٹھ ڈوٗنی کُلِس اُکِس ہیٚتی ڈوٗکھ دِت سوٚنچنہٕ زِ خدا کوتاہ بیقل چھُ ڈوٗنی کُلِس چھُ یوت لوکُٹ میوٕہ گرٕتھ دٲونی کُلِس ہیٚوٗن۔ یہ سوٚنچت کرٲ اُمی خدایہ سنٛزٕ بیقلآزی پٮ۪ٹھ اَسہٕ ہنا۔ قدرتِ خدا اُتھی اندر پیوو اُمِس ڈوٗنی کُلہٕ پٮ۪ٹھہ اکھ ڈوٗن سیٚود تالہٕ پٮ۪ٹھ۔ اُمی کھیٚیہ ووٹھ تہٕ خدایس کٔر شُکراہ کرٕتھ لوٚگ وَنہٕ۔ "جانی گوٚ خدایَن چھُنہٕ ڈوٗنی کُلِس الہٕ سوٚمب میوٕہ بخشمُت نتہٕ ہیٚے شوٗٹھس کھاسر پھٕٹرہا تہٕ۔ وائے خدایہ کوتاہ کاٹُل چھُک"۔ نولز چھُ وَنان زہ یہ دلیل ہسا چھیہ

یِتھےٚ کُنۍ تہٕ اَمِ اندازٕ چھ من نہ بأنٛز منٛز تہٕ۔ بیاکھ دلیل چھیہ کأشر
پأٹھۍ نِہ یہِ اوس اکھ شخصاہ اُمۍ سِی اُس آشیخ دوٚہے
ہَر لاگان۔ دوٚہہ اکِہ آو یہِ تنگ تہٕ دوٚپُن بُہ گژھہ تہٕ کوٚلہِ
ژھنٛنہِ پان۔ یلاے ژٕھنُن اکِ ساتہٕ گژھہ موٚکلِت۔ یہ دراو
تہٕ ووت کوٚلہ بٹھِس پیٹھ۔ تۄ درتہٕ خدا اَتھ کوٚلہِ منٛز
شہبأزاہ اکھ یرہ پرہ وسان۔ یہ وُچھت آو اُمِس شخصس
عارہ ہیوٚ تہٕ یہِ گو اُمِس شہبأزس۔ حال پرژھنس تہٕ
دوٚپنس " ووٚنۍ کیاہ چھےٚ ژےٚ دواہ یمہ سیتۍ ژٕ بچکھ؟"
شہبأز ووٚتھس "میہٕ گژھہِ اِنسان رٹھ آسُن، بہ چھیہ تہٕ
اَدٕ گژھہِ ٹھیک"۔

اُمِ شخصن ووٚنُس۔" ولہِ میونۍ رٹھ چھیہ۔ بہ تہٕ
چھُس آمُت کوٚلہ پان ژھنٛنہِ۔ ولہِ ژٕ ی مار مےٚ، بہ گژھہ
آزاد تہٕ ژٕ بچکھ"۔

مگر شہبأزہ ووٚتھس۔"ژٕ کتہٕ چھک انسان۔ چانہِ رتہٕ
سیتۍ بچہٕ بہ"۔ یہِ شخص گو حأران تہٕ پرٛژھُن اُمِس شہبازس
"انسان نتہٕ اَدٕ کیاہ چھُس بہ؟"

شہبأزہ ووٚتھس۔"ژٕ چھُک کٹھ۔ پرژھ نےٚ بیٛیی رٹھ
یہ میأنۍ تیر۔ اَمِ منٛزۍ وُچھ پانس کُن ژٕ لبکھ پانٔے"۔

اُد شخص ئُٹ پہ تیر تہ وُچھن امہ مُنزی۔ اُمس آو
منٛو پان کنٛھ لبنہ۔ پہ ووتھ اُمس شہپاڑس کُن۔ ”ہے
دِکھ تا پہ تیر مٔنے دِیُو بہ وُچھک باقی لوک نہ۔“
شہپاڑن وڈنس۔

پہ شخص دراو تہ گو گھرہ۔ اتہ لاٗجن تیر اُچھ سیٹود
تہ ڈیشن پننہ آشنہ کُن نظر۔ پہ آیس ہاپش دشنٹھو۔ اُمی
گُڈہ پہ وچھت کُنی دَو تہ سوچن۔ ”یا رخدایا شوتھ کتھ کُنی چھُ
انزتام بچومت۔“ یاندرس بیٹھ چھُ پہ سارنی وتہ بکھ ونین امہ
تیرہ مُنزی وُچھان۔ اُڈی چھس ہاپت باسان، اُڈی سہہ، اُڈی
کاو تہ اُڈی ہُونی۔ پہ چھُ ڈلان۔ آخر آیس اکھ ننانہ
گب بوزنہ۔ پہ گو تہ کوٗرن اُمی سیتی خاندر۔ اِدہ پتہ
کوٗرن آراماہ۔ دپان پہ دلیل چھیہ پتھے گُنی ایرانس منز ونہ
یوان۔

خاوہ وتھ چھُ پہ نہ دلیلن ہندہ یانہ وٲنی داکھ آسنہ کنی
چھیہ دلیلن ہنز خانہ بندی آمژ کرنہ۔ مثالن پرپہ دلیلن
ہُند خانہ، وفادار جانا ورن نہ پوشین ہنزن دلیلن ہند خانہ،
بے وفا شُرین، یاین یا دوستن ہنزن دلیلن ہندہ خانہ بیتری۔
چنانچہ گاٗشرہ دلیلہ تہ چھیہ یمنی خانن منز باگرنہ آمژہ

تہ خانٕن منٛز ؤگرِتھ چھُ یمن ہنٛد مقابلہ دُنیاہکٮ۪ن باقی قومن
ہنٛزن دلیلن سٟتی آمُت کرنہٕ۔ امہٕ سٟتی چھیہ سہولت پیہ
واتہٕ ہنٛز زہ اکھ چھُ لوٚن درامُت زہٕ کم کم دلیلہ چھیہ یہ صرف
کشیرِ منٛزی یا زٕہ چھیہ۔ دوٚیم زہ تمہ دلیلہ پمہ ادہ یوٗرہ
ملہٕ ژارٕن اکہٕ جایہ بیٹھ بیٚیس جایہ نیمژہ چھیہ نمن ہندِس
رٕوہ لگانس تہ پہیس موہرس پیٹھ کُس اژ چھُ کشیرِ
منٛز بیومُت۔ چنانچہ کیشرن زاتی کارن ہنٛد ونُن چھُ زہ
ہی مال چھیہ اُسمہٕ ہٕنز آریہ شہزادی تہ ناگ راے چھُ اوسمُت ناگ
شہزادہ (ناگ چھہ تمن لوکن ونان یم آریاہن ہندِ۔ پور ہہ
برونٛہہ کشیرِ منٛزہ روزان اُسی تہ یہندی نٕزی پُترِ کیشرن
لوکن ہندی کنٛزِ یتیکی واتل چھہ)۔ دپان یوٚنکہ یمن دوٚن قومن
اوس پانہٕ واتی جنگ لوے اوس یمن عاشقن ہنٛد پانہ واتی میلُن
گیلُن ناکارہ تصور سپدان۔ تہ اوے پیوو یمن عشقہ خاطرہ زوٗ
قربان کرُن۔

پتھے گژی چھیہ "اکہ نندن" تہ "لال مال" تہ چھیرہ کاشرہ
دلیلہ مانہ پوان۔ لال مال دلیل چھیہ یُتھ دلیلن ہندِس
تتھ خانس منٛز پوان یتھ منٛز دُنیاہکٮ۪ن باقی قومن ہنٛزن دلیلن
ہنٛزن ہیرِن اُسہ منٛزہ یا مستہ منٛزہ لال جواہر یا سون سران چھُ۔

کاشرِ زبأنی ہندِیں لوکہ ادبکیں دلیلہٕ بأگیں کُن پیٹھ گوڈٕ
گوڈٕ ولایتہٕ تہٕ یورپہٕ کینی عالمَن نظر تہٕ یتھٕ کٔنی گوڈٕ چھُ ونن
آمُت مسٹر نولز تہٕ ڈاکٹر سٹاین اأسی گوڈٕکی اِنسان یمو یِم
دلیلہٕ جمع کٔرِتھ دُنیاہس بروٚنٛہہ کنہٕ تھاوِ۔

مگر امہٕ بتہٕ سپنِ نہٕ اَتھ ہنہٕ کُن کأنسہٕ تہٕ اتھکل۔ کأشرِ
زبأنی منز اوس نہ نثر لیکھنُک کانٛہہ رواج تہٕ یتھٕ کٔنی نثرِکی
باقی شوبہٕ گُم تہٕ غأب اأسی یتھے کٔنی اوس نہ دلیلہ سوٚمبراونکھ تہٕ
سوٚمبرأوِتھ چھاپنک تہٕ کأنسہٕ ضرورتی ہیوٚہ باسیوٚمُت۔ تاہم
اأس کانٛہہ کانٛہہ دلیل کأنسہٕ کأنسہٕ گونماتن نظم کٔرِتھ تھأوِمژ۔
چنانچہ محمود گأمی یُس یوسف زلیخا، مقبول شاہ کرالہ وأری یُس
گلریز، وہاب کھارُن اکہ نندن، بیتری اأسی عام لوک گأمی کہنو
شہأری بران تہٕ پرن والین نشہٕ بوزان۔ امہٕ علاوہ اأسی کینژھ گرٕ
آسان۔ یِم خاندرن خندرَن بیٹھ یا وندس منز کأنسہٕ ڈیکہ جلہ سندِ
گھرِ رأژس کیتھ بوزناوان اأسی۔ یمو دوٚیو طریقو تھاوِ کشیرِ
ہنزِ دلیلہٕ زندہ تہٕ عام لوکن منز تِمو کھ مذاق قأیم امہٕ علاوہ
اأس نانی بُڈٕ بب تہٕ مأج تہٕ بمہٕ دلیلہٕ شُرین ڈُنتھ اَتھ خزانس رأچھ کران۔

امہٕ علاوہ کوٚر حکومت جموں و کشمیرن سنہ ۱۹۵۷ء منز
انفارمیشن ڈیپارٹمنٹس منز "لالہ رخ پبلی کیشنز" ادارہ قأیم۔ اأمی

اِدارن کرِ کأشرِ زبأنۍ منٛز کیٚنٛہہ کِتابہٕ چھاپ۔ اَمی اِدارہ کہِ طرفہٕ دٕرایہٕ ترٛێن پمفلیٹن منٛز گوڈنکہِ لٹہٕ کأشرِس نثرس منٛز کأشرِ دلیلہٕ۔ یِمن پمفلیٹن منٛز چھپایہٕ لوٗن ہُرتریٚنٛہہ دلیلہٕ یِمہ نور محمد روشنن جمع کرِتھ لیچھمِژ چھیہ۔ دلیلن ہنٛدین یِمن ترٛێن پمفلیٹن چھُ "پوشہ تھر" ناو۔

از چھیہ دوٚیِمۍ جموں کشمیر کلچرل اکادمی ہنٛدِ طرفہٕ دہن دلیلن ہنٛز گوڈنچ کِتاب توٗہہ بروٚنٛہہ کنہٕ۔ کلچرل اکادمی ہنٛد پروگرام چھُ یِتھ وٕرِیہٕ دلیلن ہنٛز اَکھ اَکھ کِتاب پیش کرنۍ تہٕ اَمہٕ طریقہٕ کشیرِ ہنٛزِ سارے دلیلہٕ جمع کرِتھ محفوظ کرنہٕ۔

یِتھ کِتابہٕ منٛز جمع دلیلن ہنٛدۍ سوٚمبراون وألۍ چھِ اَکھ لشکر بھان تہٕ بیٚیہٕ اختر محی الدین۔ دلیلہ پرِتھ لگِہ توٗہہ پتاہ زِ یِمن دلیلن ہنٛدِ ونٕنکھ طریقہٕ چھُ اَکھ اَکِس نِشہٕ بیوٗن۔ تمیُک وجہ چھُ یہٕ زِ اَسہِ چھیہ بیوٗن بیوٗن اِنسانن نِشہِ یِمہ دلیلہٕ بوزمژٕ تہٕ یِمہ طریقہٕ تِموٚ چھیہ وَنہٕ مژٕ تمہِ طریقہ چھیہ اَسہِ لیچھمژٕ۔ دلیلہٕ ونَن والین منٛز چھُ اَکھ سُہ اِنسان ییٚس ژھنکِس تہٕ گامن گٕنٛڈلین منٛز ڈیکھ پیٚٹھ بہت تمبخنأر بروٚنٛٹھہ کنہٕ تُلِتھ بوزن والین ونان چھُ تہٕ مُنٛزی مُنٛزی نثرس سیٚتی بأتھ ہنا تہٕ ونان چھُ۔ یِتھوٚی یہٕ نٕزرہ کرِتھ دِت تہٕ تمبخنارہٕ ژٕنٛڈ دِتھ ونان چھُ۔

یکان یکان تھوکس تہٕ لوسس

بوزن واٲلۍ چھ جھکرٕ تُلان —

کانگرِ لوسُم نار

دِنَن وول — بارصاحبو

بوزن واٲل — کانگرِ لوسُم نار

امہِ طریقہٕ دلیلہٕ وَنہٕ نکھ طریقہٕ چھُ کشیرِ منز سیٹھاہ پرون۔ چنانچہ حاتم تلووٕنی تہٕ اوس امی کالکھ۔ دوٚیم طریقہٕ یُس یتھ رکتابہ منز درتادنہ آمت چھُ، چھ نانہٕ ہِنٛد یا ماجہٕ شرس خوش کرنہٕ بابت دلیلہٕ وَنہٕ نکھ طریقہٕ۔ سو چھینہٕ اَتھ ییتی ییتی باتھ ہنا گیوان بلکہٕ روٲنی یکان۔ اتھ طریقس منز چھیہ یقینن اسہٕ ہنٛز لفظہ ژاٛیہ مگر کوشش چھیہ روزمرٕ زہ ساٲنی یہٕ دلیل گژھیہ تویہٕ تام ہتھے گنیٛ تہٕ تُتہٕ رنگس رٕوپس منز داتنہٕ یتھ گنیٛ تہٕ یتھ رنگس رٕوپس منز اسہٕ یدزمرٕ چھیہ۔

بہرحال یمہٕ دلیلہٕ یدِ ﴿ اَسی دُنیاہچن باقی قومن ہنٛزن دلیلن ہنٛدین خانن برٛونٛھ تیلہٕ ییہ "ہی مال ناگرٕ رائے" عشقہ دلیلن ہنٛدِس خانس منز یتھ منز "یوسف زلیخا"، "لال ہتہٕ مجلون" "شیرین فرہاد"، "رومیو جیولیٹ"، "ہیر رانجھا" بیتری بوان چھیہ۔ "سنہ کیسر"، "ترہِ کنتھل راہٕ داٲنی" ہتہٕ "زِہ گنڈ گزی مار" ہین

دِلیلَن ہندِس تتھ خانس منز ییٚنتہٕ غریب کورہ ییٚنہٕ عقلہٕ تہٕ شوبہٕ ہیٚتھ پادشاہ بایہٕ بنان چھیہٕ۔ "ہیٚنش مراد"، تہٕ زہ بایہٕ" دلیلہٕ چھیہٕ لالچی بایَن ہنزن دلیلَن ہندِس خانس منز پیوان۔

وومید چھیہٕ زہ یہ کتاب بازرس منز یتھ ہیٚرہ کشیرِ ہندیٚن بہلہٕ پایہٕ ادیبَن یمہٕ زبانہِ ہنزہ باقی دلیلہٕ جمع کرنکھ تہٕ جمع کرتھ جادہ یٚتی پاٹھی پیش کرنکھ شوق۔

سرینگر

اختر محی الدین

# ترتیب





# ہی مال ناگی راے

بلاوِرہ شوٗپیٚن علاقس منٛز، یتھ یلہ پوٗر وَنان چھ، اوس وزیر
شِرہ مالہِ ہنٛد۔ یہ علاقہٕ تہ چھ شوپیٚنی منٛز ناو اوسس سدارام
سدارام اوس اوسودہٕ حال، مگر اولادہ اوسس نہ کینٛہہ۔ دۄہا
اکھ چھ یِنان یہ اوس دربازہٕ پیٹھ والیس پوان وتہ سمکھیٚیس
بڈاہ اکھ۔ اَمہ وۄنُس ریٚمیا؟ سدارام چھس وَنان ژٕ کوسہ
چھک؟ یہ بُڈ چھس وَنان بہ چھس تِنکس بُڈ۔ سدارام چھس
درجواب وَنان میٚہ چھیہ گرہِ گرواچیٚن بہ پرژھہ تمِس تہٕ بہ وچھہ
سو کیٚاہ دَنیم۔ آخر یٚیلہِ سدارام گرٕ وۄت اَم وۄن گرہ۔
زنانہٕ اَمی ستنٕ کوٗر سوٗنچاہ۔ سوٗنچ کرِتھ وۄننس، دَپس اَدٕ
کیٚاہ یہ۔ امہٕ سوٗنچ دُنکینس چھ لوکٹ۔۔ مُصیبت اگر کُنہٕ
قسمہٕ پیٚیہ تہٕ ہیٚکوٚ برداشت کرِتھ۔ بجرس منٛز کوٚت واتو۔
آخرس چھ سدارام وَنان اَمِس بجہ اَدٕ کیٚاہ یہ۔ گرٕ یٚیلہ
وۄت اَتہٕ دُچھن نہٕ کُنہٕ کینہہ۔ پرٕیتھ طرفہٕ چھ دُچھان شکسن
نال وۄلمت۔ سدارام چھنہٕ دۄپہر تامتھ نندرِی ووتھان۔

منٛزٕ گوٚ گیوٚنٛزٕ کالاہ یمٕ چھُ بوٚڈ دوہ۔"ڈِوٗئی"۔ یہِ زنانہ چھُ سدارامس ونان گرٛھک نازٕ تہٕ دِویہ، دِلوٕ بھگوان اسہٕ پہٕ شِکس کاسہٕ۔ سدارام چھِس ونان ژھرِلیوٚ اتھوٚ کوٚت گرٛھہ ترِ کیاہ کرٕ۔ پہٕ چھس ونان یہٕ ژیٚہ گرٛھی تہٕ دِمے بو۔ اَمہٕ پتہٕ چھِس زنانہ سوٚت موٗتھُ کھنڈ، توٚملہٕ سیر کھنڈ تہٕ مونگہ پاد اکھ ہیتی دِوان تہٕ سدارام چھُ نیران۔ واتان ووٚت تارہ بل۔ تارہ بل ترِ چھُ شوبینی منٛز اکھ گام - اوتہٕ ژیدٕ ییلہٕ ووٚت تانتھوٚ، لوٚگُن ژود۔ یہِ ژود وُچھت چھُ ودان ودان سدارام ونان۔

تارہ بل تران یاران لوگُم بار خدایو لولو تای ہائے
یکان یکان تھکُس تہٕ لوٗسُس کانگرٕ سوٗریوم نارہ
یار صاحبو کانگرٕ سوٗریوم نارہ
ہا میانہٕ صاحبو کانگرِ سوٗریوم نارہ
کوٚلو گرٛھیو کانگرٕ سوٗریوم نارہ

سوٗنچاہ چھُ کران، اُمِس اوس اَتھ گامس منٛز یارہ اکھ روزان، خیال کوٚرُن ووٚنی گرٛھہ تمِسی نِش۔ اُمِس یارس اوسس ناو گوبندرام۔ سدارامن اوس اُمِس یارس وقتہٕ وقتہٕ کافی امداد کوٚرمٕت۔ موٚختصر چھُ یکان یارہ سُند گرٕ کُن۔ یہِ سمکھس

وَنتہٕ۔ یہٕ اوس داتھ لاگان۔ گوبندرامس یامت سدارامس کُن
نظر بیٚیہٕ یہٕ وُچھُن حبندُس یاہ ترٛکھ لاگیتھ۔ دپان چھُ افسوس
داتھ گرٛشہنہٕ وُوٛنی کھرکھ کھینی۔ اُمی کرٕ کام اُمی پھرنی بیٚیس
اندس کُن داتھ۔ تامت آیہٕ گوبندرامُس گرٛہ واجین بتہٕ ہٕن ہیٚت۔
گوبندرامن کرٕ کام تھرکرٕن سدارامس کُن تہٕ یہٕ بتہٕ تھال
نیوٚن کھینتھ۔ یہٕ زنانہٕ اُمنز چھُ اُمس مُسافرُس تھلہٕ تھلہٕ
وُچھان، پرٛزہٕ ناوان چھُس نہٕ کینہہ۔ موٚخہر چھُس پرٛزہٕ ناوان۔
خاندارس کُن چھُ ونان یہٕ ما چھُ سدارام۔ یہٕ چھُس ونان اُمس
ہیتی مہٕ کرٕ کتھ یم داتھ کھیٚن کھرکھ۔ یہٕ زنانہٕ چھُس ونان ہتا
سُہ وقت چھُی نا یاد ییٚلہٕ یہٕ اسہٕ اُتھہ روٗٹ کران اوس۔ سدارام
چھُ قدم یمن کُن پوان۔ بلکہٕ چھُ ایہنزہٕ کتھ تہٕ بوزان۔
توہ پتہٕ چھُک ونان۔

نوٚس تہٕ پرٛانِس حساب منگہِ یے
ہیٚو گوبندرامو لولہٕ تاٹھی ہاے
یاد کونہٕ سپہ کینہہ تہٕ رُودی
ہیٚو میانہٕ یارہ لولہٕ تاٹھی ہاے

موٚخہر چھُ گوبند رامنی آشیٚن سدارامس نزہٕ تھپ کران تہٕ بوزان
گرٛہ۔ اُمس اوس پنہٕ اَمہٕ وِزہٕ گرس منز کانہہ چیز تیار۔ یہٕ وُرٛتھ

جَل جَل تہٕ ہیُوتُن سدارامنہٕ باپتھ کھر تیار کرُن۔ سدارام
چھُ تھمس پیتی ڈٲکھ دِتھ بہتھ۔ گویند رامنہٕ آشینہٕ گرٲئ کٲم
اُمِس اوس محنتہٕ ہار۔ یوہَے دِتنَ سدارامس، دُوبینس پیتھ کرتہٕ
تامتھ پن۔ اَتھ تھمس اوس نقش کرِتھ، تصویرٕ بنادِتھ۔ اُمی
تصویرن کھیُو پہ محنتہٕ ہار۔ سدارام چھُ ہُتھ ہُتھ دِوان گویندرامنِ
گرواجِین چھُ کھر تیار کرِتھ شہلاونہٕ باپتھ تھالس منز تراوان۔
اورہٕ آو جاناوار اُمی کوٗر پہ ژھیٹ۔ امہٕ دیُت پہ دارِتھ امہٕ پیتہٕ
لوگُن بدل۔ تٲنتی آیہ پہ سدارامس رِنشہٕ اتر دُچھُن پہ وِدا۔
دبینس کیاہ با ز۔ پہ لوگُس ونِنہٕ چھک نا بی لوزان محنتہٕ ہار
کھیُو یمہٕ شکلہٕ۔ پہ چھ خیال کران، ہتا اُمس بچارِس چھُ
مُصیبت آمت۔ اُمس دارو اسی واریاہ۔ ہُوتھ کُنی نیون تہٕ
پیتھی کُنی نیون۔ پہ چھس ونان اُنس بلاَے دُوٗتی کیاہ گوٗ مو خصر
دوٗننس تہٕ کینہہ۔ دوہ دوہ چھُ گرٛشان اکہٕ دُوہ دوٗننس
گرٛشک نا داندن۔ سدارامن دوٗننس اِدہ کیاہ۔ امہٕ دوٗنشس
بیپہ کرِتھ کٲم سیٗون تہٕ اونتھ توٗرے تہٕ زٲون تہٕ۔ امہٕ
سُورٕ پنہٕ جایہ زِہ نہ بنیس زٲون کنہٕ تہٕ نہ بنیس سیٗون
کنہٕ، اُمس بیہہ رُوب پہ ژلہٕ اپارِی۔ مو خصر ڈراو پہ داند
لاگنہٕ، داندو دوہ یُو گرٕ ٹھولہٕ ٹھول، اَلہٕ بابہٕ گیہہ پھٕلی۔ سدارامن

کٔر کأم الہٰأنی تِمَن زٕنٕ گیڈرہ بدلہٕ تہٕ پھیوٗر والیٖن۔ گوٗنیدرأمنہٕ
زنانہٕ چھِے اتہٕ سدارامس جواب کران۔ ہیٚتھ چھُس دِوان سوٚت
بستہٕ ہناہ۔ پُلو وغیرہ چھُس بدلاوان ہمس وغیرہ چھُس کأسہ ناوان۔
امہٕ پتہٕ دراو سدارام۔ سوٚت بستہٕ تھوٚو سدارامن گوٚل پانس
کُن سوٚتی لوٚکاہ بوٚکاہ چھُ کڈان تہٕ کھیوان۔ گرٕ گوٚ نہٕ کیٚنہہ
حاجہٕ اُکِس دوٚت اَتیٚتھ اوس ناگ۔ ناگس بیٚٹھ أسی لوٗنٕ۔ یہٕ
اوس نأگراۓ سُند ناگ۔ سدارام چھُ کأم کران یہٕ چھُو اَتھ
ناگس نشہٕ بوٚہرٕ تَل آرام تراوان۔ بستہٕ ہن تھاوِن اکہٕ انزہٕ۔
پانَس بیٖیِس نیٚندرٕ۔ ہوشیارہ ئیلہٕ گوٚ اَتھ بستہٕ منٛز وُچھُن
سوٚرٕچھ اڑان۔ اُمو کٔر کأم بستہٕ کرُن گنڈ تہٕ دراو گرٕ کُن۔
سوٚنچاہ کرُن دِیُن میٚہ چھِے گرواجین اچھنے بعضے تنگ کران۔
اَز کھیاوَن اُمسی سوٚرٕچھ انہہ۔ لوٗر تراوِن اَتھ بستہٕ تہٕ
تھاوِن نکھس بیٚٹھ تہٕ ووٚت گرٕ نزدیک۔ گرٕواجِنہٕ چھُو کرٕنکھاہ
کرٕنکھاہ دِوان۔ "ڈیکہٕ ہُجی ٹھوکر کوٗٹھہٕ بوٗہ تٕے دولت ہے آیی پھیرتھ؟"
وۄمیہ لٔٹہٕ چھُس یِہی ونان۔ سدارامنہٕ گرواجِنہٕ ئیلہٕ سدارامن
آلٕد کٔنن گوٚ امہٕ دِتھٕ دارٕ کِن نظر اُمس وُچھُن ئڈ لیتاہ نکھس بیٚٹھ
اَمنو چھُ سدارام بستہٕ اُمسی حوالہ کران۔ واتان وانٕشادَن گوٚٹھس
منٛز لوٗتھہٕ کرِتھ ہأنکل، شِکٔرٕ نا اُمس دیتہٕ پیٚٹھ نالی سوٚتی

وٕنی کھیہ اُمِس پیٚ سوٚرِچھ تہٕ پہٕ گژھہ آزاد۔ دٕژہ کھنٛڈ ٹیلہٕ
گیہ سدارامنی زنانہٕ چھُ اَتھ بستہٕ گنٛڈ مژراوان امہٕ منٛزٕ
چھُو شہزادٕہ نیران، ساریہی گوٚٹس پیٚو گاہ۔ دِوان چھیہ
سداراُمس کریکہٕ۔

پوٚتوٗنی پھیرتوٗ سدارامو پھیرِت ہا دولت آیہ لولو تاۓ ہاۓ
زُو بہ وندسو تاۓ ہاۓ۔ کرِس لولہٕ منٛز جاۓ لولو تاۓ ہاۓ

سدارام چھُس والیس ونان۔

پوٗت نۓ پھیریے ہتۓ بٹہٕ نے بچھنۓ سورِچھ بلاییہ لولو تاۓ ہاۓ
اُتھی دارِہ بچھنۓ میانہٕ اَچھ تہٕ وٕچھنۓ ہتۓ بٹہٕ نے لولو تاۓ ہاۓ

اَندرٕ چھُ شُری وٕدن ہیوٚ گژھان۔
موٚخصر چھُ سدارام دوان تہ ترٛین منٛز گژھان۔ امایہ شُرُ
کریکہ کرِتھ چھُ گژھان۔ پیٚ پھیور پوٗت والیس تہٕ ژاو۔ اتہٕ وٕچھن
ہٕلی بانہ سیٚدی گیمتی۔ زنانہٕ وٕچھن سورگہ جامہ نالہٕ۔ پیٚ چھُو
اُمِس بالکس کھوٚنہٕ تُلان۔ پرٛژھا کینٛہہ پوان چھُس نہٕ۔ بھگوانن
آس اُمِس پیٚ ناگہ بٹھ دیا کٔرمٕژ، لہذا تھوٗدُس ناگرای ناو۔
وقت گوٚ گُذران تہ ناگرای بڑان۔ اکہ دوہہ چھُو ناگرای
سدارامس ونان دوٚدھ ببا مییٚہ انٛتہ دوٚدھ داماہ۔ سدارام
چھُس ونان دوٚدھ بئے لوٚگیاہ بلاییہ بادشاہت آسم گاو۔

ڈنگیس پۆ اکھ نبہ۔ سُو کتہ گو دودھ پادہ۔ ناگرائی چھُس ونان
دودھ بیا تلہ باژہ تُلتہ ہمن بانن ٹھانہ۔ سدارام گو۔ اتہ چھُ وُچھان
تمام بانہ دودھ ہیتی یُرتھ۔ پگاہ صبحنس ییلہ گاش پھول،
سدارامس چھُ پادشاہ سُند ناد واتان۔ سدارام چھُ دربار گژھان
اوزہ ییلہ سدارام واپس آو ناگرائی چھُس ونان دودھ بیہ میہ
ہۆو تہ ناگہ ہشاہ پیٹھ یہ پوزاہ کران آسہ ہا۔ سدارام چھُس
ونان پیٹھہ ہیا چھُ ناگ اکھ، مگر سُہ چھُ ہی مانہ ہُند ناگ۔ ہی مال
گیہ بلادیر پادشاہ ہنز زیٹھی ہش کوُر۔ تور چھِنہ اَڈنس دتھاہ
گنہ رِکنہ۔ ناگرائے چھُس ونان پکھسہ میہ ہاو۔ سدارام دراو
ناگرائیس ہیتی۔ ناگرائے چھُنہ اَتھ کُنہ طرفہ دتھاہ وُچھان۔ موخر
اوس اَتھ ناگس اکہ طرفہ سگ در۔ سدارامس کرُن رُخصت،
دپنس دودھ بیا ژہ نیر لو پیمے پاتے۔ سدارام آو گرہ
تہ ناگرائے ژاو اَمی سگہ دوہ کِن سوزیچھ لاگِتھ تہ دتھ اَتھ
ناگس منز شران کرنہ۔ ناگس لگی پھلے تہ ناگس لجی گرِیکھ۔
شران کُرتھ دراو ناگرائے بیہ اَمی سگہ دوہ کِن واپس۔ صبحُن
ییلہ ہی مال باغ ژایہ اتہ وُچھن ناگ شولہ ماران تہ باغ
وُچھن پھلیہ ہیتی برجیتہ۔ دیس کُن چھُ شُکر کران۔ دودھ
ماجہ چھیہ پرژھان دودھ موچی یہ کوتی گو۔ موخر چھیہ یمہ

دوشوُے زنہٖ اُمس ژاگرِ روزان۔ پگاہ صبحنس آو ناگراۍ ییٹہ
تہٖ وُدتھ اُتھ ناگس منز۔ اتہٖ کرُن شراناہ پوُزاہ وغیرہ تہٖ
دراو بییہ والیس۔ دوٚدِھ موج چھس ییتھے یوان تہٖ ہی مال
چھس ونان ــ

اتِی روزہ ناگراۍ سانہٖ چھوُٹی سال
چھَے ہی مال چھَے ہی مال
لطِخ لاگتھ دوُکھوُی ناگس ٹاسہ رایہٖ تجُن ناگس
سوٚدرس منز زن موختےٚ لال
چھَے ہی مال چھَے ہی مال
دِیہہ بیٚلہ کوٚرنے پھوٚر ناگس
شوُنگتھ اُسکہ ہی مال سختہ تس آو۔ تھوٚد وُزِہ بتہٖ پٹھہٖ تجُن رُمال
چھَے ہی مال چھَے ہی مال
پھیرِتھ بیٚلہ آو اُتھ ناگس
دُبارہ کرُنے سورُ چھِپے چال
چھَے ہی مال چھَے ہی مال

دوٚدِھ ماج بیٚلہِ ناگرایس بتہٖ بتہٖ آیہ، ناگراے ژاد
سدارامن تہٖ دوٚدِھ ماجہ گرُ درواز س موہر تہٖ درایہٖ دابس
ہی مالہِ نِشہٖ بیٚلہِ دأنٛشہٖ تہٖ وونُنس سہ ہابی ژاو سدارامن۔

ہِیمال چھِیہ پادشاہَس خبر دِوان زِ سو کرِہ خاندر۔ پادشاہ چھُس پرژھان کتہِ۔ ہِیمال چھُس وَنان سدارامنہِ۔ پادشاہ گَو سیٹھاہ خوش زہ باقی شیٚن کوریٚن تہِ ووٚتھ دَس۔ آخر چھُ سدارامس ناد سوزان۔ سدارام چھُ پادشاہس نِشہِ واتان۔ پادشاہ چھُس وَنان ژہ تہِ بو ہاسہ کرو عَشاوِی۔ سدارام چھُس دِیان پادشاہ قبلہ عالم ہہ چھُم کوٚر نہ چھُم نیچُو۔ یہ ووٚنِتھ آو سدارام گرِہ تہِ چھُ زنانہِ سورُٹی احوال وَنان۔ ناگرای اوس بوزان، یہ چھُ سدارامس وَنان دوِدھ ببا ژیٚہ بو نیچُو چھُسی ژہ کیاز وَنان میٚہ چھُنہِ کانہہ۔ سدارام چھُس وَنان دوِدھ بب لوکِیہ باہرِ آدِہ کرو۔ آخر چھُ خاندر کرُن مقرر سپدان۔ ناگرای چھُس دِیان دودھ ببہ کرسہِ تیاری۔ ژیٚہ ما چھوٚی کانسہِ پرژھُن۔ سدارام چھُ سوچاہ کران زِ اگر بو کانسہِ سالس پرژھہ، دِیِن یمِس اوس شِکس آمُت۔ دوٚنی چھِ اسرِ تہِ پالس ہیوٚکرِ آمت۔ یہ چھُنہِ امہِ کانِہہ کانسہِ گژھان۔ خاندرِک دوہ آیہ نزدیک، باقِی شیٚن بینِیٚن چھُ رنگا رنگ چیز واتان۔ ہِیمالہِ چھِیہ ہہ پامہِ دِوان۔ ہنٛے ہِیمالِی کتہِ کوٚرتھ۔ سدارام کیاہ اَنی ژیٚہ۔ امہِ بیتہِ واتہٕ مانز رِاتھ۔ ہُمَن شیٚن واتہٕ مانز ہِیمالہِ نہ کہنِ۔ منز گَو ژیٚوہ کھنڈ سوریگ واتہٕ مانز۔ باقی شیٚن یُلہِ ہِیمالہِ ہنز مانز ڈیچھان چھُ نمہِ چھِیہ حیران گژھان۔

تمَن چھ پننہِ مأنشر گرٛھان مشتھ، تِم تہ چھ ہِی مالہِ ہنزِ مأنشر لاگان۔ پگاہ چھ دوٚنی براتھ ہنہ واجینن، شیٚنہ مہرازہ آبہٕ سیتیٚوم چھٔنہ ناگرای گنہ۔ یِمہ چھس ہیہ پامہ دِوان۔ ناگرایس آسی دوٚدھ بھاج جرراہ، یِمے سوزنی أندی نبکھی معلوم کرنہٕ زِ کُس کیاہ چھُ ونان۔

یِم آیہ دیٚپہ بدلاوتھ تہ چھ شیٚنن بینن ہنزہ پامہ لوزان۔ یِمہ آسہ ہِی مالہِ ونان ہنٔے کُسی چھُی ژٹیہ سدارام۔ ژھیہ پہرہ منٛز روزان۔ یِم آیہ تہ وۄچھکھ ناگرایس۔ ناگرای چھُ یِمَن ونان گرٛھِوسہ اَنِو سوٚرگہِ منٛزہ تمام سامانہٕ، بانٛڈ، لرٕہ، بانہٕ وغیرہ۔ یِم چھس ونان اَسہِ ہاسہ لٔج بوچھہ گوڑہ دِنہٕ اسہ کھیٚنن۔ ناگرای چھُک ونان گرٛھتو وُچھتو پادشاہَن ما چھُ تیار کوٚرمُت کینٛہہ۔ سُو یِیتو کھیٚت۔ پادشاہن آس ستن ینہٕ والین ہندہِ خاطرہ وُرہٕ تیار تھوٚمُت۔ یِہ کھیٚیہ یِمَو سأری۔ پادشاہَس گیہ خبر سُو چھُ اَتھہ موٗران، زِ وۄنی کیاہ کرٕہ۔ اَمہِ پتہٕ چھ یِم تانی سامانہٕ سوٚرگہِ منٛزہ انان تہ چھ سدارامنہ ہیٚٹھہ براتھ ییران۔ سوٚرگی بانٛڈ چھ برٛونٛہہ برٛونٛہہ سأری گٔیہ ہیٚران۔ باقی شیٚنہ مہرازہ تہ چھ دوٚنی ناگرایسی طابع روزان۔ ناگرای چھُ پادشاہَس ژھانٛڈتھ انان، تہ چھُس ونان تہٕ گوس کورِہ مول بہ کرٕہ یِمَن شیٚنن ہنٛدُ اِنتظام پانَے۔ اَمہِ پتہٕ چھُ ناگرای سوٚرگوٗی سوٗدی اِنتظام کرٕہ ناوان۔ باعث

اَکِس مٔنٛز چھُ سبٕہ ہنٛد بندوبست کران ۔ ژلمچی چھُ حُکم دِوان سو چھ سارنی آب دِوان ۔ دیگچِس چھُ حُکم دِوان سُہ چھُ تَس نٕہ دِوان لیس یِہ منگان چھُس ۔ موخصر چھُ شیٖن وُنی یِنہٕ والینٛز رخصت کران یانہ چھُہ اَتی' یٔلہِ سارِی درلے تہٕ یانہ کرٕن ہی مالہِ ہندِس ناگس نزدیک کنٛوٕس پورِس منٛز باغ اکھ پسند۔ اوٗتوٗی اَنہٕ ناوٕنٛ سوٕرگی عمارت تہٕ بیٚوٹھ۔

ونَ دوٗل ونان ناگرالیس آسہ تلپاتالِہ نشت حرہٕ ۔ یٔمہ آسہ اُمِس ژھانڈان ۔ نیٚب نِشانے اوٚسکھ نٕہ کُنہ یوان ۔ اُمہ یِنہٕ گھرٕ ناگرای ہِنٛز ژٕھ ہِش پری "دُرٕ دُنیا" ۔ اَتھ جاپہٕ یٔلہِ سو واتہٕ تہٕ یِہ عمارت وُچھن تمہٕ پرژہ ناو یِہ عمارت دِہُن اگر آسہ تہٕ تہٕ یِیتی۔ یِہ وُنٛز واپس تلپاتال ۔ اَتہٕ کھوٚرُن پوٚشہٕ گوٚند اکھ تہٕ دژُنی کرٕنکہٕ "سوٕرگاپوٗری پوٚش ما ہیٚیوی" ۔ ہی مالہِ یٔلہ ہم پوٚش وُچھ سو گیہ سیٚٹھاہ خوش ۔ دیان چھے ناگرای گژھیم ہم پوٚش وُچھنہٕ سیٚٹھاہ خوش ۔ تمہٕ ہیتہ ہم پوٚش مُلی ۔ اورٕ یٔلہِ ناگرای دربارہٕ بٔیٹھ آو تمی پرژہ ناوٕنکہٕ ہم پوٚش اُمی پوٚژہ ناوِس ہم ۔ وُچھنس ہم گژھن نہٕ آیندہٕ ہین ۔ ہی مال گیہ دِل ملول ۔ یکاہ ژھُس بیہ "دُرٕ دُنیا" پیالہٕ ہیٚتھ کھسان ۔ بیتہٕ چھُ کرٕنکہٕ دِوان "سوٕرگا پوٗری پیالہٕ ما ہیٚیوی" ۔ ہی مال دراپہٕ بیپہٕ تہٕ وُچھن ہم پیالہٕ ۔ خوش گیہ

موخصر ہیتھ پیالہٕ ناگرای آو تہٕ پھٹراوِنی یِم تِہٕ ۔ دُوپنس تیٚے وۄنی
یِم چیز گرٛشتھن نہٕ ہیٚنی ۔ یہٕ گیہ بیٚنیہ دِل مُلول، مگر بڑیتھ دُوہہٕ اُس یہٕ
اُمس پٔریِہ ہیتی کِنتھن میٹھان ۔ بڑیتھ دوہ اُس یہٕ پٔری ہی مالہٕ کیتھ
ہیٚوان ۔ تریِمہٕ دُوہ آیس کوٗنشہٕ کھور ہیتھ ۔ اما پُوز اکوی کھور ہیتھ
آیس ۔ کریکہ دِتھ وۄننس بیٚنیہ " سو رگا پوٗری کوٗنش ما ہیوُن " ۔ ہی مال
چھ نیران اَنتہٕ چھ وُچھان اکوی کھور ۔ اُمس پٔریہ اُس ٹرینیشر پھیرن
ہناو ناگہٕ ۔ ہی مالہٕ پرژھنس " ژیٚہ کیازِہ چھُی یہٕ اکوی کوٗنشہٕ کھور ہن
ہیتی ۔ یہٕ لُجس وننہٕ " میٚہ اوس ناگہٕ گرِہ ہیٹھ اوٗنمُت ۔ تمی ہنۆو یہٕ
اکوی کھور نہٕ ژۄل ۔ تمِس چھُ ناو ناگرای اصلی ناو چھس پاتالک
ناگہٕ وَاتِل ۔ تتہٕ چھس سارِی ژھارِن ۔ ہی مال چھس ونان ژہ
کیاہ یہٕ ونان سۆہئے شہزادہ چھُو ۔ سۆہئے پادشاہ چھُ، سۆہئے
مے خاندار چھُو ۔ یہٕ چھس ونان " ہے یہٕ کیاہ چھیتھ کوٗرمُت ۔ کَس
ہیتھ اوٗسی روزِہ ازل ۔ سہٕ چھوی سورُے ذاتہٕ ہُند " ۔ ہی مال
چھس ونان " دوہ نی کیاہ کرِہ بہٕ ؟ " یہٕ پٔری چھس ونان " ییلہٕ اورہ
یِی ژہ وُنیرِیس میٚہ ہاو ذات ۔ گوٗڈہ کرِزیس ناگس منٛز
ژران پتہٕ واگہٕ زین دۆدھہ کونڈس منٛز " اوِرہ ییلہٕ ناگرای آو
امہٕ کورُس دروازِہ بند ۔ ناگرای چھُس ونان کیازِہ ؟ یہٕ چھس
ونان میٚہ ہاو ذات ۔ ناگرایِس نوٗر فکرِ یہٕ چھُس ونان ۔

ہنٹ برنین مزرتی تارِی جو بنزریئے، تارِی جو بنزریئے تاز ہاے
ہی مال چھس لوِرہ ونان"۔

ذات ہاوُو ہیو ناگرالو، ہیو ناگرالو، ہیو ناگرالو لولو تای ہاے
ناگرای چھس ونان۔

ذات ہے ہاوے ہائے ہی مالی، ہیئے ہی مالی۔ آدن راوِی
ہیئے ہی مالی تای ہاے

یہ چھس نہ کینہہ مانان۔ موخصر چھس ناگرای ونان بوہ ہاوے
ذات۔ تمہ پتہ چھس والان آلبس منثر آبہ منزہ گڈِت چھس
دوہس منثر والان۔ یمہ پری یہ چھ اُمس کھورن رزہ کران
تہ چھس لمان۔ کڑایہ اندریی ناگرای چھس ونان۔

پادن ہے رزہ کرینہم ہیئے ہی مالی، آدن ہے راوِی ہیئے ہی مالی ہیئے ہی مالی
میوٗنی مانکھہ کھور ترادکھ زٹی زٹی ہیئے ہی مالی ہیئے ہی مالی
ہی مال چھس نہ کینہہ مانان۔ امہ پتہ رُود امس گلے یوت نُون۔
یہ چھس ونان

میون ہے مانہ یکھ سرتے ترووکھ زٹ زٹیئے ہی ملے ہیئے ہی ملے
یہ چھس ونان۔

ذات ہاوُو ذات ہاوُو ہیو ناگرالو ہیو ناگرالو۔
نامت گیہ اتہ زھوپہ ہی مال چھہ سونچان اتے کیتھ کنہ امس

گژھان پیٚ کوٚت گیہ - ہیٚمال چھُ سیٹھاہ پچھتاوان ہیٚمال چھیہ
دپان ژُ نٕ کٔس آشناوس نشہٕ گژھہ -

ہیٚمال کران داے دِیہ، ہاے دِیہ لولو تِئے ہاے
گنژھہ ہاٚ آل ہنزِ جایہ تُل، سو ہا سہ دِیہ پھیرِت آیِئے
لولو تِئے ہائے ہاے

غٲرِ ہیٚ چھُ پیٚمیٚ ویٚداکھ دِوان - بو رِکِتھ گٔنی گژھہ بیٚنیٚن نشہٕ
پیٚ اُمس اوس تہٕ کوٚرُن خیرات نٲگرائے ییٚتم نا اُتھ - موخھر چھُ
پتو لانٹو بُڈاہ اکھ پیٚان خیراتس - اُمس بُڈس عٲس کور سیتی - یم
آسی دُرہ ییٚٹھہ آمتی - راتس آسی ناگس ییٚٹھ بہتھ - اُم بُڈن
اوس ناگرائین سوردی تماشہٕ وُچھمُت - کھیٚت چیٚنتھ اوس
ناگرائے بیتہٕ تھال اتھ ناگس ییٚٹھ تراوان ہیٚمالہٕ ہنزِ ناوہ - سیتی
اوس وُنان یُس ییٚ کھیٚنو، تھال تراوزیو مانجتھ گژتھ ناگس منز -
ییٚ بُڈہ ییٚلہٕ ہیٚمالہٕ خیرات منگنہٕ گو، ییٚ ہیٚمال چھُس وُنان تلاہ
بُڈہ کتھاہ بوزناوتہٕ - بُڈہ چھُس وُنان کوٗرِ بُڈن نشہٕ کیتھ کتہٕ
گیہ - ییٚ کور ییٚنی چھُس وُنان ہیتہ ہنا بٲ تلاہ سو راتھ کتھ
رٲتس - بُڈہ چھُ ڈالان کتھ - آخر چھُس کوٗرِ مجبوٗر کران،
ییٚ بُڈہ چھُ ہیٚمالہٕ نابیچہٕ سارِی دلیل بوزہٕ ناوان - ہیٚمال چھُ
بُڈس دوٚیمہٕ آتوارہٕ تامتھ اُتی رٹان - دوٚیم آتوار ییٚلہٕ آیہ

تہ چھ ہی مال اُمِس بُڈِس سیٹھی ناگس بیٹھ داتان۔ مگر یہ بُڈہ چھُ ہی مالِہ نصیحت کران۔ بیٹلہِ یو ونے تیٖلہ گرٕزھ تہٕ ناگرایس نِش۔ آخر چھُ وقت برابر یِوان، تمام سامانہٕ چھُ ناگہ منٛزٕ کھسان۔ گیوٗن ڈالی، کانٛچہ فراش وغیرہ۔ کھیٖن چیٖن گرِتہ چھُ گیوٗن لگان۔ گیوٗنہٕ بتہٕ چھ ساریٖ وسان واپس۔ موخسر چھُ ناگرای لوٗت ناگس بیٹھ روزان۔ یہ چھُ عادتہٕ مطابق بتہٕ تھال تلان تہٕ ناگس بیٹھ تراوان ہی مالِہ ہندِہ ناوہ، مگر قسم چھُ دِوان تہٕ یُس یہ بتہٕ تھال کھیٖیوٗ سہ تراوزیوٗ تھال مانٛجھ ناگس منٛزٕ۔ ہی مالِہ چھُ بُڈہٕ اشارہ کران یہ چھ دوتھان تہٕ ناگرایس بتہٕ کنٛز ناس تھپھ کران۔ ناگرای چھُس اوہ ونان —

دِلہٕ چھکھو دریٖتھاک چھکھو کنہٕ چھکھ منوش زادے لولو
ژٕ ییٖرہٕ ہو گومو چھُم گژھُن دریاتالی لولوٹے ہاے

ہی مال چھس ونان —

دِلہٕ چھسے نو، دریٖتھاک چھسے نو، چھسے ہی مال
ناگراہ بیٖور یوٗت کُن تہٕ چھس ونان۔ "میوٗن امانت چھُ ژٕ یہ اَتھ، ڈٕج تہٕ واجِ سو ہاو میہ" اِدہ جِیک، ژہ ہی مال"۔ ہی مالہ گڈِ یم دوشوے چیٖز تہٕ ہاونس۔ ناگرای گوٗ مجبوٗر اُمہٕ دیٖت اُمس شاپھ تہٕ گوٗرُس کنہٕ پھوٗل، تراوُن چیٖندُس تہٕ واجِن پانس

سیتھ تلپاتال۔

دوہا اکھ چھُ بنان اٰہنزن بری ین آبہٕ مأنزٕ ہبے۔ یمہٕ چھُ
أمس وَنان "ترٕ یہٕ چھےٚ مأنزٕ ہبے لیوان"۔ ناگرای چھکھ ہٕ مٹہٕ
کیتھہ ہیوان۔ یمہٕ بیلہٕ مجبوٗر گوٚو ہٕ ٹکن ہی مالہٕ شاپھ۔ اَمہٕ پتہٕ
چھُس تمہٕ وَنان یہٕ ترٕ گرِفی ساٗنی پاٹھو گام کار۔ آخر چھُ أمس
اکہٕ دوہہٕ واری لیوان۔ رٔہنس، بیٚونس، أتھی منز چھُ امہٕ باقی
بری ین ہندین شریٚنی ہندہٕ بابت دوہ دشنوومت آسان۔ یہٕ
دوہ چھُ آسان امہٕ ستھلاوُن ٹھۆومت تہٕ تمہٕ شرِی آبہٕ ہٕ ہیوتکھ
یہٕ دوہ میچن۔ یم گِبیہٕ اَمہٕ تتہٕ دوہہٕ سیتی دٔزتھ۔ یمہٕ بری یہٕ آبہٕ
تُلرہٕ لاگتھ ہٕ دِزکھ ہی مالہٕ لٹہٕ یہٕ۔ ہی مال گیہٕ مرِتھ۔ ناگرای بیلہٕ
اورہٕ پتھ ہی مالہٕ ہنُد حال وُچھان چھُ یہٕ چھُ پان ماران۔ یمن
شیٚین بری ین چھُ نزارہٕ پارہٕ کران آخر چھُ یمہٕ لیوان تہٕ چھُس نزہر
واپس کڈان۔ ہی مال چھ زِندہٕ گژھان، مگر چھیے سیٹھاہ کمزور آسان
گامژ۔ ناگرای چھُ ہی مالہٕ واپس ہیوٗرہٕ کھاران۔ ڈنڈک ونس
منز چھُس منزلس منز تراوان تہٕ پانہٕ چھُ وسان بیہٕ واپس
تُہہ بری یہٕ چھے بیٚنیہ ہی مالہٕ ژھاران أمی کتہٕ تھاو یہٕ۔ ہُپاری چھُ
بادشاہ اکھ شکارس نیران یہٕ چھُ اتھ رٲلیس نشہٕ واتان تہٕ چھُ "ولے"
آواز بوزان، تُوجہ چھُ حکم دیوان زہٕ یہٕ وُچھتو دلیل کیاہ چھُ۔

فوج چھُ اَمہِ رٲیلہِ پیٹھ یِہ مَنزُل واللان تہٕ پادشاہس

ییلہِ ہیٚ مالہِ پیٹھ نظر پیٚیہِ یِہ گو سیٹھاہ خوش۔ آخرٕ نیٚین

پنُن شہر محلہ خانس منٛز۔ اتہٕ چھُہ پادشاہ ہیٚی مالہِ وَنان

میٚیہ سیٚتی گر خاندر۔ ہیٚی مال چھُس وَنان اگر میٚیہ باشن وٚرین

تام پنُن حقِ خدا وودت تہٕ جان، اگر ہٕ تیٚیلہِ کرہٕ بوہ

ژیٚہ سیٚتی خاندر۔ ہُپارِی چھُ نٲگرای اُمس تھَپیہ تھَپیہ

ژھانڈان آخر تہٕ لبِھ اکہِ دوہ اُمس پادشاہس نشہِ۔

نٲگرای وَونھُس "یہ ییٚمہِ پنٕنی پٲٹھی رٕٹنہٕ تہٕ ہندی پٲٹھی۔" ہیٚی مال

چھُہ سوٚنچاہ کران زِہ اگر یہ ہیٚمہِ انسان شکلہِ منٛز، یہ

پادشاہ گوژھس ہٕ مارُن۔ لحاظ چھُ جان یہ پیٚین سوٚرِچھ

لاگِتھی۔ تو یتہٕ وُنہٕ نس ژہٕ ییہ پنٕنی پٲٹھی۔ اَمہِ یتہٕ چھُہ

یہ لیوان سوٚرِچھ لاگِتھ۔ پادشاہس پیٚیہ نظر اُمس سوٚرِچھس

پیٹھ تہٕ ثمی مور یہ سوٚرِچھہ۔ ہیٚی مال اُس شوٚنگِتھ، سو

گیہ پلنٕکے مَنٛزہ نینٛدرہِ ہُشیار تہٕ چھَہ وَدان، پان تہٕ جان

ماران۔ پادشاہ تھِیس پرژھان ژہٕ کیازِہ چھکھ پان ماران۔

ہیٚی مالہِ وَونٕنس یہ اوس میون حقہِ خدای۔ پادشاہ گو حیران

رِچھِتھ دپان "میٚیہ ما چھُہ خبر تو ہیٚی ژھوہ سوٚرِچھن سیٚتی تہٕ نیٚنتھر

کران۔ صُبحن پھوٚل گاش ہیٚی مال چھُہ پادشاہس وَنان میٚیہ گژھہ

ژٔندٕن کاٹھ بہ زالَن یہٕ ٹیٚھتی منٛز۔ ودان ودان چھُ وٚیدراکھ دٕوان۔۔۔

ژٔندٕنکھ گرٕ یُٖو دارہ لولو
ژٕہ کِمیٚو کوٗژنکھ مارٕ لولو

آدنٕ کرٕ یارٕ لولو
دوہ گُڈٕ تھ گو کھو مارٕ لولو

وٕنی کرٕ سہ میونی چارٕ لولو
ژٔندٕنکھ گرٕ یُٖو دار لولو

نار ئیلہٕ برجوٗش آو ہی مالہٕ
تٕجۍ ووٗٹھ تہٕ ترآوِن

اَکھ نارس منٛز تہٕ دُز سوٚ تٕر۔ پادشاہ چھُ ماران پان سوٚرٕ ڈٕریَس بروٗنٛہہ کنہٕ۔ اَوتَن آو سوٚدٕ بروٗر تہٕ بوٚدٕ بروٗر۔ سوٚدٕ بروٗر وَنان بوٚدٕ برآرس "ہتو ہیٚ پادشاہ ہے پان چھُ ماران اَمِس گژھ یا بہٕ ژٕندہٕ"۔ بوٚدٕ بروٗر چھُس وَنان "کر ژھوپہٕ ژٕ یہٕ کیاہ یِمَن کتھن سیٖتی"۔ پادشاہ اوس ہٕہنٛرہ کتھ بوزان۔ سوٚدٕ بروٗر رُوٗش بوٚدٕ برآرس توٚہ بیٚتہٕ رودُس کھٕلتھ۔ وٕنی چھُس بوٚدھ بروٗر زارہ پارہ کران، توٚمۍ نیرٕ تہٕ بوٚ ونے کتھ کٔنی گژھ ژٕندہ۔ دیان چھُس یہ گژھن کرالہ ہنٛد۔ تتہٕ اَنِیٚن کوٗرٕ وارٕ ژٕہ، تِمَن منٛز بَرِن یہ سوٗر تِمہٕ پیٚتہٕ ترآوِن تِمہٕ وارٕ بوٚنہٕ ناگس منٛز۔ یِم کھسن دوٗنوٕے توٗرٕ اَنِہ واس گرِتھ۔ پادشاہ چھُ وَنان تہٕ انان کرالہ ہنٛدٕ کوٗرٕ وارٕ ژٕہ یِمنی منٛز چھُ سوٗر بران تہٕ نیران بوٚنہٕ ناگس کُن۔

اُتہٕ چھُ یمہٕ وارہٕ زٕہ ناگس منٛز تراوان - اورٕہ چھ دوشوٕے
ہی مال تہٕ ناگرای اَسہٕ وِنہٕ دہانہ اتھ واس گرٕتھ اَمہٕ ناگہٕ منٛزٕ
کھسان - پادشاہ چھُ سیٹھاہ خوش گژھان تہٕ پوٗت پھیران -

---

# سٔنۍ کیسر

یہ اوس اکھ گھراہ یمنی اوس اکھ نیٚچِیوٚ تہٕ اکھ کوٗر۔ اُمِس کورِ اوس ناو سٔنۍ کیسر۔ اکِہ دوہہ اکِہ آد اوٗہند بوے ژاٹھالہ بھتہٕ کھیٚنہٕ۔ بھتہٕ کھیوٚان دراو اُمِس ٹیٚرِ منٛزٕ رکی وال۔ اُمی روٗٹ یہ کی وال اتھس کیٚتھ تہٕ وٚوٗنن "لیٚند یہ کی وال سوٚ ے میاٰنی کوٚ لے، لیٚند یہ کِی وال سوٚ ے میاٰنی کوٚ لے"۔

موج وٚژھس۔ "ہتا یہ ہا آسی میون"۔

نیٚچِیوٚ وٚوٗن توتہٕ۔ "لیٚند یہ کِی وال سوٚ ے میاٰنز کوٚ لے، لیٚند یہ کِی وال سوٚ ے میاٰنز کوٚ لے"۔

سٔنۍ کیسر وٚژھس۔ "ہتا یہ ہا آسی میون"۔

باٰے وٚوٗن توتہٕ۔ "لیٚند یہ کِی وال سوٚ ے میاٰنز کوٚ لے لیٚند یہ کِی وال سوٚ ے میاٰنز کوٚ لے"۔

سٔنۍ کیسرہ کھوٚت اتھ بیٚٹھ شرارت تہٕ ژٕرح گرہ۔

ژلان ژلان وٲژ یہ گامہ دُور تہٕ ووٗنی ہیوٚتُن شام گژھن
سٕنی کرِسر گھوژ نہ ووٗنی کیاہ کرِ ہ تہٕ کوٗت گژھہ - اُتھی منز
پوٚک ایأریٚرکنی درویشاہ اکھ - یہ وُوٗتھ سٕنی کسرِ ہ - "ہتاے کوٗرِ ی
ژہ کیاز ہ چھکہ ودان۔" سٕنی کسرِ وُژھس۔ لوٗچھس گھرِ
ژُجمرٕ۔ تتہٕ کجنم بلاے لیکھ، تتھی بیٚٹھ ژُجس۔ ووٗنی چھس
کھوژان زہ کوٗت گژھہ تہٕ کیاہ کرِ ہ۔"

درویشس آو اُمس بیٚٹھ اِنصاف تہٕ اُمی کڈی جیبہ منزہ
بیاالی بُھلی ستھ تہٕ وُوٗنُن سٕنی کسرِ ہ۔ "رٹھ بی کوٗرِ ی ژہ وَد
یم بیاالی بُھلی ستھ۔ یمَن کھسن گلی ستھ۔ ژہ کھس اُکِس
گلِس پیٚٹھ تہٕ بیہ تمہٕ کِسی تہرِس پیٚٹھ۔ تیٚتہ چھُے نہ
ژربہ کانہہ خوف۔"

سٕنی کسرِ ہ رٹی بیاالی بُھلی ستھ تہٕ ڈوٗن۔ اُکِس آسُن
منز کُھتی یمَن گلی ستھ تہٕ سٕنی کسِر گھژ اُکِس گلی تہرِس
پیٚٹھ۔ اُتھی اندر آو سٕنی کسرِ مول تہٕ لوے ژھانڈنہٕ۔ رکہٕ
بلہٕ سٕنی کسِر گلی تہرِس پیٚٹھ وچھِ۔ یمہٕ کوٚر گوڈہ اُمس زارہ
پارہ زہ وَس تہٕ یکھ گھرٕ۔ مگر سٕنی کسرِ ہ سوٗہِ نکھ نہ کینہہ۔
آخر گھژ اہندِس مألِس ژکھ، اُمی اُز تبر تہٕ یوٗوٹھ یہ
گُل ژٹنہٕ۔ یہ گُل یلہٕ تیار ڈیٔو پیٚتھ ووت سٕنی کسِر تژ

بٮِیس گِلس - اہندی مالی ہیُوت بہٕ تہٕ ژٹُن - یلہٕ یہٕ تہٕ تیارہ
وُسی پیٖنس ووت سُنی کِسر ژُ ترٕیمس گُلس - اہندی مالی
ہیُوت ترٕیمٕ تہٕ ژٹُن - یتھےٚ کُنی وآژ سُنی کِسر سِتی مس گُلس
بیٚٹھ تہٕ اہندی مالی ہیُوت ستیُوم گُل تہٕ ژٹُن - سُنی کِسر
گیہٕ لاچار زہ ووہٕنی کیاہ کرٕ - تمہٕ وِژ زوُن ماجہٕ کرٕنکھ - "زوُن
موج، میٚہٕ تراو بیٚنی ہیر بہ کھیسہ ژرےٚ نشہٕ - زوُن موج
میٚہٕ تراو بیٚنی ہیر بہ کھیسہ ژرےٚ نِشہٕ -"

زوُن ماجہ تراو اُمِس اکھ ہِزٕر تہٕ اَمی ہِزرٕ ہِزرٕ
کھوٚت سُنی کِسر زوُن ماجہ نِشہٕ - اوٚہند موُل ہہٕ بوےٚ گوٚ
کیُوتھ تام - تہٕ وارہ یاہس کالس پرٕ آرِتھ گیہٕ دوشوےٚ مالی
پتھر بیٚنُن گھرٕ -

سُنی کِسر آس ووہٕنی اسمانس بیٚٹھ زوُن ماجہ نشہٕ روزان
تہٕ آش کران - اکہٕ دوہہ ووٚن اُمِس زوُن ماجہ - "تلےٚ
سُنی کِسرٕ میٚہ والی مستس کنگنی - مگر یتھنہٕ تالہٕ کُن کنگنی
گرٕژھی - میٚہ ژلی مس نیرِتھ تہٕ تتھ بیٚٹھ کھسی میٚہ شرارت۔"

سُنی کِسرٕ دوٚپُس - "ادہ کیاہ" تہٕ ہیٚژن زوُن امہ مستس
کنگنی والنہٕ - سُنی کِسرٕ گوٚ دشقہ تہٕ کنگنی گیس زوُن ماجہ
تالہٕ کُن - تس ژوٚل مس نیرِتھ تہٕ اَتھ بیٚٹھ کھوٚتس شرارت

شرارتہٕ سیٹھی ژھنِہ تمہِ سُنہٕ کیٖر اسمانہٕ پیٹھہٕ کُٹھ تہٕ چلاوِن زمینہِ کُن۔ بیٚوان بیٚوان پیٹھہِ سُنہٕ کیٖر اکِس کاوہٕ آیس منٛز۔ کاوہٕ آیس منٛز اوس بڈٕ کاو اکھ روزان۔ اَمیس اوس نہٕ بچاہ وچاہ کانٛہہ۔ بہہ ساتہٕ شامس آیس منٛز اَو اَتہٕ وچھن سُنہٕ کیٖر۔ اَمہِ پرٛژھ سُنہٕ کیٖرہ "ژٕہ کوٚس چھکھ تہٕ یور کِتھہ کٔنۍ گژھکھ؟"

سُنہٕ کیٖرہ ڈوٚنس ودان پنُن سورُے حال۔ اَتھ پیٹھ آو بڈٕ کاوس سُنہٕ کیٖرہ ہُند عار تہٕ ڈوٚنٛس۔ "اچھا بہہ ژٕہ پیٹھی۔ میٚہ چھُنہٕ پنُن بچاہ وچاہ کانٛہہ، ونۍ گیکھ ژٕہ میانۍ کور تہٕ بہٕ گوسے بب۔"

دوہا دوہا چھُہ گژھان سُنہٕ کیٖر چھہٕ آشہٕ سان آیس منٛز بہتھ تہٕ کاوہٕ بب چھُہ رنگہٕ رنگہٕ چیٖز اَمِس انان۔ اَتھی منٛز چھہٕ اَکہٕ دوہہ سُنہٕ کیٖرہٕ ہنٛز موج ژھانڈان اتھ گُلِس تَل واتان یتھ پیٹھ یہ کاوہٕ اوٚل آسان چھُہ۔ یہٕ ییلہٕ سُنہٕ کیٖرہٕ وُچھان چھہٕ، اَمِس چھُہ ودُن یوان تہٕ یہٕ چھہٕ سُنہٕ کیٖرہ نزارہٕ پارہٕ کران نہٕ وس تہٕ یکھ گھرٕ۔ سُنہٕ کیٖر چھس نہٕ کینٛہہ مانان۔ آخر چھس موج ونان۔ "وس وس سُنہٕ کیٖری دارہِ وچھ ضایع گیٔیے۔"

سُنٕ کیسر چھُس، وَنان۔ "موجی پنٕنی، بوٚنٕے اور وۄسے زاشہٕ۔"

موج چھُس بیٚیہٕ وَنان۔ "وس وس سُنٕ کیسری دارٕ دچہٕ ضایہٕ ییٚگیٚیے۔"

سُنٕ کیسر چھُس دپان۔ "موجی پنٕنی، بہ ئٕے اور وۄسے زاشہٕ۔"

آخر چھُ شام سپدان تہٕ سنٕ کیسرٕ ہنٛز موج چھہٕ ٹھکِت

واپس گھرٕ گژھان۔ اورٕ ٹیلہٕ کاوٕ بَب یوان چھُ سُنٕ کیسر

چھہٕ وَدان۔ کاوٕ بب چھُ اُمِس پرٕژھان۔ "کوٗر میأنی کتھ

بیٚیٹھ چھہٕ وَدان۔"

سُنٕ کیسر چھُس دپان۔ "کاوٕ بَبا میٚ گژھنٕے دارٕ دچہٕ آسنٕ۔"

کاوٕ بب چھُس دپان۔ "اٗہ کاوٕ بَب لگی بلایہٕ، پگاہ انٕے۔"

پگاہ چھُ کاوٕ بب سُنٕ کیسرٕ دارٕ دچہٕ انان۔

دوٚیمہٕ دوٚہہ چھُ سُنٕ کیسرٕ مول یوان۔ سُہ تہٕ چھُ اُمِس

زارٕ پارٕ کران مگر سُنٕ کیسر کینٛہہ مانان چھُس نہٕ۔ آخر چھُ

اُمِس وَنان۔ "وس وس سُنٕ کیسری رنگہٕ ییدرٕ ضایہٕ گوٚسے۔"

سُنٕ کیسر چھس دپان۔ "پنٕنے بابو، بہ نا اور وۄسے زاشہٕ۔"

مول چھُس دپان۔ "وس وس سُنٕ کیسری رنگہٕ ییدرٕ ضایع گوٚسے۔"

آخر چھُ شام سپدان نہٕ سُنٕ کسرٕ ہنٛد مول چھُ ژھینٛتھ ٹھکِت

واپس گھرٕ گژھان۔ اورٕ ٹیلہٕ کاوٕ بب یوان چھُ سُنٕ کیسر

چھہٕ وَدان۔ کاوٕ بب چھُ اُمِس پرٕژھان۔ "کوٗر میأنی کتھ

پٹیٹھ چھِ وَدان۔"

سُنٕکِسر چھُس دپان۔" کاوہ بٲ میٚہ ہا گرٕژھی رنگہٕ بیٚدر آسُن۔"
کاوہ بب چھُس دپان۔" کاوہ بب لوگہِ یے بلاہِ، پگاہ اَنے
رنگہِ بیٚدر۔"

پگاہ چھُ کاوہ بب سُنٕ کسرہ رنگہِ بیٚدر انان۔

دوٚیمی دوہ بہ چھُ سُنٕکِسرہ بوے یِوان۔ سُو تہٕ چھُ اُمِس
گوڈٕ زارٕہ پارٕہ کران زہ وَس تہٕ یکھ گھرٕہ مگر سُنٕکِسر
چھُس نہٕ کینٛہہ تہٕ مانان۔ آخر چھُ سُو اُمِس وَنان۔" وَس وَس
سُنٕکِسری سوٚ نہٕ وَس ضایہ گَیٚ۔"

سُنٕکِسرہ چھُس دپان۔" پننہٕ بالوٚ، لو نا اور وَسے زانٛہہ۔"
بوےِ چھُس بیٚیہٕ وَنان۔" وَس وَس سُنٕکِسری وردن ضایہ گوے۔"
سُنٕکِسر چھُس دپان۔" پننے بالوٚ، لو نا اور وَسے زانٛہہ۔"
آخر چھُ شام سپدان تہٕ سُنٕکِسرہ ہنٛد بوےِ چھُ تھکِت واپس
گھرٕہ گژھان۔ اورٕہ یِیلہٕ کاوہ بب یِوان چھُ سُنٕکِسر چھِ
وَدان۔ کاوہ بب چھُ اُمِس پرٕژھان۔" کوٚنہ میانٛی کتھ بٹیٹھ وَدان۔"
سُنٕکِسر چھُس دپان۔" کاوہ بٲ، میٚہ گرٕژھی سوٚ نہٕ وَس تہٕ
وَردَن آسُن۔"
کاوہ بب چھُس دپان۔" کاوہ بب لگی بلاہِ، پگاہ اَنے

سوٗنہٕ وٕسؠ تہٕ وردٕن ۔"

بیٛگاہ چھُ کاوٕ بب سُنٛز کٕہرٕ سوٗنہٕ وٕسؠ تہٕ وردن انان ۔
دوٕہا دوٕہا چھُ گژھان سُنٛز کٕہر چھُ آسان کاوٕ عٲلِس
منٛز بہتھ وردن لاگِتھ تہٕ سوٗن پیرِتھ رٕنگہٕ بیدرٕ کنان ۔
أتھی منٛز چھُ آسان أمِہ مُلکُک پادشاہ پننِس وزیرس سٟتؠ شکارس
درامُت ۔ یم چھِ اپارِ یکان تہٕ کُلِہ بیٹھ چھِ بیدرٕگ پٕکِن گٕکِن
لوزان ۔ یم چھِ نظر دِوان تہٕ اتہِ چھُ حور ویری ہِشِس زنانہٕ وچھان ۔
پادشاہ چھُ أمِس پیٹھ عاشق گژھان ۔ یہِ چھُ أمِس ونان
"ژےٚ چھُےٚ قسم ژُمی سُند یمہِ ژٕہ تہٕ پاٗدٕ کرِتھ تہٕ بہ نٕرِ، ژٕہ
نےٚ پوٗزٕ پوٗز ونکھ زٕ ژٕہ پری چھکہِ کِنہٕ اِنسان؟"
سُنٛز کٕہر چھُس دپان ۔ "قسم چھُم ژُمی سُند یمہِ لو پاٗدٕ
کرِس بوٗنےٚ اِنسان چھُس تہٕ ناو چھُم سُنٛز کٕہرٕ۔"
پادشاہ چھُس دپان ۔ " تیٚلہِ چھیہٕ ژٕ جاپأنی جلے کاوٕ عٲلِس
منٛز ژٕہ وٕسؠ لو شیرٕ جاپأنی جای پننِس محلہ خانس منٛز ۔"
سُنٛز کٕہر چھُس دپان ۔ "یوتام نہٕ کاوٕ بب بیہہ تہٕ میٚہ
اجازت دِیہِ، لو ہیکہٕ نہٕ یمہ جایہِ نیرِتھ ۔"
پادشاہ چھُس دپان ۔ "سُہ کر ییہہ یوٗن کاوٕ بب؟"
سُنٛز کٕہر چھُس دپان ۔ "شامس ۔"

بادشاہ چھُس دپان ـ "بو براپہ"۔ مگر امی وِزِہ چھُ
بادشاہس بیٚن وزیرِ ونان ـ "پادشاہم، اسہِ پزِہ نہٕ شام تام
یتینتھ پرارُن، تکیا زِہ بیتہ لگہِ محلہ خان واتنس ژیر تہٕ
وتھ چھِہ سیٹھاہ کرٛیٹھ۔"

پادشاہ چھُس دپان ـ "میانہٕ وزیرو، اِدہ کیاہ کرہ بو؟
بو ہیکہ نہٕ شُنٛزکِسرِہ ورأی محلہ خان گژھِتھ۔

وزیرِ چھُس دپان ـ "پادشاہم اَسی نمون شُنزکِسر سیتی
یدرٕ ے یہ پانٔے وسہِ نہٕ، اَسی ژٕلو کُل تہٕ شُنزکِسر واتہٕ
پلنٔے تہندین کھورن تل۔"

پادشاہ چھُس دپان ـ "کینژھا کر مگر اَمِس سوٲی بیہ نہ
شوکھس آرام۔"

وزیرِ چھُ شُنزکِسرِہ دپان زہ وُس بوہن۔ شُنزکِسر چھُس
دپان زہ کاوہ بیہ نہِ اجازتہ ورأی وسَے نہٕ ژاٹھہ۔ اَخر
چھُ وزیرِ تبرٛدارن انان تہٕ تم چھِہ ہیٚوان کُل ژٹُن۔
شُنزکِسر چھِے یمَن وہوان تہ ونان ـ "لیٚس کاوہ بینی
دِدِر ژٹِلے تَس مکھ تہٕ مکشرہ ہٹے۔ لیٚس کاوہ بینی دِدِر
ژٹِلے تَس مکھ تہٕ مکشرہ ہٹے۔ لیٚس کاوہ بینی دِدِر ژٹِلے
تَس مکھ تہٕ مکشرہ ہٹے۔" مگر تبردار چھِہ نہ اتھ بوزان

کیتھہ۔ تِم چھِ گُل ژٹان تہ سُنٛزِ کیسر چھِ گُل ہیتھ بوٚن
پیٚوان۔ اَتہٕ چھُ اُمِس پادشاہ ٹُلان تہ واتناوان پننِس
محلہ خانَس منٛز۔

پادشاہَس چھِ اوتام شیٚیہ زنانہٕ آسان تہ وُنی چھُس
سُنٛزِ کیسر سٕتم بنان۔ اکہٕ دوہہ چھُ سُہ دپان زہ ستوٚ آشنیو
منٛزہ ہسا بنہٕ میانی نِژھہِش مُلکٲنی سوٚے یٚس پٔرتی
صِفت آسن۔ سُہ چھُ ستہٕ ونی ناد دِتھ انان تہٕ دپان
چھکھہ۔ "بو دِموہ توہہٕ ہوی ہوی داںہٕ، یوس جَل جَل
یہٕ منٛتھ دِیہ، سوٚے بنہٕ مُلکٲنۍ۔"

سارے پادشاہ بایہ چھِ داںہٕ نوان تہٕ گژھان پننیٚن
محلہ خانن منٛز مننہٕ۔ سُنٛزِ کیسر تہٕ چھِ نِوان تہ تھاوان پننِس
محلہ خانَس منٛز۔ سہ چھِ دارہٕ اُکِس پیٚٹھہ بہت ودان آسان
زہ ونی گیاہ کرہ تکیازہ تَس چھِنہٕ ژگان داںہٕ منٛنٕ۔ سہ چھِ
سوچان آسان زہ گژھہ ناگنہٕ انہٕ کاوہ یِب یاوہ تسی ونہٕ ہا۔
اُتھی منٛز چھُ کاو کاو کران کاوہ یِب۔ اُمِس ژھانڈان
ژھانڈان اوری واتان۔ سہ چھِ سُنٛزِ کیسرہ نالہ متہٕ رٹان۔ سُنٛزِ کیسر
چھیٚس ودان ودان پننی سوری حال ونان تہٕ آخر چھیٚس دپان
"کاوہ ببا، ونی ہا چھِ پادشاہَس اَسہ ستو منٛزہ مُلکٲنی ژٲرنی۔

دۄہمت چھُن نہ یوٗس اکھ ہوٗ وانہٕ گوڈہ منتھ اُپنو سوے بنہٕ مُلکاُنہٕ۔"

کاوہ بب وۄتھس۔ "کاوہ بب لوگیٚ بلاے، تۆہۍ کیازہ چھکھ ووان۔"

شہ دراو اکھ ساتہٕ تہٕ دیوتن ساہرنی ژرین تہٕ ہارین حکُم۔ تمہ آیہ شنہٕ کسرہ ہندس محلخانس منز تہٕ اُکس برنزس منز دیتھس سونٛہ وانہٕ پھرِنکت۔ کیسر الگ کرِتھ تہٕ تۄمل الگ۔ شنہٕ کیسر گیہ خوش۔ تمہٕ تُل تۄمل تہٕ گیہ پادشاہس ہیتھ۔ وتہٕ سمکھییس باقی پادشاہ باپہ تمو پرۆژھس۔ "شنہٕ کسری ژرییہ کِتھے کٔن موکلاوت یوت جلد ہنتھ"۔ تمہ آسہ وۄنہٕ گوڈنچی گوڈنچی لِو ہسان۔

شنہٕ کسر وۄژھکھ۔ "ہتے میہ ترووسونٛہ وانہٕ ویتھہ، بٔٹھ نرھوم کنزر تہٕ چھہل۔ اوہ اوہ کھوت اُکسی برنزس منز وانہٕ جنتھ۔"

یمہ پادشاہ باپہ گیہ سارے تہٕ ترووکھ پنن پنن وانہٕ ویتھہ، بٔٹھ تراُوکھ کنزر تہٕ تہٕ چھہل تہٕ۔

شنہٕ کسرہ ہوو پادشاہس تۄمل۔ باقی شیٚن پادشاہ باپن اوس تہٕ کنزن تہٕ چھلن منز نب نشانہٕ کُنہٕ وانہٕ تووہٕ۔

چھنہٕ کتھی۔

یہِ وُچھِت گو پادشاہ سُنی کسرٕ بیٹھ سٹھاہ خوش تہٕ باقی شیٚن پادشاہ باین بیٹھ سکھ نارٲضی۔ دوٚیمہ دوہہ ووٚن تِمو "ساے پادشاہ بایہِ رلِتھ پنٕنین محلہٕ خانن لیس ہنٛد محلہٕ خان رُت آسہِ سوے بنہِ میانی زِٹھ ملکانی۔"

ساے پادشاہ بایہِ گیہِ پنٕنین محلہٕ خانن لوچھِ۔ سُنی کسِر بیٹھ ودنہِ تکیازِ تمہِ اوس نہ ازتام ژاہ تہٕ پیومُت۔

اُتھی منز گو کاہوہ بب پادہ۔ سُنی کسرٕ ووٚنس۔ "کاہوہ بیا، ازہا ووٚن پادشاہن محلہٕ خانن لوُن تہٕ یس ہنٛد محلہٕ خان رُت آسہِ سوے بنہِ زِٹھ ہش ملکانی۔"

کاہوہ بب ووٚتھس۔ "کاہوہ بب لگی بلایہِ، تو تہٕ گیازہ چھک ودان۔"

سہ دراو امی ساتہ تہٕ دیوتن سارنی ژرین ہارین تہٕ گُتجن حکم۔ تمہِ آیہ سُنی کسرٕ ہنٛدِس محلہٕ خانس منز رنگ روغن تہٕ گلاب عارق ہیٚی ہیٚی تہٕ اکِس برٛنٛزس منز تھوٚوکھ اوٚہند محلہٕ خان سجاوِت۔ سُنی کسِر گیہ یہِ وُچھِت خوش تہٕ سو درایہِ پادشاہس نادس۔ وتہٕ سمکھیس باقی پادشاہ بایہِ تہٕ تِموٚ پروژھس۔ "سُنی کسری ژہ کتھے کنی موکلیکھ

یوٚت سٕلی محلہ خان سنجاوِتھ۔"

سٕنی کیسرٕ وَنٕہکھ۔ "ستے ہیٚتہ اَنِ رب، سوٗر تہ پاہ،
تمی سیتی رٕوم، اوٚرے لوٗگم کمی کال۔"

یمہ شیٚتہ پادشاہ بایہ تہٕ گیہ تہ اَنِکھ رب، بیٚلیہ سوٗر
تہ بٕبیہ پاہ۔ امی سیتی رٕوکھ یلہ پادشاہ آو تمۍ وُچھ
شیٚن محلہ خانن پھکھ نہٕ سٕنی کسرہٕ ہندِس محلہ خانَس گلاب
مشک۔ سُہ گو یہٕ وچھت سیٚٹھاہ خوش سٕنی کیسرہٕ بیٚٹھ
تہ باقی شیٚن پادشاہ باین پیٚٹھ سکھ ناراضی۔ دٕیمہ دوہہ
وَوٚن تمۍ۔" سارے پادشاہ بایہ رٕنہو پننیٚن محلہ خانن منٛز
ضیافژ، یمی سیٹھ ضیافت پٕرژ آسہ، سوے بنہ میانٕ
زِٹھ مٔلکاژٕ۔"

سارے پادشاہ بایہ گیہ پننیٚن محلہ خانن منٛز ضیافژ رننہٕ۔
سٕنی کیسر بیٹھ دارہٕ پیٚٹھ وونژ تکیازہٕ تیہ آس نہ انہٕ تام ناہہ
تہ کاتہہ ضیافت رٕنٛمژ۔ اَتھی منٛز گو کاوہ بب پاوہٕ۔
سٕنی کیسرہٕ وَوٚنس۔" کاوہ ببا، اَز ہا وَوٚن پادشاہن ضیافژ
رننژ، تہ یس ہنز ضیافت پٕرژ آسہ، سوے بنہ زِٹھ
ملکاژٕ۔"

کاوہ بب وٚوٚتھس۔" کاوہ بب لگی بلاہ، توتہ کیسازہ

چھکھ وٕدان۔"

سُہ دراو امی ساتہ تہٕ دٮ۪تنُن سادنی ژرٮ۪ن، پادٮ۪ن
تہ گتجن حکم۔ تِمہ آیہٕ سٕنی کسرہٕ ہندِس محلہ خانس منٛز
گیٚو، کوٚنگ، مصالحہ تہٕ ماز ہیٚی ہیٚی تہٕ اُکِس برٛنٛزِس
منٛز دیٖتِکھ سٕنی کسرہٕ پلاوٕ مُتجن تہٕ رنٛگہٕ رنٛگہٕ ضیافژ
ژنِتھ۔ پتہٕ وٕچھتھ گیہٕ سٕنی کسرہٕ خوٚش تہ سوٚ دراپہٕ
پادشاہس نادس۔ وتہٕ سمکیٖیس باقی پادشاہ بایہٕ تِمو
پروٚژھس۔" سٕنی کسری ژٕہ کتھےٚ گٔنی موکلیکھ سُلی ضیافژ
ژنِتھ۔"

سٕنی کِسرِ وٕژھکھ۔"ہتےٚ میٚہ اُنِی ترٛوپر، تِتھی ترٛوٚوُم
رسہٕ بدلہٕ گرٛلوٗمت تہ مسالہ بدلہٕ گھہ، اَدےٚ لوٚگُم کمی کال۔
ریٚمہٕ شیٚتہٕ پادشاہ بایہٕ گیہٕ تہٕ اُنِکھ ترٛوٚپر۔ پہےٚ ژنِکھ، اتھ
ترٛوٚوِکھ رسہٕ بدلہٕ گرٛلوٗمت تہ مسالہ بدلہٕ گوٗ گھہ۔ یلہٕ پادشاہ آو سُہ
دراو شیٚو محلہ خانٛو منٛزہٕ تھوٚکہ ژراوان تہٕ سٕنی کسرہٕ ہندِس محلہ خانس
منٛز آس مزہ ضیافژ کھیٚوان۔ اَتھ پٮ۪ٹھ گوٚ سُہ سٕنی کسرہٕ پٮ۪ٹھ خوٚش تہ
باقی شیٚن پادشاہ باین پٮ۪ٹھ سکھ ناراضی۔ تِمی دیٖت امی ساتہ ریٚمن
شیٚن پادشاہ باین ملا تہٕ سٕنی کِسر بناوُن مُلکہٕ رٲنی۔
پتہٕ گژھ تِمو بأژو دوٚیو داریاپہٕ کالس راج تاج۔

# ہُرلآل

بِہ اوس پادشاہ اکھ، اُمِسی اوس نہ اولاد کانْہہ تہٕ نہ اوس وزیرِس۔ دوہہ اکہٕ چھُ پادشاہ وزیرِس ونان، اَے وزیرہٕ آسہٕ مُچھنہ اولادہ کانْہہ۔ دوشوٕے چھہ دِل ملوٗل۔ وَنہٕ وول ونان اَتھ شہرس منٛز اوس فقیراہ اکھ۔ یِم گیہ دوشوے اُمِسی نِشہٕ۔ نتیجہ دراو یِمَن دِیُت اللّٰہ تعالیٰہن دوشوٕنی اولاد۔ پادشاہ ہِندِس شہزادس کوٗرکھ ناو دلاور۔ تہٕ وزیرزادس عارف عیار۔ پادشاہس آیہٕ کیاہ تام وزنی تہٕ لوٗگھ وزیرس وَنہٕنہٕ، زِ یِمَن دوَن شہزادن گژھہ دوٕدِھ موج پرِستانٕچ پری آسنۍ۔ اَمہٕ پتہٕ آیہٕ پرستانٕچ پری یِمَن دود دِنہٕ یاپت اَنہٕنہٕ۔ صاحب وستاد ونان یوت نہٕ یِم دوہس چھہ بڈان، تیوتھ چھہ یِم راتس بڈان۔

دوہہٕ اکہٕ گوٚ دوٕدِھ ماجہ خیال بہ انہٕ ہا پرستانہ خبراہ، یِہ چھہ پرستان نیرنچ تیاری کران۔ نیرنہٕ برونٛہہ چھکھ وزیرزادس یوٗس شہزادہ ہِندہٕ کھوتہٕ چالاک تہٕ تہٕ عاقل تہٕ اوس، ونان —

ہتو عاؔرفو گژھے بہ پتھ پرستانَے، دِلاور چھوی حوالے لولو
لول ہُو ہیتمو ہیوٗ عاؔرفو گژھینا بہ پرستانَے لولو
وارہ روزمُو لولو تاگہِ ہاے۔
خبراہ اَنہٕ ہاویٚن تہٕ داسن ہیوٗ میانہٕ عاؔرفو
وارہ روزمُو لولو تاگہِ ہاے۔

امرِ پتہٕ درایہ پری پرستان کُن۔ صاحب ووستاد ونان، نیرِ
کِنی آسی سہ گِندان، شہزادو دوِیوٚ ہیٚلہِ شور بوزِ ہیم چھ
ونان آسی تہٕ دِموٗنا نظر بہ شور کیٚتھ چھُ۔ اوٗنام آسی نریمن
دووِہ ماجِ نیٚبر دِوان نیرنہٕ۔ زِینہٕ گھرہ پیٚٹھے آسی ہیم شیشِس
گمزس منٛز بند۔ دُنیاہک گاش آسی نہ ہیم وُچھان۔ اَمرِ دووِہ
ہیٚلہِ ہیمن سہن ہندِ گِندنکھ شور کنن گو۔ ہیوٗ بھتراو اُڈجہ
سپتی شیشہ، توہ پتہٕ درآی نیٚبر۔ اَندِکی باقی تُہری آسی گِندان
ہالہ لورہ۔ ہیمن ہیٚلہِ نظر ہیٚیہ، ہمو دوِیوٚ تہٕ ہیٚوت پانہٕ واَفی
گِندُن۔ عاؔرِف عیار چھُ پنہٕ دِوان شہزادس ووٹھ کڈنہٕ۔ اَمرِ پتہٕ
کھوٚت شہزادس شرارت تہٕ ملہٕ ناوِنی وزیرزادس سپتی جیٚگی۔ یہے
خبر واٚتز پادشاہس۔ پادشاہس ووٚنکھ چھکھ نہ سہ لوزان وزیرزادن
ہسہ نفوذ شہزادس ماہنیِ روٚت باقی۔ مو خصر چھُ پادشاہ پانہٕ نیران۔
پادشاہ تہٕ ووٚت اَتھ جایہ، تو تہٕ چھُ پنہٕ عاؔرِف عیار شہزادس ہیٚلہ

نزاوان۔ پادشاہَس کھوٚت ہِشم۔ اُمی کوٚڈ حُکم زِ وزیرزادہ گژھ مارُن۔ وزیر چھ بوزان یہ چھُ ہِنہ غمگین گژھان۔ مگر پادشاہَس وَنُن کوٚرُن نہ کینہہ۔ اَمہِ پتہ دراو گھرہ۔ گھرہ یٚلہِ ووت تہ چھُ وزیر بابہ ونان—

بوٚن کُن وسنُے ہیُے وزیر بآیہے۔۔۔

عآرف نیوٚکھے مارہیِے لولو تآئی ہاے!

یہ چھُبس تنہ لٹہ ونان۔ وزیر بابہ یٚلہِ فکرہ توٚرپتہ چھُ نیران شاہی محلس کُن۔ پادشاہس نِشہ وآتتھ چھ پادشاہس کُن ونان—

منتُو مارتن ہیوٗ میانہ پادشاہو۔۔۔!

دِتس راہِ خط یمہ شٔہلرے، دِتس راہ خط لولو تآئی ہاے

اَمہِ پتہ اَنہ نوٗو عآرف عیار پادشاہن واپس۔ پادشاہ زادہ بمطلب شہزادہ چھُ سوٗنچان اگر اُمس پادشاہ پانہ راہ خط لیکھ یہ تھاوِنہ اُمس گنہ لایِق۔ یہ چھُ پادشاہس ونان—

پانٔے لیکھہ سو راہ خط ہیوٗ میانہ پادشاہو لولو تآئی ہاے
دٔیتمو قلم کاغذ لیکھس ہو راہ خط یمہ شٔہلرے، لیکھس ہو راہ خط
یو رتہ سہ ہیہ ہے لیکھس بہ راہ خط، بوزبابو لیکھس ہا راہ خط لولو تآئی ہاے۔

موٚخصر چھُ دِلاور پادشاہ زادہ عآرف عیار وزیرزادس پانہ

راہ خط لِیکھان ۔ پادشاہ زادہٕ چھُ اَتھ عبارَتَس مَنٛز لیکھان زِ یہِ ىٕنٕہ
گژھِنہٕ تمہِ شہرُک مسافِر زانُن، بلکِہ گژھِ تمہِ شہارُک پادشاہ
زانُن ۔ یہِ راہ خط چھُ وزیرزادس ڈٲکِس مُرتھ تھاوان ۔ دِنہٕ وول
وَنان اُمِس اوس اَتھ ڈٲکِس مِیُٹھ ژٕکرِ، اَتھ ژٕکرِس اوسُس
مخنتہٕ جُرِتھ ۔ اُتھی ژٕکرِس تھوٗنَس لاگِتھ ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ عاؔرِف عیار
نیرآن ۔ تہٕ موج چھَس پتہٕ کرِیکھاہ دِتھ وَنان ۔ یوٗت یوٗت
واتہٕ ہام تتہٕ نوٗ ہینزِ میون ناو ۔ یمہِ شہرُک ناو، دِیٕرہ بایہِ
سُند ناو، پادشاہ سُند ناو ۔ عاؔرِف عیار چھُس اوٕرہ وَنان
جواب یوٗت یوٗت بہ واتے ہِنٛزے میأنی موجی بہ دیکھ مسافِر
چھُس ۔ یہِ وُنتھ چھُ نیران ستھ دوہ تہٕ ستھ راتھ چھُ
قدمہٕ قدماہ دِوان ۔ ستہِ دوہہ ووت اَکِس دٔریاو بٔٹھِس پٮ۪ٹھ ۔
اَتھ دٔریاوس وُچھُن ژونٹھاہ اکھ وسان ہیٔرِ ۔ یہِ ژوٗنٹھ
لوٗگ تمی سیوٗد بال، یمہِ سیوٗد عاؔرِف عیار اوس ۔ نکھہٕ پٮ۪ٹھہِ
ووتُس اُمی کھور یہِ ژوٗنٹھ ۔ اما پوٗز ژوٗنٹھ کھارنہٕ وٕزِرہ پیوٗس
دلاور یاد ۔ دِپان چھُ پانَس ستی میانہٕ خوٗدایاہ یا تہٕ گوژھ
شہ یار تہٕ آسُن نتہٕ کیاہ کھٮ۪مہ یہِ ژوٗنٹھ ۔ خاؔر یہِ ژوٗنٹھن
ترأوِنی چینِدس ۔ خیال گوس یہ وُچھہا شہ باغ یمہِ باغُک یہ ژوٗنٹھ
چھُ ۔ پٮ۪ہ وُچھُن اَمہِ باغُک باغوان، لیُس یہِ باغ بناوان چھُ ۔

٥ امہِ باگنک وُچھہِن باغوان یَسْ بیوٚند کران چھُ جان
امہِ باگنک چمن یَسْ کران جان- اَمی باگنکۍ وچھہِن بہٕ باغوان
امہِ پتہٕ چھُ درباوہ بیٚٹھی بیٚٹھی پکان تہٕ واتان ووت
اُتھی باغس نزدیک- اَتھ باغس آسہٕ ڈیڈِلی اَتھ ڈیڈِہ ننہِ
ٹیٚلہِ عارف عیار ووت توٚرہ پتہٕ ژا باغس منٛز- کھیٚوان کران
چھُنہٕ کینہہ ، مگر گلہِ پتھ گُلہِ چھُ پھیران- باغوانس ٹیٚلہِ نظر
پیٚیہٕ سُو آو دوران تہٕ گرٛنس تھپ- تھپ گرِتھ ہیوٚت
نَس لاینٛ- یہٕ وزیرزادہ چھُس یوٚرہ ونان ، ہیوٚ باغواناں
سیٚوٚدوی وُچھزیم نتہٕ وُچھزیم ڈیکہٕ زِکرَس- باغوانن ٹیٚلہِ اُمس
گردِگاس نظر ژاو یہٕ چھُ ژلن ہیوان ، مگر عارف عیار چھُس
نہٕ ژاوان- باغوان چھُس گٔلی گنڈِتھ معافی ہیوان- عارف عیار
چھُس ونان آہنو ہُے غیرزان اوسُس لوٚتھم کیانہ ہہٕ تہٕ
وَنتم یہٕ کہند باغ چھُہ- آخر چھُس نان یہٕ چھُ پادشاہ سُند-
عارف عیار چھُ باغوانس پکناوان پادشاہس نِشہِ- پادشاہس
ٹیٚلہِ عارف عیارنِس گردِگاس پیٚٹھ نظر پیٚیہ سُہ گوٚ تختہٕ پیٚٹھہ
تھوٚد وُتھِتھ- عارف عیارس چھُہ سہٕ بیٚہنی جاے پیش کش تھاوان-
مگر عارف عیار چھُس نہٕ مانان- عارف عیار چھُ بادشاہس ونان
زِہ یمِس باغوانس پیٚٹھہ تہٕ میٚہ کیاہ کھیٚوو یمِس- یمی کتھ پیٚٹھ

لبمٕژ ہیٚژ ۔ پادشاہن کوڈ اَمی وقتہٕ باغوان تہٕ عآرفس چھُ
وَنان، وَنِتہٕ وٕنی ژٕ کیاہ گژھی ۔ عآرف چھُس وَنان ژٕ
پتاو میٚژ پمہ باغُک باغوان ۔ پادشاہ چھُس وَنان ژٕہ باغوآنی
الیخ چھُکھ نہٕ، ژٕہ کر بدل کینٛہہ تجویز ۔ عآرف چھُس نہ
کینٛہہ مانان ۔ آخر چھُ بادشاہ اَمہٕ دوہہ اکھ ژونٹ
دُریاوس پیٚرہٕ تراوان تہٕ دپان ۔

" یمہ دِلاور یار میون تہ میانی باکھی پیآر "

یہ پیٚلہٕ اَمہٕ باغُک باغوان مقرر سپد یہ پھیورہ
اَتھ باغس سآرسی ۔ اَتھ منٛز اوس ناگ، ناگس وُچھُن اَندیٚ اَندی
سام کھورمُت ۔ سامس وُچھُن لیکھتھ " خفتہٕ دلاور تہ صفتِ
ہُرہٕ لآل ۔ عآرفن یامت یہ بوٗز، اُمی گُر کآم اُمی تراو
اتھ سامس پیٹھ رَب ۔ مختصر گُرِفی رہہ تَل یہ عبارت
غآب ۔ یہ تھاوتن اُتی ۔ ہو نہٕ لوٗگ دِلاوارن بیمار ۔
پادشاہ گوٚ گیر ۔ تمام حکیم چھُ شہزادس علاج کران ۔ مگر
شہزادس چھُ نہٕ فرقاہ کینٛہہ گژھان ۔ اَمہٕ پتہ چھُ حکیماہ اکھ
یوان ۔ یہ پیٚلہٕ دِلاورس نبض چھُ وُچھان ۔ یہ چھُ وَنان
شہزادس بیمآری کینٛہہ چھے نہٕ ۔ دِلاور چھُ وہ شاہ ترٲوِتھ
حکیمس وَنان ۔

٥ دود چھُ مو طبیب میاینوٗ، لولو تأی ہاے

یارس ناو چھُ مو عاؔرف عیارو لولو تأی ہاے

یار گوٗژھ مو طبیب میانوٗ لولو تأی ہاے

کوٗت گوٗ ہمو لولو تأی ہاے

بہ ہا سہ ژھارن لولو تأی ہاے

کمہ وتہ گومو لولو تأی ہاے

حکیم چھُ پادشاہس ونان۔ پادشاہم شہزادہ بیمار کینْہہ چھُ نہ، یہ گژھ ہوا بچہ نہ سوزُن۔ پادشاہ چھُ شہزادس نوکر چاکہ سیتی دِوان تہ سوزان چکرس۔ دورہنا بیلہ واتی شہزادہ چھُ یمن ژوُرہ ژلان تہ واتان چھُ تتھ دریاوس رنشہ، یتین عاؔرفن دریاوہ منزہ ژوٗنٹھ کھاجیوٗ، اُمی تہ کھور امِی سیوٗد ژوٗنٹھ تہ اُمس تہ پیوٗ امہ وزہ عاؔرف بیار یاد۔ یہ ژوٗنٹھ تروٗن چیندہس تہ خیال گوس بہ وچھہن یہ باغ تہ بیلہ امہ باغک باغوان۔ موختصر چھُ یہ تہ دریاوہ بیٹھی بیٹھی انہ باغس نکھہ واتان۔ اُدتن بیلہ ووت تہ ژاو باغس اندر، تہ چھُ اتہ گُلہ پنژ کُلہ پھیران۔ عاؔرفس بیٹھہ دوٗرے نظر تہ یہ آس بروٗنہہ کُن تہ چھُس ونان۔

٥ کتوٗ آکھہ ہیوٗ شہزادہ لولو

کتُھ گژھہ کھو ہیُو وَنتہٕ غیر زانہٕ لولو
وَتھ گمیوٗ ہاوِی ہیُو شہزادہ لولو

دِلاور چھُس جواب دِوان ـــ

بہٕ آسس شہرِ اندامس لولو
یارس ناو چھُم عاؔرف عیارہ لولو
ژھاران چھُس یارہ جاناںہٕ لولو

یہ بوزِتھ چھُس عاؔرف عیار نالہٕ متہٕ رٹان۔ دپان بوٗزِ گوس عاؔرف۔ یم چھہ پانہٕ وٲنۍ ملاقات کران۔ اَتھ منز چھُ دلاورس ترٛیش لگان۔ عاؔرف چھُ بانہٕ اَنِتھ کیٚتھ تُلان۔ واتان ووت پادشاہس نشہٕ وُوِرے چھُس کریکھاہ دِوان۔

٥ـ ازبرٕ آمُت چھُمو ہیُو میانہٕ پادشاہو
سہٕ دِلاوری لولو تاٰیِ ہاے
یوڑ آموٗ لولو تاٰیِ ہاے
باغس منز چھُمو لولو تاٰیِ ہاے
ضیافژ تیار کرتمُو ہیُو میانہٕ پادشاہو
میانہٕ پادشاہو لولو تاٰیِ ہاے

اَمہٕ پتہٕ تُھجن ترٛیش پتہٕ دراو باغس کُن، دلاورس ترٛیش ہیٚتھ۔ ہیٚارِ چھُ دلاور اَتھ باغس پھیران یہ ووت اَتھ ناگس

نِشہٕ ۔ دِلاوارن بۄلہٕ ناگ وُچھ اُمِس، گو دِلس ڈیچھ اُڈ یارن
مادِژ ہیٚہ اَمہٕ ناہرِچ ترۄٚیش ۔ بڈہ بۄیوفا چھُ یہ عاٰرف ۔ موخصر
چھُ یہ بَلو کڈان تہٕ وسان اَتھ ناگس منٛز شران کرِتھ ۔
گوڈُنیک غوطہ بۄلہٕ دِیتُن یہ بۄوتھ اَتھ سامُس بۄٹھ ۔ اَتھ
سامُس بۄلہٕ آب ہیٚو اَتھ وُژھ یہٕ رب، لوسہ عاٰرفن بۄٹھ
تھاوِمُژ آسہِس تہٕ عبارت درایہٕ نٕنی، دلاوارن بۄلہٕ صفت
ہیرِہ لاٰل تہٕ خفتہ دلاور پۄوٚر، اُمِس گیہٕ نِصفُس پانُس گنٛز ۔
یہٕ چھُ صِرف ونان فقط عاٰرفو ترۄیش تہٕ عاٰرفو ترۄیش ۔ عاٰرف
بۄلہٕ باغس منٛز ووت اَتہٕ وُچھُن ہِنہ دِلاور کینٛہہ ۔ یہ چھُ
اُمِس ژھاران ۔ ژھاران ژھاران ووت اَتھ ناگس بۄٹھ،
اَتہٕ وُچھُن دِلاورس یہ حال گومُت ۔ ہِنہ چھُ ودان، ودان
ونان —

یادن ملہٕ لۄ ژھنبے، ژۄٚیہ کمیو یارہ گرِی گینٛیے
ہتو یارہ ژۄٚیہ کمیو گرِی گینٛیے، ژۄٚیہ کمیو یارہ گرِی گینٛیے

موخصر بۄلہٕ عاٰرف عاٰجز گو یہ دوٚیلو پادشاہس تہٕ چھُس
دُورے ونان —

کمیو بناوو باغ تہٕ ناگ ہیٚو میانہٕ پادشاہو لولو تاٰئی ہاے
بوٚن کُن وستو ہیٚو میانہٕ پادشاہو دلاورس گیم گینٛیے لولو تاٰئی ہاے

جل پایہن وستو ہیوٗ میانہِ پادشاہو یارس ہا گیم گنیے لولو تائی ہاے

پادشاہن ییٚلہِ یہِ صدا بوٗز، سُہ چھُس ونان۔ ناگ تہٕ

باغ چھ دوٗ شوٗے میانۍ۔ عارف چھُس ونان مےٚ ونیتہ سر آتھ

سامس گیمہِ چھُ یہِ لیکھتھ تھوٗ مُت یہ "صفت ہر لال تہٕ خفتہ

دِلادر۔" پادشاہ چھُس ونان اُمِح نسر چھنہٕ مےٚ خبراہ گیتھہ۔ البتہ

باغ چھُ بنوٗ مُت نقاش گرن، اگر خبر آسی تہٕ تمسی۔ عارف چھُس

ونان سُہ کتہِ چھُ نقاش۔ پادشاہ چھُس ونان سُہ چھُ فلانی

کوہس پیٚٹھ چلِس ژامُت۔ عارف چھُ دوستِ دلاوارس

الس تُلان تہٕ اُمِس نقاش گرس نِش گژھان تہٕ چھُس ونان

سہ صدا بوزتو نقاش گرہ لولو تائی ہاے

نیٚبر نیبر تو لولو تائی ہائے

یارس گیموٗ گنیے لولو تائی ہائے

نقاش گرس یامت سائلہِ سُند صدا کنن گوٚ یہ دراو نیٚبر۔

اتہٕ وُچھن اِنساناہ اکھ نیٚصف زندے تہٕ نیٚصف گنی۔ صرف

ونان عارفو ترئیش تہٕ عارفو ترئیش۔ بہٕ نقاش گر چھُ عارفس

پرژھان یہِ کیاہ دلیل چھُ اُمِس گیمژ۔ عارِف چھُس جواب ونان۔

سہ کمی بنوٗ مُت ناگ ہا نقاش گرہ لولو تائی ہاے

کمی لیوٗ کھمُت تتھ سامس ہر لال تہٕ خفتہ دلاوار

تتھ ہا سامس لولو تأی ہاے

نقاش چھس ونان اورہ۔

ے میٹے ہا بنوومت باغ تٔے ناگ عاآرف عیارو لولو تأی ہاے

ٹیلہ ہو باغ تٔے ناگ تیار گو ہیو میانہٕ عاآرفو

آسمانی آلیو کوتر جوراہ، زمینہٕ دتہ ہو بنجے لولو تأی ہاے

لیکھتی گیو اتھ سامس صفتِ ہرہ لال تہٕ خفتہٕ دلاور

لیکھتہٕ تھوکھو خوفتہٕ دلاور

لیکھتی ٹیلہٕ موہ کلاوکھ وڈتھ گیہ نا۔آسمانی ہو وڈتھ گیہ نا۔

نقاش چھس ونان امہٕ الوٚر نہ سہ چھے نہ میٹہ خبر کینھہ۔ اگر خبر آسی تہٕ سو آسی بیارہ ماچھ خبر۔ امہٕ بتہٕ چھ عاآرف دلاورس الٹس ملان تہٕ چھ بیارہ ماچھ کن نیران۔ قدماہ قدماہ چھ دوان۔ جایہٕ اکس وچھن بوڈہ اکھ پوٹ منڈان کریہنہٕ زاورہٕ دوان لتھاہ لتھاہ۔ یہ عاآرف عیار چھس ونان، ہتا یارہ اتھ کیاہ چھک کران۔ یہ بڈہ چھس ونان یتھ کریہنس گوژھم سفید بنن۔ عاآرف چھس ونان ہتا بڈہ اژ تامت چھا کرہن سفید گومت۔ بڈہ چھس اسناہ تراوتھ جواب ونان۔ اڈہ چھا اژ تامت مردہ زندہ گومت۔ عاآرفن ٹیلہ یہ جواب بوز، امہ دیت اتی سیدہ دلاور دآرتہ تہٕ پانہٕ بھیور پوٹ۔ برونہہ پاہن پکتھ وچھن اورہ ستھاہ

اکھ یِوان۔ اُمی کنہٕ جوراہ، گزداہٕ مرٕہ، گزداہٕ مرٕہ یتہٕ بُرٕونہہ ترادٕمڑٕہ اکھ گنٛبہٕ ٹُلان تہ۔ یہٕ وانتہٕ۔ ناوان گز پوٚنٛشہ، تراوان اُتی تہ دوٚیم انان۔ عاٗرف چھُس وَنان یم کنہٕ کوٚت ژھک نِوان۔ یہٕ چھُس وَنان یم چھِم بأےٕ ژٕہ یم گڑھنم زِندٕہ یم نِمکھ بیارٕ ماجہ نِشہٕ۔ عاٗرف چھُ سوٚنچان، یمن چھِہ سارسی بدِنَس گنٛبہٕ گامٕژ۔ یم ٹیٛلہٕ زندہ گڑھن تہ۔ تابجالے چھُ میٛہ دلاور کتھ کران۔ یہٕ چھوٚر بیٛلہٕ والیس تہ ٹُلن دلاور الڈس تہ دراو بیارٕ ماجہ نِشہٕ۔ بیارِ ماجہ نِشہٕ ٹیٛلہٕ ووت تہٕ چھُس صدا کران۔

ع السلام علیکم ہتے بیاٗر موجے

بیاٗر موج چھُس جواب دِوان۔

ع وَعلیکم السلام عاٗرف شہزادو۔

کتہٕ با اوسکھ کوٚت با گڑھک۔

عاٗرِف چھُس وَنان۔ یارس چھِم گنٛبہٕ گامٕژ یہٕ وَنتم یہ رکتھ گڑھم زندٕہ۔ بیاٗر موج چھُس وَنان ع

عاٗرف یمکھ بلنٛے میون چھُی بہلنے لولو تاٗہی ہاے

کُن تھاوتو لولو تاٗہی ہاے

ییٚپ وہٕ یو لولو، تمہٕ شہرک مہو لولو تاٗہی ہاے

بیاٗر موج چھُس وَنان مُہرِ لالہ چھِے دای، تمُس چھِی ناد

"وگیندیاوران" یِہ چھُی تِمی اپوٗکمُت۔ تتھ یَس صفت ہُرہ لانہ تہٕ خوفتہ دلاوار۔ عاؔرف چھُس وَنان اِدہ دِی ہتہٕ کیاہ کرہ۔ بیاؔر موج چھَس وَنان اکِہ شہرُک پےٚ، سیتی چھُس وَنان۔ تتھ شہرس منٛز چھُی موٗختہ ہار نایاب۔ یِہ چھُی موٗختہ یتھ گرٛتھ بندٕ ہبیوٗر کرُن، یوٚہے گرٛشھک ہاوُن۔ تتھ شہرس منٛز چھُی دٔریاو، تتھ دٔریاوس چھُی کرناؔو، تہٕ چھُی نہ عانٛنہِ تراوان۔ ژٕہ گرزِ گام، تمِس کرناؔوس گرزِ عاجزی تہٕ چھُی خطرناک طوطہ تہٕ تسند غذا تہٕ چھُی یوٚہے موٗختہ ہار۔ مختصر چھُ عاؔرف نیران تہٕ ووت اَتھ دٔریاوس نٕشہِ۔ اپارِ اُزس یِہ کرناؔو۔ عاؔرف چھُس یپارِ بُٹھِ کرٛشکھ دِوان۔ سیٹھاہ عاجزی سان۔ کرناؔوی چھُس گوٗش دِوان۔ عاؔرف چھُس بیہ تہٕ بیہ عاجزی سان آلوٗ آلوٗ کران۔ یٔلہِ اُمہِ سیٹھاہ عاجزی کٔر اُمِس کرناوِسی آسی گرٛداجیٚن، اُمہِ آو عار۔ یِہ چھ اُمِس خاوندس وَنان۔ دِس تار، کرناؔو مون آخر۔ مگر ناو ژٕٹِن بُٹھِ دوٗر پاہُن، عاؔرفس چھُ وَنان دِم سہ ناوِہ تار۔ عاؔرف چھُس وَنان بیہ میٚہ نقد کینٛہہ چھُم نہٕ۔ بہٕ چھُس سوداگر، میٚہ چھُ مال یِہ نقد اَتھ ییٚتی تہٕ گژھِ ژیٚہ، یِہ جنس پیٚٹھ تہٕ گو میٚہ۔ اَتھ لفظس پیٚٹھ کوٚر یمو وعدہ اقرار۔ اَمہِ پتہٕ چھُ کرناؔو اُمِس

تار ودان - مگر عارف عیار چھ اُمِس ونان، ناو زُٹِرزِ تتھ
یارہ بلِس پیٹھ یارہ بل ھُرہ لالہِ ہنٛد چھ - غار یہ چھ تتھی
یارہ بلِس، نکھہ ناو رٹان - موخته تُلُن تہ یہ ترٛوون ناوِہ
ہنٛدِس ڈیکِس الوٗند - رٛاتھ کھنڈ گیہ "وگنیاورن" چھ آیس
وسان - اُمِس پیٚلہ نظر پییہ، اُمِس کھییہ دِلَس وودھ - سونچان
چھ کمہ تام شہرکی سوداگر چھ کیتھہ تام کرن یور لوگمُت، اگر
میانہِ آغہ بایہ نظر پیٚیس یہ موخته ہار تہ تیہ ییس بیہ ہیس
خراب گرِتھ - ونان چھس ہیوٗ سوداگرہ غیرزانہ تلاہ یہ موخته ہار
تُل تھوٗد تہ میہ ہاو - عارف چھس نہ مانان - اَمہ پتہ چھ
"وگنیاورن" آیہ نوٹ تُلان تہ نیران - پیٚلہ ھُرہ لالہ نِش واتھ
تہ چھس ونان - چھکنادی بوزان - ہیم ناک سوداگراہ چھ آمُت
اُمسی چھ موخته ہار گوٗرُن - میہ وِنیوس یہ تُلتہ تھوٗد تورہ ہٲری
کوٗرُن میہ سیتی سیٹھاہ گفتار - ھُرہ لیلہ آسہ امہ دزہ
پننہِ ولیسہ صدرہ آہرہ امہ مُونُس نہ ییُن کینژہہ صرف وُونُس
ژہ دِہ تمِس یہ مُہرہ، یُتھ نہ ژلِہ - دایہ تِجہ مُہرہ ٹھیلی تہ
واتھ عارف سہ اُرس بِشر تہ چھس ونان رٹھ جو یہ - چھیپے
میانی آغہ بای دِوان زہ یُتھ نہ ژلکھ - سو ییہ پگاہ
پانئے - راتھ راتھاہ گیہ پگاہ چھیہ ہُرہ لیل دایہ ونان -

ٹُلِ دآیی سوٗ نہ سُند نوٹیس لو - آلبس نیرو ہُیتھ پیارہ لولو

موٗلہٕ ناوو یہ موٗختہ ہار لولو - موٗلہٕ ناوِتھ گنڈِتھ مٹہ لولو

ٹُلِ دآیی سوٗ نہ سُند نوٹیس لو

خنار امہِ پتہٕ چھِ یمہ نیران - یارہٕ بلس نکھہٕ ٹیلہٕ داژہ

عآرفس گیہ کتھ کنن امی لوٗگ گوٗنش - ہرٕ ئیل چھس نکھ پتھ

ونان ہیٚو سوٗداگراہ بیدار گژھو میٚہ ہا چھے لیوہ شے دِژی مژ

موٗختھر چھِہ یہ دوٗتھان تہ چھُس ونان کیادِی گژھی، یہ چھس

ونان میٚہ دِہ جو موٗختہ ہار - یہ چھِہ ٹُلان تہ چھُس ہاوان - یہ

چھُس ونان نہ جوٗ یہ چھِم نہٕ لپند، بدل کانْہہ ہاو - یہ چھِہ اتھ

بناہٕ بھیوٗر کران تہٕ دچھُس موٗختہ ہار دِوان - ہُرہٕ ئیلہٕ چھُنہ پتہٕ

لپند پِوان - بیہ چھُس بناہٕ بھیوٗر کران تہٕ دوان - یہ چھُس

ونان پتہٕ نہٕ - یہ چھُس ونان - میٚہ ہادِی یوٗزمُت یہ چھُہ

وِرِدہ شہر بو کنے نہ موٗختہ ہار - ہرٕ ئیل چھس ونان ژہ

کیازہٕ کنکھ نہٕ ژیہ میانی سِیے چھِے زُٹمژ - یہ چھُس ونان بہ

کنہٕ نہٕ پتہٕ پاٹھی - یمہ چھس ونان اِدہ کنہٕ پاٹھی کنکھ یہ چھکھ

ونان میٚہ چھُہ لوٗزمُت توہی چھِوہ وِرِدگر لحاظہ دِیٚو نادِہ

منز یمہ چھُس ونان ناوےَ چھِے سیٚلے - اور کتھ گئی وسُو

اُمی - یہ چھُکھ ونان ناوِہ کُرِد پرِدہ - پیارہ پرِدہ رُدِزہ تو

تھی تہ ایایہ روزہ بُر۔ ہرف دِیتھ دوشوے زنہِ میٖہ اُتھ
اتھہ زہ خبر تو ہی۔ ما ژُلیو۔ یمہ چھ ناوہ منزٕ وسان اتھ ہِ زہ
چھ عاًرفس اتھس منزٕ دوان تہ عاًرف چھ یمن موختہ ہار
دوان۔ یمہ چھ یمہ وناں یتہِ نہ یتہِ نہ۔ اُتھی گل گوشس
منزٕ چھ یمن یہ ژرہنی دِرہ کران تہ گالوس منزٕ بند کران۔
ناوہ دِیتھو کھ دُکہ تہ درای۔ ستن دوہن تہ ستن راتن چھ
پکان۔ ہُوتر چھُ نہ پادشاہ یمن دوّن کینٛہہ وُچھان سُہ چھُ
تلاش کران۔ اما پوٚز پَے چھُس نہ لبان کُنہِ۔ آخر چھ یہ
گژھان طوطس نشہِ۔ یہ طوطہ اوس ہرہ لالہِ روٚچھمت اُمی چھُ
پادشاہ ببرژھان، زہ ہرہ لیل کوٚت گیہ۔ طوطہ چھُس ونان سہ

کنٛژھاہ دِیتھو ہیو میانہِ پادشاہو لولو تاَی ہاے
کھیوٚن تہٕ چیوٚنیے لولو تاَی ہاے

اُدہ ہو ژھاًرنے لولو تاَی ہاے
کھیٚن دِیتھو لولو تاَی ہاے

خاًر پادشاہ چھُ اُمس کیٚنہ چیٚناہ دوان تہ طوطہ چھُ نیران۔
ستیٹھاہ تھوٚد چھُ طوطہ کھسان۔ اَمہِ پتہِ چھ یہ دریاوہ منزٕ
ناواہ پکان وچھان۔ طوطہ چھ ونان اگر آسن نہ اُتھی منزٕ۔
موختصر چھ وسان تہ بہان چھ اُتھی ناوہ ہندس ڈیکس پیٹھ۔

وَن وول وَنان عارف سیار اوس شۆنگتھ اُمس آیہ موج دِوَتھ یہِ گو بیدار۔ اُمس ییٚلہِ طوطس ییٚٹھ نظر پیہِ اُمس ییہ بیارہِ ماجہ ہِنز نصیحت یاد۔ تمہ اوس عارف سیارس برونہہ وۆنمُت زہ تس ییہِ پتہ طوطہ ژھارنہِ سہ آسہ بڈہِ خطرناک تسُند نغما چھُنی یُہے موختہ ہار۔ سہ گژھی اُمی سیتی سند۔بند ییٚلہِ کرہن ادہ ترآوزِیٚنی نہ سہ گژھہِ مارُن۔ عاَرِف چھ وۆتھان یہ چھ طوطس موختہ ہار پھلہِ پھلہِ کرِتھ برونہہ کُنَ تراوان۔ طوطہ اوس بوچھومُتوی یہ وۆتھ یہِ لۆگ موختہ ہار کھینہِ۔ اُتھی منز کوٚر عاَرِف سیارن بند۔ طوطہ ییٚلہِ بند گو تُمس ژُرج کرِنکھ نیرِتھ یہِ کرِنکھ گیہ ہُرہِ لٲلہِ کنَن۔ اُمس چھ کرِنکہِ ژلان نیرِتھ۔ ہرِئیل چھ طوطہ سنزہِ کرِنکھ بوزان یہ چھ عاَرفس کُن وَنان روختہ تیرہ کڈتس جو وارہ وارہ، ژریٚہ کیاہ واتی طوطہ مارنہِ سیتی۔ عاَرِف چھُس بیرہِ وَنان سہ

روختہ تیرہِ کڈتس والے والے

کینٛہہ نہ دِیی واتیٚم طوطہ مارنے لولو تٲی ہاے

بکھ تیرہ کڈس دی والے والے

کینٛہہ نہ دی واتیٚم طوطہ مارنے لولو تٲی ہاے

بآسی تیرہ کڈس دی والے والے

## کینہہ نہ دی واتیم طوطہ مارنے لولو تأیی ہأے

امہ پتہ ژھس بیہ عارف ونان ژریٹہ کیاہ واژوی ہتئے ہرِہ لال سنہ میون یار دِلادار مارہ سیتی۔ ہرِہ لیکہِ پٹلہ دلاوارن یہ ناد بوز تس گو دل خوش۔ تس آو زن بہار تس چھہ نہ پرژھ لوان زہ یہ چھا پرزہ کنی عارف سیار "وِگناوِرن" چھہ اندری دزان تہ ونان ژھس ہرِ ئیلی مول ماجر ہے آسہِ ژھانڈان۔ خوش کیتھی گیکھ۔ ہرِہ لالہِ وونس ادہ یہ کیاہ دوہ پرس سیتی چھہ سہ۔ امہ پتہ چھہ ناو بأگل لگان۔ عارف سیار ہرِہ لال تہ "وِگنیاوِرن" ہمی ساری کھتی بوٹھ۔ مگر ہرِئیل چھہ عارف سیارس ونان امس طوطس رفتار کینہہ چھینہ یہ تراوُن بٹلہ۔ اگر ہا تراوہ ہن لوہ انئے ونہ وتہ تھوہن۔ عارفن تُل تہ دیتن زندس اکس کن دأرِتھ۔ یاہ دراو ییمہ زہ زنہِ ہیتھ بیارہ ماجہ کُن۔ طوطہ چھہ مران ژوان پادشاہس نشہِ واتان تہ تس چھہ سوروی حال احوال ونان پتہ ونان زہ پادشاہم تمہ آسن واتہ مرہ بیارہ ماجہ نشہِ۔ بادشاہ ژھس ونان اگر وتہ آسن نیلہِ کرہو کینہہ۔ مگر بیارہ ماجہ نشہِ چلیہ نہ کینہہ۔ موختصر یہہ دِزہ ہرِہ لال عارف تہ وگنیاوِرن بیارہ ماجہ نشہِ واتہ یمو تراوی دوشوے دِلاوارس پتن ہس پٹھ یہ گو بٹیہ ریتھوی یتھ ادس۔ تھوڈ نیلہِ دوتھ یہ چھہ عارف بیارس

ونان ۔ ہتاہ ژیئے ترٛیش منٛجامُے ژیٚہ دِژہتھی ہٕ ۔ امہ پتہ چھُس
عأرف ترٛیش انان ۔ ہوش یٚیلہِ آس توٚہ پتہٕ چھُہ یِہ بدلی عالماہ
وُچھان ، حیران گو ۔ یہ چھُہ عارفس ونان بہ کیاہ سہ دلیٖل چھُ ۔
عأرف چھُس ونان یمہ ہسہ اُنیمٕ چانہِ بابت پرستانہ زٔنیتھ ۔
بیارہِ مُوج چھُہ عأرفس وگنیاورنہِ سیٖتیٖ خاندر کران تہ دِلاوارس
ہرہٕ ئیلہِ سیٖتیٖ ۔ عارف چھُس ونان ووتھ سا ووٚفی پنُن شہر
نیرٛو ۔ دلاوار چھُس ونان ؎

عأرفو گوٚژ ہمُو منک ساہی ہرہٕ ئیلہِ گژھیمٕ رونہِ زٕ اَنپانے لوتوتأی ہاے

عأرف چھُہ ونان بیارہِ ماجہِ ۔ سو چھُس ونان وٲلیں ؎

"عأرف چھکھ پانُے میون چھُی بہانُے"

یہ چھُہ عأرفس دِوان تیر ، رُز ، گز ، تہ بیالہ ہن ۔ دپان چھس
یٚیلہِ وتہِ نیرکھ بُتھہ ییٖتیٖن دوہٕ لوسی نٔتی گُرزہِ فرادہ تمہِ ابور
گژھہ زہ ہٕ ۔ یٚیلہِ اُتیٖن درآے واتان واُتی جایہِ اُکس اُتیٖن
اوس ناگ یٚیٹھ اوس کل اُتھی سیٖتیٖ دیوٚت عأرفن ڈوکھ وقت
دوٚت شام ۔ اَمہِ ناگہِ منزہ کھوٚتھ منکتام ۔ اُمی ترٲو آسہ منزہ
لعل ۔ امی گاشہ سیٖتیٖن ہیوٚتن گاسہ کھیوٚن ۔ عأرف سیارس یٚیلہِ نظر
پیٖیہ یہ ووٚتھ اُمی تیج یہ لعلہٕ ہن تہ گاسہ گو غأب گوٚر
منکسامس گرِن امہِ رزہ ہنہ سیٖتیٖ گنڈہٕ ہن گزہ سیٖتیٖ کورُس

اشارہ۔ موختصر تھاوُن راتس گنڈِتھ۔ گاش ییلہِ پھوٗل روٗنیہٕ زٲنپانہ
بابت گوٚ پریشان۔ تیٚس یہ ناگ اوس اُترنس اوس گل، اَتھ
تُجِ عارفن تبرٕ سیتی ہیچہ ہُن۔ خیال چھُس اَمہِ سیتی کرٕ ژٕ ڈٕٹھ
تیار ییمہٕ تھاوِنہِ اکھ اُکس سیتی لاگِتھ۔ قدرت خُدا اُتھ گوٚ
رُونیہٕ زٲنپانہ تیار۔ یمہِ موختصر گو بیارِہ ماجہ نشہِ بیٹھیہ۔ تس
وُنِن ساری دلیل۔ بیارہ موج چھہ یہ بوٗزِتھ۔ اُمِس کینٛہہ
نصیحت کران۔ وَنان چھُس اُمِس ہیرٕ لیٚلہِ ہند مول میٚنہ
کینٛہہ پوشہِ نہ مگر تُتھِ اُنی ژیٚہ وتہِ ییتھی سو بناوِی وترِ ترٕ ڈیڈہ
خبردار چھُی یُوتھ نہ تموٚ منزٕ اُکس جایہ تہٕ قرار کرکھ۔ گوڈنی یہی
بُتھِ دُریاوی تتھ آسی جاڈیولی کڈلی نیہ نیہ کرون بیاکھ آسی
بروٗنی۔ ژٕہ ہریزٕ پرائی کدلہِ۔ ژٕہ ییلہِ اپور ترِکھ یہ پرژھی
یہ کیاہ، ژٕہ لاگزٕ گِلس ڈول۔ بیہ چھُس وَنان یُتھ یہی
دُریاو تتھ تریزٕ وارہ وارہ توٚہ بتہٕ میدان تتہِ دِزٕ نہ شب۔
ہیرٕ لیٚل، دِلاوار، وِگنیاوِرن تہ عارِف سیار چھہ ہسہ ہسہ
منزل طے کران۔ بیارہ ماجہ اُوسکھ یتہِ وُنمُت زہ پنہِ نِس
وطنس نزدیکھ وارتھ ییہ ڈیڈی اکھ نوی تمہ منزٕ گژھنہ
نیرُن ییلہِ شہرس نزدیک ووٗتی دلاوارن وُچھی خوش یہ وِنی
ڈیڈیاہ یہ چھہ عارفس وَنان اُمی ڈیڈہ اُژوٚ۔ عارف چھُس وَنان

اسہ کیاہ خبر چھہ ہو کہنز ڈیڈی آسہ۔ پرانہ ڈیڈہ اَژو مختصر
تہ ژاسے ہیم پرانہ ڈیڈہ کنز۔ بیارہ ماجہ اوس عارفس پیٹھ
وونمت ہرہ لیلہ ہند مام واتی رات کنبھہ سعہ واتی اُمس
تالو ژٹتھ شاہمار لاگتھ سعہ کھیبی اُمس ژہ کینہہ شونگ زِہ ۔
خاڑ ییلہ ہیم پنُن گھرہ واتی اتہ کوڑکھ دروست شہرس ہنز
شادیانہ۔ شامن باگی چھہ دلاوار پلنگس پیٹھ شونگتھ۔ عارف
چھہ تنگس توبرس خبردار۔ تمس چھہ خبری سپدن وول کیاہ چھُہ
اَمہ پتہ چھُہ نیصف شباہ واتان تالوہ کنز چھہ سشہمار وسان
عارفس ییلہ نظر پیہ اُمی تجی تلوار تہ نیوُنس اَڈ اَڈ کرِتھ
اَتیٚن گیہ ماز بناہ تیار. عارف چھُہ وونی اَکھ تلوارہ صاف
کران۔ اَکھ اوس خوُن لور۔ دلاور چھہ ہوشیار گژھان۔ اُمس
ییلہ نظر پیہ دلاور چھُس وَنان ہے ژہ کیازہ آکھ میہ ماز بنہ۔
اگرسے ژیہ ہرہ لیلی ننی اُسی تیلہ ننہ ہیٚن بیارہ ماجہ نشہ
عارف چھُس ژہ چھف کران تہ مادان چھُس یہ ماز بنہ۔
دلاوار چھُس وَنان میہ وَن سہ یہ کیاہ قصہ چھُہ۔ عارف
چھُس وَنان ژہ مترہ سَن نہ اَکھ۔ ہرہ لیلہ تہ چھس
وَنان یہ چھینہ کینہہ مانان. عارف چھس وَنان تمام قصہ

نیخ ترین ہند مقصد کیاہ اوس یہ یہ شہار کیاہ اوس
یہ ونان وناعنی گیہ عارف سیارس کنہ دلاوارن ژل تہ ترود ون
براندہ کنہ بدلہ۔ امی بنیٹھ چھہ یہ پکان۔ عارف سیارس آسی
سعہ نہ سندی دند لاگتھ تمن آسی ہاریاہس کالس براندہ
کنین سیتی سیتی رُوزتھ گرد پیمژ۔ دوہ ہہ اکہ چھُہ کاعنی
رُود پیتوان تہ یم دند چھہ نُنہ نیران۔ ہرہ لیلہ تہ وگنیاورنہ
چھنہ اکہ دلیلہ ہنر کینہہ پتاہ آسان۔ امہ بدوہ دوہ ہہ چھہ
یمہ ناس بنیٹھ بہتھ آسان زہ یمن بنیہ سعہ نہ دندن پیٹھ
نظر۔ ہرہ لیلہ زون زہ دلیل کیاہ چھہ تمس چھہ پنہ نس خاندارس
دلاوارس پیٹھ سکھ شرارت کھسان۔ سعہ چان چھہ زہ عارف
سیارن کوہ سہ خاری تج دلاوارس پیٹھ۔ تہ دلاوارن ماکوز
کاتھہ چارہ پنن دوست عارف سیار ٹھیک کرنہ بایت
بلکہ ٹھوزن براندہ کنہ بدلہ۔ صاحب وہ سناد ونان زہ
عارفس اوس ریتوت کال دوہ نی براندہ کنہ بدلہ گومت زہ
دلاوارس چھُہ نیچوہ تہ زیوان۔ وزہ وزہ چھہ یہ دلاوارس
ونان زہ عارفن کرنہ چارہ۔ اما پوز دلاوار چھنہ کنس تہ
کتھان۔ دوہ ہہ اکہ ترود ہرہ لیلہ نیچوہ منز لس منز وگنیاورنی

تجُن سینتھ تہٕ دٕرایہ بیارٕ ماجہ نشہٕ۔ وٕدان وُدان پھس ساٹھی دلیل وَنان۔ وگنیاوریٖ چھہ پنٕنس خانزارہ تہٕ بایبھہ اُچھہ کنہ خوُن ہاران۔ ہرہ لیلی چھہ دایہ پنہٕ سینٹھاہ دلاسہ تسلاہ دِوان۔ بیارٕ ماجہ تہٕ چھُہ سینٹھاہ زرہ زرہ گژھان تہٕ آخر چھہ ہرہ لیلہٕ وَنان۔ "کوُری امہ ساٹھی علاج ہِمی چھُہ ژٕے رٕنشہ۔ ژٕہ یُس شہزادہ زامُت چھُوی سُہ گژھہ مارنہٕ یِن تہٕ تٕسند خوُن گژھہ عارفس وُٹھن ناٹھتس پانس بیٹھ پیوُن۔ اَدٕ گژھہ سہ زندہ" ہرہ لیلہ زَن کوٗڈکھ ساٹھسی پانس زوُ۔ سہ گیہ دم پھُٹ۔ ہوش ییلہٕ سنبولُن تہٕ وُژھ بیارٕ ماجہ کُن۔" بوہ مارَن شہزادہ عارف سیارن ییلہٕ اَسہٕ بیکھ وفا کوٗر۔ اُسی کیاہ زٕہ کرٕونہ۔ مێہ بێیہ تَن امہ باپت پنٕن ٹوٗٹھ لختہ جگرہ تہٕ قربان کرُن۔ یہ وَنِتھ چھہ دہ شوُے اَتہٕ نیران تہٕ واپس محلہ خان واتان۔ یہ چھہ دلاوارس سوروٗی قصہ وَنان۔ تس چھہ بیکھ خشم کھسان زٕ کیاہ شہزادہ ماردنہ اُسی۔ ہُرہ لیلی چھس نہ کینہ تہٕ وَنان۔ پگاہ ییلہٕ دلاوار دربار چھہ گژھان ہُرہ لیلی چھہ کاٗنسہ کنس کُن خبر تھوان تہٕ نوان چھہ پنٕنس ناٹھس اولادس، ماٗرِتھ۔ اُمسندٕ خوُنہٕ چھہ عارف سیارٕ زندہ گژھان۔ ہُرہ لیلی

چھہ سیٹھاہ خوش گژھان تہٕ وگنیاورِن چھس نالہ مٔتہٕ رٹان۔
ہرٕ لیلہٕ چھہ اَمہ پتہٕ اُچھوٕ کنہٕ خوٗن باران ہاران۔ کاہنہ کانٛسہ
وَنہٕ ڈوٗٹھ اولاد۔ پتہٕ اُکس اُسترٕ کار ناہچ۔ شہزادہ چھہ امی ساتہٕ
پوٚت پھیرانِ۔ تس پیٚلہٕ معصوٗم شہزادس کُن نظر پیوان چھہ سہ سپھہ
بےہوش گژھان۔ عارف سیار چھہ قدم جوراہ کڈتھ معصوم شہزادہ
سندِس ہانس ترٛینہٕ لِٹرٕ میٹھ کران تہٕ یہ چھہ زندہ گژھان تہٕ
ماجہٕ ژھانڈان۔ ہرٕ لیلہ چھنہ پرٛژھ دِوان سہ چھس کھوٚنہٕ تُلتھ
ماہ تہٕ میٹھ کران۔ شہزادس ہٕلہٕ ہوش چھیوٚر اتہ چھہ بدلی عالماہ
ڈیچھان۔ عارف سیارس چھہ معافین پیٚٹھ معافی ہیوان۔ دونوےسی
چھہ اکھ اکس نالہٕ مٔتہٕ رٹان، تہٕ خوش تہٕ خوشحال پاٹھی باقی زندگی
گزاران۔ ادہ کیاہ تُہہ تور کُن تہٕ اَسی یور کُن۔

# زِہ بارِ

ریم اُسی بأی بارِ جوراہ۔ ییمی ییکہ یانہٕ وأنی وِتِھرےیہ ریم دِرِاسے بٔتین بٔتیان۔ زِیُٹھ بوے اوسں لالچی پٔھن۔ تمی دِیت کھوفرہ اندک حِصہ کأنسِں بأیس تہٕ دُچھِنہٕ اندک رِدٕ ٹن یأنسں۔ اصل ہاش دانہٕ ہور رُٹن یانس تہٕ فراح ہش دِرِن کأنسِں۔ لِہ کِنِجِ بأیی وٕونُس نہ کینہہ۔ سورُی موَنن زِبٹھی شندوی۔

دوہا دوہا چھہ گژھان، بوڈ بوے چھہٕ زٔنیان زِہ کأنسِں ہوی سِہنز وأرچھہٕ دوہہ کھوتہٕ دوہہ زیلان۔ یہ اوس دوہے سونچان زِہ اما یہ کیاہ دلیل؟ — مینہ ہے اُمِس کھوفرِ اندہٕ وأرِ دِرِتہٕ بٔتییہ ہے اُہنز دانہٕ ہور مُنتر چھیٖہ۔

سونچاہ کرِتھ ووت یہ یِتھ کِتھ بیٹھ زِہ موٗلہ کٔہ چھہٕ میون یہ گوٗنس بوی الخ دانہٕ ہوری کأم ہیوان تہٕ اُوےرِکی چھیٖہ

اُہنز واَر ژیلان۔

آخرٕ دائیروَن زِ راتھ کیُتھ ووتھ تہٕ اُہنز بہ داندہ ہور مارُن۔

نیصف شبس ٹیلہِ پیٚہ نگر شاہ وکزاہ ہیٚتھ نیران چھُ پیٚہ چھُہ سیٚدُوی کائنسس بائی سینزِ واڑہ منز گژھان۔ اَتہِ چھہ داند زٕ ہورکُن گنڈِت دزامُن کران آسان۔ وارِہ اندر اژت چھُہ یہ حازان سیٚدان ٹیلہِ پیٚہ کُستام انسانس تُلہِ وارِہ سیتی آب کھاران تہٕ واَر سگران وُچھان چھُہ۔ یہ چھُہ سوچان زِ ظاہر چھُ ہُیہ گونس بوی مگر سیتی دیان چھُہ ہتا تس کیاہ ضرورت پیٚو رات کیُتھ سگ دِنگ، ووہس دیہ ہا۔

یہ چھُہ آسان اِی سوچان زِ یکبار چھُس ہُہ سگ دِنہٕ دول اورَے آلو کران۔ دیان چھُس ژہٕ پکھ بروٚنٹھ۔ میٚہ مہ کھوژ کینہہ۔ میٚہ چھیہٕ خبر زِ ژہٕ اوسکھ ہُم داند زٕ مارنہِ آمُت، مگر ژہٕ پھیر اَمہِ نشہِ باز۔

یہ چھُس ییرِہ دیان۔ "ژیٚہ چھُوی قسم تسندہٕ ہیٚمی ژہٕ پتہٕ پاَدہٕ کوٚرنکھ تہٕ بوہ تہٕ، گوڈٕ نے دِنکھ ژہٕ جن چھُکا کنہٕ کیاہ ذات چھُک؟"

ہُہ وۆتھُس در جواب۔" بوچھُس جانٕس کانٕسس بأی
سُند نصیبہٕ۔ بہ چھُس دوہے رات کیُتھ یہ واٲر سگوان تہٕ
اَوَے کِنہٕ چھیٚہ یہ واٲر جیلان آسان۔"

یہ وۆتھُس یدرٕ۔" اما میون نصیبہٕ کتہٕ چھُہ سُہ کونہٕ چھُہ
میأنی واٲر سگہ دِنہٕ یِوان۔"

ہُہ وۆتھُس۔" چون نصیبہ چھُہ سمندر زۆس منز شُنگِتھ
تس چھیہٕ زِیٹھ نیندر پیمژ اَوَے کِنہٕ چھُنہٕ سُہ چانی واٲر سگونہٕ
یِوان۔"

یہ وۆتھُس۔" گُرٕھ نا بوتیلہِ پانے تہٕ اَنہٕ ہُشار کرِتھ"
کانٕسس بأی سُند نصیبہ وۆتھُس۔" ادہ کیا گژھ"
زِیٹھ بوی یَیلہِ گھرٕ واپس ژاو۔ اَتہٕ کرِن زنانہٕ ہُشار۔
"چھکھے بزان؟" أمی وۆن زنانہٕ۔" اُمس کینٕسس بأیس میانِس
ہے چھُہ نصیبہ واٲر سگوان، اَوَے چھُوی اَدٕ ہند ہاک جیلان
آسان۔"

" اَوتہٕ بعہ تہٕ ہے اُمِس سونچان آسان زِہ سون ہاک
کیازِہ چھُہ زِزران۔" یہ وۆژھس آشینہٕ۔

" دوہی مہ بہ ژہٕ غم کینہہ۔ سون نصیبہ چھُہ سمندر زۆس

منز شنگیتھ۔ بہ گژھے نس اُزی تہٕ اَنتی وُزناوِتھ۔" یہ وۄن
خاندارن۔ آشینہٕ گیہٕ خوش۔ تہٕ اَمی ساتہٕ ڈٕرِت لاج تمہٕ
ژہ چھ کرنہٕ۔

مکایہ ژٕہ چھ داہ مرہٕ تہٕ سوٚلتھ پھیٚکاہ نکھس پٮ۪یٹھ ہیٚتھ
دراو زیٹھ بوے صُبحس اکھتابہٕ کھسنہٕ وِزہ تہٕ ہیٚرن ڈکھ۔
پکان پکان ووت یہ اَکس جنگلس منز۔ اَتہٕ وُچھن ہاپُتاہ اکھ
ارہٕ سرہٕ کران تہٕ چرٕنگ دٕنان۔ ہاپتس کُن نظر پٮ۪یٹھ ڈوٚل
اُمِس بُتھس رنگ۔ سوچُن یا بارٕی تعالےٰ یدوے بہ ژٕ یہ
مارُن اوسہ سَے، تیٚلہٕ کونہٕ مارِ یوتھس ہنی گھرہ۔ مگر ہاپُت
دوٚلتھس اورہٕ۔ اے شخصہ ژٕہ کتہٕ آکھ تہٕ کوٚت چھے
گژھن۔

یہ دوٚلتھس پورہٕ ۔" بہ آس پورہٕ پٮ۪یٹھ تہٕ گژھن چھُم
سمندر زُوس منز پننہٕ نصیبہ وُزناونہٕ۔"

ہاپُت دوٚلتھس۔ "ڈٕہہٕ ہس نا میون تہٕ"

یہ دوٚلتھس۔" اوہٕ ڈنس۔ ڈن ژٕہ کیاہ چھس ڈنُن۔"

ہاپُت دوٚلتھس۔ "تس پرژھتہٕ مینہٕ کیازٕہ چھم دوہہ ہے
پیشنہ پیتہ ژٕڈ دود کران۔"

یِہ دوٚپُھس۔ " اَدہٕ کیاہ بو پرژھس"۔

یہ وٚنِتھ چھُہ دِوان پڈُر پڈُر۔ پِکان پکان ووت اُکس
شاہس، اَتہٕ وُچھن نفیس ژیرہ کجہ ہنا۔ اَتھ اکھ ژیٚہ بیمر زرد رنگس
سوٚزم۔ یہ چھُہ اَسِس لُچھِنہٕ۔ سوٚچن ژہ پانہ خبر کاژِھن دوہن چھے
پکُن۔ یُدوے ہم ژوٚچہ پھٔلی تہٕ یہ سوٚتھ پھیک مۄکلیو۔ خبر
کاژِھن دوہن لگنے فاقہ۔ اَمہ کنی دٲیہ دوٚن ژہ ڈُنی کیٚس تہٕ
کھیٚمہ یمہ ژیرہٕ کجہ ہیٚنٹھ ژیرہٕ بڈاہ تہٕ بروٚنہہ کُن کھیٚنہ خاطرہٕ تہٕ تکہ
رٔٹتی۔ اَدہٕ ییرژہ ہیکہٕ تہٕ تیرژہ۔

یہ سوٚنچِت گو اُتھ ژیرہٕ کجہ نکھہ۔ بڈہٕ بٕہن ژیراہ آیس درِینیٹھ
ہٕتھے دٲرجن تہٕ لڈن اَسِس۔ یتھوی دندو سیٚتی بریکھ وولنس یہ لُچھس
ہیٚنٹھ زہر ہیش۔ یکدم ژھنِنی اَسہ منز دٲیس کٔڑتھ تہٕ تے ہیتی نس
پھیرنی۔

خُدایہ سنز قۄدرتھ۔ ژیرہٕ کجہ آیہ زٕیو تہٕ دوپنس۔ " اے
شخصہ ژہٕ کتہٕ آکھہٕ تہٕ کوٚت چھُکھ گژھان۔"

یہ دوپُھس یودرٕ۔ " بو آس پورہ ہیٚنٹھ تہٕ گژھان ہم سمندرہ
زوٚس منز ہٕنن نصیبہ وُزہٕ نادی نہ۔"

ژیرہ کُج وُژہس۔ "وَنہٕ ہَس نامیون تہٕ"

یہٕ ووٚنُس۔ "اوہٕ وَنس۔ وَن ژہٕ کیاہ چھُس دِپُن۔"

ژیرہ کُج وُژہس۔ "تس پیٚرژھتہٕ میون میوہٕ کیازہ چھُہ ٹیٹھ زہر ہیٚوٗ آسان۔"

یہ ووٚنُس۔ "اوہٕ کیاہ پرژھس۔"

یہٕ وُنتھ دراو، پکان پکان، پکان ووت اکس جایہ۔ اتہٕ وُچھن پادشاہا اکھ شکار کرنہٕ دِرامُت۔ دوٚمُت چھُک گُرس نہٕ پکھ تہٕ مع قدمس نہ برونٹھ تاجال بادشاہ ۔ اُمی کہٕ کاماہ۔ اُمی ہیٚوت ژوٗرہ ژھیٚپہ ژلُن۔

خدایہ سہنز قدرتھ پادشاہس پییہٕ نظر۔ اُمی اُنوو یہ ناد دِتھ تہٕ چھُس پرژھان۔ "اے شخصہ ژہٕ کتہٕ آکھ تہٕ کوٚت چھُے گژھُن۔"

یہٕ ووٚنُس۔ "پادشاہم، بہٕ آس پورہ بیٚٹھہ تہٕ گژھُن چھُم سمندر ژوٗرس منز یتھ نصیبہ وزناوہٕ۔"

پادشاہ ووٚنُس۔ "ونہٕ ہَس نامیون تہٕ"

یہٕ ووٚنُس۔ "پادشاہم۔ اوہٕ وَنس۔ کیاہ چھُس دپُن۔"

پادشاہ ووٚنُس۔ "تس پرٛژھتہٕ مێیہ کیاژہ چھُہ شامَس شونگن
وقتہ پیٚیچھ صُبحس نێندرہ ووٚتھنس تام کلہ دود کران۔"

یہ ووٚنُس۔ "ادہ کیاہ پادشاہم پرٛژھس۔"

یہ وُنتھ پوٚک۔ یکان، یکان، یکان تہٕ آخر ووت سمندر
زوٗس منز۔ اَتہِ وُچھُن پنُن نصیبہ نێندرہ پیوٚمت تہٕ کھرٛوکھ ماران۔ اُمہ
وِزِہ توہ تہٕ تُلُن تھوٚد۔ دوٚپنس۔ "اے میانہِ نصیبہ ژہ کوٚہ تراوِتھ
شونگ۔ میون گوٚنُس بوے چھُہ اَش کران ژہ نصیبہ چھُس بێدار۔
بوٚ کیاژہ مشرووتھس تہٕ منسووتھس ژێیہ۔"

نصیبہ ووٚنُس۔ "ادہ بوٚ گوس دوٚنی بێدار۔ پکھ ژہ برونٛہ بوتہ
کیاہ دودتہ سے۔"

یہ ووٚنُس۔ "نہ سے سبق پکھ"

نصیبہ ووٚنُس۔ "نہ پکھ ژہ، بوٚواتہ ژێیہ برونٛہ۔"

یمی موٚن تہٕ ہێیہٕ تُن نیرُن۔ مگر نصیبہ ووٚنُس اور سے۔" وَتہِ
ماسمکھسیوی کانہہ؟"

یہ ووٚنُس۔ "ادہ گہ ڈہ سمکھم ماپِت۔ تس چھُہ بچاِرِن پیٚشنہ
پیتر یڈ دود کران۔"

نصیبہ دوٗپھُس۔ "تس گژھ دیُن کانٛسہِ بیقلہٕ سُند خوٗن حیٚن۔"
یہِ دوٗپھُس۔ "پتہٕ سمکھیٚیم زبرٕ کٲج، تس چھُہ بچارہ میٚیہٕ ٹیوٗٹھ آسان۔"

نصیبہ دوٗپھُس۔ "تس چھِہ مولن تل سَتھ خزانہ ییٚلہِ تم کڑنہٕ ین ادہٕ میٚیٹھ تس میٚیوہ۔"

یہِ دوٗپھُس۔ "پتہٕ سمکھیٚیم پادشاہ، تس چھُہ بچارِس شامس شونگن وقتہٕ پیٚیٹھ صُبحن وۄہتھ وقتس تام کلہٕ دود آسان۔"

نصیبہ دوٗپھُس۔ "سُہ چھُہ دراصل زنانہ۔ سُہ یُلہِ کانٛسہِ مردس سیٚتی نیتھ کرِ تیٚلی ژلِیٚس۔"

یہِ دوٗپھُس۔ "اس بیٚیہ سمکھم نہٕ کانٛہہ۔"

نصیبہ دوٗپھُس۔ "یکھ نیر ژہٕ تیٚلہِ بو دو تسے۔"

یہِ دوٗپھُس۔ "نہ، یتھنہٕ بیٚیہ نیٚندر ییِی میٚیہ کیاہ چھُہ کانٛسِ بارٕس اِنتقام ہیٚیون۔"

یہِ دۄنٛتھ ہیٚیژن دایس دٔتھ۔ پکان، پکان، پکان ووت تھد جایہ ییتیٚت پادشاہ اوسُس سمکھمت، یتھوی پادشاہَس امس پیٚیٹھ نظر پییہِ سُہ آد دوران تہٕ چھُس پرٕژھان۔ "اے شخصہ، بیکیدم وَن

زِہ نصیبن کیاہ وۄنُوی میون"۔

یہ وۄنُس۔ " پادشاہم، تمیٚ دۄپنے زِہ چھینک زنانہٕ، یوٚتام نہ زِہ کانٛسہِ مردس سیٚتی نیتھر کرِکھ زٕیہٕ زٕلی نہ کلس دود"۔

پادشاہ وۄنُس۔ " اچھا تیٚلہِ چھےٚ وۄنی یہ زٕیہٕ تہٕ میٚنی خبر۔ ولہ زٕہی کر میٚہ سیٚتی نیتھر۔ زِہ بنکھ پادشاہ۔ بہ چھکسے پادشاہ باے۔ راجاہ تاجاہ کرِکھ"۔

یہ وۄنُس۔ پادشاہم۔ بہ مانہٕ ہا چےٚن مگر میٚہ چھُنا کانٛسِ باپتھ انتقام ہیٚون"۔

پادشاہ وۄنُس۔ " ادہٕ یتہٕ بنیس ناہیٚون، ولہ گژھ بنِ پادشاہ"۔

یہ وۄنُس۔ " پادشاہم، نہ میٚہ چھینہ پادشاہی ضرورت۔ میٚہ چھُ گژھہ کانٛسِ باپتھ انتقام ہیٚون"۔

پادشاہ وۄنُس۔ " بڑہٕ بیقل چھُک زِہ" تہٕ گو پانس

یہ بُوزِتھ نوک یہ بروٚنٹھ۔ پکان، پکان، پکان وۄت یہ زٕیرہ کُجہ نِشہ۔ زٕیرہ کُجہ کوٗرس آلو۔ " اے شخصہ بکیدم وۄنتم زِہ نصیبن کیاہ وۄنُوی میون"۔

یہ وۄنُس۔ " دۄپنے زٕیہ چھِی موٗلن تل سَتھ خزانہ۔ یلہِ زِہ تم

کڈِنہٕ ینےٚ تیلہِ میٹھی ژٕ یہٕ میوہٕ۔"

ژیرہٕ کجٕ وُژِ ھس۔" ادٕ وو نی ژٕ ے خبر چھےٚ۔ ولہ کڈِ تہٕ وُمبرٕ واٮ۪تسہِ کر اٮ۪ش۔"

ریٛہ ووٚ تھس۔" منہ چھےٚ نہٕ فرصت۔ میٛہ چھےٚ کانسہِ بایِس انتقام ہیٚون۔"

ژیرہٕ کجٕ وُژِ ھس۔" بڈٕ بیقل چھکھ ژٕ۔"

ریٛہ بوُزِتھ دڑاو ریٛہ برٕنٛھ کُن۔ یکان یکان، یکان ووت ریٛہ جنگلس منٛز تہٕ اتہِ سمکھس ہاپُت۔ ہاپتن کوٚرُس آلو تہٕ پرژھنس "اے شخصہٕ، بیکدم وُنتم ژٕ نصیبن کیاہ ووٚنوٚی میون۔"

ریٛہ ووٚتھس۔" دوٚپنےٚ کانسہِ بیقلہِ سند خوٗن چیٚون۔ ادٕ ژٕلی ژٕ یہٕ بڈ دود۔"

ہاپتن بوُز تہٕ بوُزِتھ دِتُن دماہ۔ دم دِتھ ووٚتھس۔" میٛہ ورأی ماسمکھیوی ژٕیہٕ بٮ۪یہٕ تہٕ کانہہ؟"

ریٛہ ووٚتھس۔" ادٕ ژیرہٕ کجٕ۔ تس چھُ میوہٕ ٹیٚوٹھ آسان تہٕ تس دوٚپُن ژٕ مؤلن تل چھس سٮ۪تھ خزانہ۔ بٮ۪یہٕ سمکھیوم بادشاہ، تس چھُ راٮ۪تی راتس کلہٕ دود آسان، تسٕ دوٚپُن ژٕ ژٕ چھیکھ زنانہ

ژہ کہ کاٗنسہ مردس سیتی خاندر۔"

ہاٗیت وۄتھُس "یُلہِ ژٕ بہٕ ژمَن بہ شیٚیچھی وایس اَنِتھ تمۆ کیاہ

وۄنُٛی ژٕیہٕ۔"

یہ وۄنھُس۔" بادشاہن دۄپنم ولہ میٚیہ سیتی کرنیھٕرتہٕ بادشاہ

بنکھہ تہٕ ژٕیرہٕ کُجہ دۄپنم، دلہ کڈٕ یم سۆتھہ خزانہ اَش کرکھ۔"

ہاٗیت وۄتھُس۔" ادٕ کونہٕ مونتھ ژٕیہٕ تہٕ ہُندٕ؟"

یہ وۄتھُس۔"میٚیہ چھُنا کاٗنسس باٗپس انتقام ہیٚون۔"

ہاٗیت وۄتھُس۔" ادٕ ژٕیہٕ ہیوٗ بیقل تہٕ کتہٕ بنہِ میٚیہ۔ یکدم رۄٹُن

تہٕ چوٗنس خوٗن۔"

# کنٔ کٹر

ڈیان بہ اوس اکھ پادشاہ ۔ اُمِسی آو دوہہ اَکہ خیال
زِ مُلکس نیرِ ہا دورِ کرنہِ ۔ بیہ چھُ امیرس وزیرس تہٕ کوٹوالس شیٖچھ
سوزان۔ ڈیان حُکمہِ حاکم تہٕ مرگہِ مفاجات ۔ ترٛیشوٚیے آبہ لاران تہٕ
دوران پادشاہس نشہِ۔ پادشاہ چھُ یمَن ڈنان زِ اَز نیرو اُسی ساری
مُلکچ خوشحالی دریافت کرنہِ پت۔ محلہ پیتہٕ محلہ چھہ یم پھیران تہٕ اَکس
جایہِ وُچھکھ اَکھ شکیل زنانہ ۔ یُتھ زِ یم ساری چھہ اُمس ڈیشِتھ
ہی بوٗنگ گژھان۔ پرٛیتھ اکھاہ چھُ پننہِ پننہِ جایہِ اُمِسندِس حُسنس
داد دِوان۔ سوچان چھہ یاپاک پروردگارا یہ کیُتھ پیتھ لیٚمبہ پمپوشاہ
پھوٚلمُت ۔ دُریافت کرنہٕ پیتہٕ چھہ ننان زِ یہ چھہ پادشاہ سِندِس
گُپن رانٔچ ہنز آشنہٕ ۔ پادشاہ چھُ اَمہِ پیتہ بمعہ وزیر، امیر تہٕ کوٹوال
محلس منز واتان۔ گُپن رانٔچہ ہنزِ زنانہِ ہُند حُسن چھہ اُمِس بے قرار

ژھے کُنہ کران ، یِتھہٕ کُنہ امیرس ، وزیرس تہٕ کوٹوالس کران چھُہ۔ پادشاہ
چھُہ اُمِس گُپن رائے چھس کُنہ طریقہ گھرٕ دُور ژھوُن یژھان۔ یُتھ زہ
یہ کرِہ ہے اُمِس منزٕ آشنہِ ہیتی کتھ زہٕ پانژھ - اِیہ چھُہ یژھان اَمِس
زنانہ ہیتی کتھہٕ ہنا باتھہِ ہنا کرٕنی۔ آخرکار چھُہ اکہ دۄہہ اُمِس گُپن
رائے چھس ناد دِتھ اَنان تہٕ وَنان - " بوزٕو ہیو گُپن رائے چھا مہٕ دۄہ اکس
دۄہس منز " کُنہ کِٹر " جانور انتھ " گُپن رائے چھ کَڈ ووٹھ یہ ناو بوزِتھ
تہٕ پادشاہس وَدنُن - " قبلۂ عالم تہٕ کیاہ گو - میہ چھُنہٕ اَز تام اکہ
ناوُک جانور کُنہ نظرِ گومُت۔ ناو تہٕ چھُم نَوُی بوزُن ۔"

" پادشاہس گوَت خشم تہٕ وَنُنس - " ہیو گُپن رائے چھا۔ یِم حیلہ
بہانہ تراو - اُمِس جاناوارس چھ تمام قسمچہ تیرٕ آسان - اَونِتھن تہٕ
جان نے اَونِتھن تہٕ بہ کرِتھ ملکِ بدر ۔"

گُپن رائے چھس زن ہیٹھی زنگن تبر - اُچھن گوس انہٕ گوٹ ۔ سوچان
چھُہ زہٕ یہ کوہسہٕ ترٹھ پیٹھ کوٹھس ۔ یوتام اُتھی سوچس منز دوت گھرٕ
گوتہٕ ہیُہٕ کٹھ اکس گوشس منز ڈابکس اَتھہِ دِتھ ۔ آشنہِ یُلہ اُمِس زٕ تہٕ
حالت وُچھ ۔ سۄہ بچار گا بڑے یہ تہٕ پرِژھنس ۔ " ژہ کیازہ اَز دِل
ملول ہیو - اُمی دۄنس سورُی سورُی قصہ ۔ " یہ سورُی بوزِتھ کورُس

آشنہٕ اسنہنا۔ یہ اُمس سینٹھاہ گاٹیچ۔ تہٕ وۄننس۔" گژھ پادشاہس
ۄچھ قبلہ عالم پناہ زٕ دوہ گژھنم مہلت دِنی۔ بہٕ انٛن کنٛز کٹر"
جاناوارتھ ہندہٕ دلجوئی باپت رٕٹنھ۔ یہ بوٗزتھ دژاو گیٛن راٗچھ پادشاہ
سندس دربارس کُن تہٕ تتہٕ وۄنُن پادشاہس تی ای آشنہ ووٗنُت
اوٗسمنس۔ پادشاہ گو سینٹھاہ خوش تکیازِ سہ اوس گیٛن راٗچھ سنزٕ
زنانہٕ سیٖتی کیتھ کرِتھ یہ سٕرہ کرُن یژھان زِ اُمس شکس لدس کتھ
چھہ ای حورو پری سیتو۔ اَوَے کوٚرُن بہانہ یہ گیٛن راٗچھ اُچھودُور
ھٔونسس۔ پادشاہس اجازتھا ہیٛتھ دژاو گیٛن راٗچھ اَتہٕ تہٕ ووت گھرٕ
بٕنُن۔ سینٹھاہ پریشان چھُ بچور۔ آشنہ دِتُس بئیہ تہٕ دِلاسا مداراہ
وۄننس ژٕ کیازہ بے ہمت گومُت۔ وُچھ ژٕ خوداہ صاحب کیاہ کرِہ
ژٕ، کرتہٕ کاٗم اکھ انتہ ژٕ جنگلہ تمام قسمچہ تیرٕ۔ ادٕ یہ سے لبکھ
تہٕ دوہی۔ بئیہ انتہٕ کھیلم تہٕ بئیہ مکایہ تہٕ کھ جوراہ۔ بیمہ کامہ کرِتھ
نیبرتہٕ پتہ ادٕ ژٕ بینہٕ کامہ بیٹھ۔"

گیٛن راٗچھ چھُ یم تمام چیز گھرٕ اَنان تہٕ آشنہ اجازت ہیٛتھ
چھُ بینہٕ کامہ بیٹھ نیران۔ بیاری بیلہ پادشاہس تہٕ بئیہ باقین اَمہ
کتھہ ہنز پتاہ لگی زہ گیٛن راٗچھ ہا چھُ دژامُت" کنز کٹر" ژھاندنہ

سأرہی چھہ پأنز پانس سیتئ اُسناہ کران زِہ چور گوٚ دفع۔ گپٔن رأچھ
سِنزِہ گھر واجنہِ چھہٕ ژوٚشہِ ۂنڈ الگ الگ نامہ واتان زِہ ہرگاہ
اجازت چھہٕ ملاقاتک وقت گوٚژھہ دِنہٕ یُن۔ صاحب ووٚستادوٚنان
اُمس نِشہِ یُلہِ قاصد ووت ای چھہ ہیٔون بیٔون نامہ پٔرِتھ پرٔیتھ اُکس
اکوٚہی وقت دِوان۔ وقت یُلہِ ووت گہ ڈٔنی چھہٕ اور کوتوال واتان۔
یہ چھہٕ وُنہ بہأنی آسان زِ بَرَس چھہٕ ٹھک ٹھک گژھان۔ کوتوالَس
ڈٔلی ہوش تہٕ سُہ توٚگ گپٔن رأچھ ہنز زنانہٕ پرژھِنہِ یِہ کُس۔ یہ
وُژھس درحباب سیے آسُن گژِھہ تہٕ امیر گژِھہ آسُن۔ کوتوال چھہٕ
ہُنتھہِ ہُتھہِ دِوان زِہ ووٚنی کیاہ کرِہ۔ ہرگاہ امیر یِتہِ دُ چھیم شوٹھ روزِ
نہ ہُتھ دِیُن لایق۔ کوتوال چھہٕ اُمس زارہ پارہ کران۔ زِہ شوٹھ
بچاوتِن کُنہ کنِہ۔ گپٔن رأچھ ہنز زنانہ چھہ اُمس اَسنا تراوِتھ
پننیوٚ پھیرِ نوٚ منزِہ اکھ پھیرِن ژکھراہ دِوان۔ قصابہ چھس ووٚڈِہ
دِوان تہٕ لاگان چھس مکأہی پہانس۔ یہ تراوِتھ مکأہی پہانس
سیتئ امیرا چھہٕ اندر واتِتھ ہیٔیان۔ وُنہ چھہ بوزار کھوٚرو منزِہ
کڈ نوٚہی ہیٔیان زِہ برس چھہٕ صداہ گژھان۔ امیر گہ وُتی رٔوزِت
مٔہتی اوس۔ وتَن ووٚل ونان امیرس چھہٕ بڈِہ شاہ والٔن کھالٔن

تہ گوہ بان زٕن۔ اِمی چھُہ اُمِس زنانہٕ پرٛژھان زہٕ یہ کُس۔ در جواب وونُس اُمہٕ آسُن تےٚ گژھہِ یہ وزیر۔ امیر چھُہ اُمِس گگُی زہٕ گنڈِت زارہ پارہ کران زٕ کُنہٕ کِنہٕ بچاو تمَ۔ ہر گاہ بہ وزیرن یِتہٕ ڈیُوشُس شوٹھ گژھہ مارہٕ۔ گیُن رائچھ ہسنزِہ زنانہٕ کرِ کاٚم یہ بھووُن بھتہٕ بھیارنسَ۔ باگُن بانس ریبتہ چھُہ یہ امیر وَنان زہٕ خدایہ یہ کیتھ تاونسَ لوگتھس۔ گیُن رائچھ ہسنزِ زنانہ ڈرایہ دروازس کُن تہٕ اوٚنُن وزیر اندر۔ وزیر چھُہ اندر اژانُی زٕ دروازس گو صدا۔ وزیرَن پرٛژھس۔ یہ کُس۔ تمہٕ ووَن نسَ آسُن تےٚ گژھہ تہٕ پادشاہ گژھہِ آسُن۔ وزیرن ژُٹی اُمی سندی کھور، زارہٕ پارہٕ کرِتھ چھُس وَنان زہٕ پادشاہ گوژھم نہٕ یِتہٕ وُچھُن۔ سہ دِیم پھاسی۔ اَمہٕ کرِ کاٚم۔ ہیٚبرہٕ بیٚہن ووٚلُن اُمس کپیرُ تہٕ تھاوُن اُکتی کُن استادہٕ۔ تالہِ بیٚتھ بھووُنسَ درہٕ وَن ژونگ زٕن تہٕ اوس تھمَ۔ گیُن رائچھ ہسنزِہ زنانہٕ ژون بادشاہ۔ بڈہ تعظیمہ سان اندر۔ صاحب ووستاد وَنان پادشاہس، تہٕ ڈٕلی ہوش یِلہِ بہان بہانی بُرس صدا بوزُن۔ پرٛژھنہٕ لوٚگس اِی کُس۔ گیُن رائچھ ہسنزِہ آشنہ ہرزناو پنُنس حف خدایہ ہسنز آواز تہٕ ووٚنُنس یہ آمہ خاندار۔ پادشاہَس گیہ عقلہ اتھل۔ یہ دُژھس، پادشاہ قبلہ عالم کانٛہہ پرواے چھُنہ تہنٛد

عزت رٚچھِن گو میانہٕ ذمہ۔ یہ چھہ پادشاہس ہیٚرہِ بوہنٕہ دٚوان دٚوان کلمٕہ مٕتھان تہٕ تھتھ انہِ گٹہٕ کمرس منٛز۔ تراوان یُتہٕ پرٚنیتھ قسمچہ تیٚرہ آسان چھہٕ۔ اَتھ کمرس منٛز اُژ ہتی چھہٕ اُمس تمام پانس بیمہٕ تیٚرہِ لأرِتھ گژھان۔ صاحب ووہ سناد وٚنان یہ ووہٕنی منٛز باسان کیٚنہہ چھُمنہٕ۔ یہ چھُہ عجیب جانوراہ ہیُو بنان۔ تراٚوی توکھ یِم سأری اَوری کنیٚ۔ آشنہِ ژٚون ہنٛدِ حقہِ خودائی اَکھس تھپ کرِتھ اندر تہٕ یہ وُچھِن دِیان۔ فقط ووہش تراوان۔ آشنہِ پرژُھس نہٕ مایُوس کیازِ چھُکھ۔ ووہشاہ تراٚوِتھ وٚنُس خاندارن نہٕ ووہٕنی خبر کیاہ حال آسیٚم۔ کالچِنس تام اگر نہٕ پادشاہ سلامتس برونٛہہ کنہِ وعدہ مطأبق "کنٛی کِٹر" جانور واتنووُم شوٹھس آسہ پھأسی۔ ہرگاہ نہٕ ژہٕ میٚیہ وٚتھکھ بہ ماہتیمہٕ ہا مٔتھ۔ اُمی سنزٕ آشنہٕ ترٛوو کھٹٕہ کھٹٕہ کران اُسُن۔ تہٕ دزایہ تھتھ کمرس کنُی یُتہٕ پادشاہ اوس۔ یہ کوڈُن رزہٕ گنٛڈاہ کرِتھ اتہٕ تہٕ دِتُن خاندارس کنُی۔ دٚپنس بکیاہ چھُوی "کنٛی کِٹر" جانور۔ گژھ نِنی پادشاہ سلامتس نِشہٕ گژھن زأچھ تجٕہ ووہٕ۔ سیٹھاہ خوش گوو۔ سوچُن پادشاہ دِیم انعامہ اکرام۔ بییہِ گوم ہیٚنُن وعدہ پُورہٕ۔ یہ چھُہ "کنٛی کِٹرس" رزہٕ کھیاہ

کران تہٕ نیران پادشاہ سندِس محلس کُن۔ صاحب وۄستاد وَنان
بیٚلہِ گیٚون راۓچھ اَمِس رزہ ٹھَپ کرِتھ پکان چھُہ۔ درۆس شہر
چھُہ ژُسِتھ یِوان تماشہ وُچھنہٕ باپت نِہ خلاۓ ہا اڈِن کنۍ کیٚٹرٕ
جانور رٹِتھ جنگلہ۔ یہ ہا چھُس پادشاہ سلامتس پیش کرُن تہٕ پادشاہ
سلامت چھُہ اندرٕ اندری گلان یِہ شوٗٹھس کیاہ گو یہ۔ دُنیا ہا اکھ
چھُہ وُنہ جمع۔ یہ ماچھ کاٗتسہٕ خبر زِہ دلیل کیٚاہ چھہ۔ آخر ووت
گیٚون راۓچھ دربارس منز۔ اَتہٕ کَس وُچھہ۔ پادشاہ چھُہ غائب۔
پادشاہ بای چھ بُتھ بُتھ دِوان۔ ڈنڈوٗری چھُہ ڈنڈورہ دِوان
زِہ یُس اکھاہ پادشاہ سُند پے دِیہ تس یِیہ خزانُک نیٚصف دِنہٕ
گیٚون راۓچھن بیٚلہِ نہ اَتہٕ پادشاہ سُند پیا گُنہٕ تہٕ لوٚب نہٕ۔ تمۍ
کیٚر اَمِس بیٚیہ رزہ ٹھَپ تہٕ آو گھرٕ نیٚن بیٚیہ واپس۔

پادشاہ گو سیٚٹھاہ عاجز۔ سیٚٹھاہ شرمندہ۔ اندری
اندری چھُہ اَمِس گیٚون راۓچھ سنزہ آشنہٕ ہندِس گاٹہٕ جارس
تعریف کران۔ آخر چھُہ اَمِس گو زِہ گنڈِتھ وَنان زِہ شوٗٹھس
کرِتہٕ پردہ، نتہ لوٚہ نہ کھنڈ ہارِتہٕ۔ گیٚون راۓچھن بیٚلہِ یہ "کنۍ کیٚٹرٕ
جانور کیٚتھ کران دُچھہ۔ اُمی کڈ ووٚہ کھٹہ۔ ہَنہٕ ہَنہٕ تۆرٕ اَمِس

سورٕوٕی فِکرِ - پادشاہ چھُہ اُمی سنزِ آشنہِ زارِ پارِ کران زِ نِصف خزانہ دِمے - سارِی سی گَرِزِ پردہ - درجواب وُنُن اسے پادشاہ قبلہ عالم میٚہ خزانہ کینہہ بکار چھُنہٕ - ژِ مول تہ بہ کوٗرِ تہ چھیکرس چھُس باعزت پانٕہ مُکل خانس منز واپس واتناوان -

o

# ترٕ کھتھل رازدانۍ

یہ اوس شہزادہ اکھ۔ اُمی ووٚن اکہِ دوہہ پننِس مألِس
یُس زَن بادشاہ اوس۔ زِ مےٚ کرِ نیتھر۔ مگر ، آشینۍ گژھِ مےٚ
ترژھ آسنۍ یَس یہِ شرف آسہِ زِ ہرگاہ بوٚ سٕتۍ بازار تہٕ دِمَس
سعہ گژھیم تورٕ اکھ ہٲتھ تہٕ اکھ روپے دِنۍ۔ بادشاہن دِیُت
امیرن تہٕ وزیرن شاہزادہٕ سٕندِ خاطرٕ اُمی قسمُچ زنانہ ژھانڈنُک
حُکم۔ اما پوز یِم سأری سیٚدۍ یِژھ زنانہ لَبنَس منٛز ناکام۔ آخر
ووٚن اَکۍ وزیرَن بادشاہس زِ قبلہ عالم بوٚ ہیکہ یہِ کأم کرِتھ۔ اکہِ
دوہہ تُل اُمی وزیرن دوٚیُم سأتھی وزیر ، سیتۍ تہٕ دأتان ودأتان
وأتۍ اَکِس جایہِ تہٕ اَتہِ نِس وُچھکھ اکھ کورِ ہٲنا۔ تہٕ پرُژھہس
"کورۍ ژٕ کیتھ چھکھ تہٕ مول کتہِ چھُوی۔" کورِ ووٚنُکھ درجواب
"میون مول چھُ جنگل گومُت ژِنہٕ اننہٕ۔ سُہ یِیِت سُل چھُ کران تیوٚت

چھس شُل گژھان ۔" یمو پروژُھس امیُوک وجہ۔ کورہ ووٚن در جواب۔ " اگر شہ جلدی سان نژہ ژھۄر بھرہ یمہ دِتہ پکان زیٚون تمہ یتمہ دوبارہ ژھیٚنتہ کرنس لگہ وقتا تہ گژھیٚس ژھیر۔ نتہ اگر تتہ ژھیر یَیہَن کوٚرُن۔ ژھۄر شہلاوِتھ بوہرہ برٚین، آرامہ سان تہ تکلیف دُبارہ لگتہ ورائی ہیکہ جلد گھرہ واتتھ۔" یہ جواب بوٗزتھ گییہ وزیر سیٹھاہ خوش تہ زونکھ یہ گژھ عقلمند کوٗر آسنی۔ یمو پروژُھس کوری ژیٚہ ما چھوی مالِ گنہ جایہ گونڈمت۔" کورہ ووٚنکھ در جواب "نہ ونہ نہ کینہہ۔" امہ پتہ ووٚن وزیرو امس کورہ، "شہ سندی قصہ یمہ غرضہ ییم دراسی آسی۔ کورِ ووٚنکھ " یہ چھیتہ کانہہ بڈ کتھ۔ بو ہیکہ شہزادہ سند ای مقصد پوٗرہ کرِتھ۔ اما یوٚز تۄہی کھریو تۄمام میون مول ییی۔" رژھا گژھِت آو کورہ ہُند مول مانجہ تہ گور لیج وننہ سہ

بابہ میانیو میزبان چھی آمتی، بہت چھی ڈبہ ڈالانئے

بوزہ لگیو بہت چھی ڈبہ ڈالانئے

امہ پتہ لوٚگ مول کورہ کُن وننہ سہ

کوٗری میانی میزبان چھی جائی کرُ کھد رتہ نہ منز ولی

بوزی کیہ کھی رتہ نہ منز ولی

سر بہ وَندے کرٕ کھ روٗ نہٕ منٛز وٕلٕی

اَمہِ پتہٕ چھُ مول ماجی وزیرَن اَنِش بہان ہتہٕ تِمَن نِش سٲری دلیل بوزان۔ وزیرو ووٚنس مختصر چھی دوشوٕنی ژٕ تیٚہٕ اُسھ کورِہ ماگنیہ آمتی۔ یہ ووٚتھک بہ پرٛژھ کورِہ۔ اَمہِ پتہٕ پرٛژھ مأنٛی کورِہ۔ کیا بی کوری ژٕہ ہیٚنگکھہِ اِی کتھ پوٗرہ کرِتھ زِ شہزادہ دیپی سَت پونار ہتہٕ ژٕہ دِہٲسس اَکھ ہتھ اَکھ روٗپے۔ کورِہ ووٚن در جواب۔ "بے شک ہیکہٕ بو یہ کتھ پوٗرہ کرِتھ ہتہٕ ژٕہ دِہ وزیرَن یقین ہتہٕ خاندرُک دوشوٕ کر مُقرر۔ وزیر گیہٕ تٔمِس سٔیدِتھ واپس ہتہٕ پادشاہس ووٚنکھ سورُوی قصہ۔ امالیٚوز شہ گوٚو غمگین۔ پرٛژھہِس قبلہ عالم غمگین کیازِ سیدیو توٚہی در جواب ووٚتھک پادشاہ زِہ کُجا شاہی خاندان ہتہٕ کُجا اَکھ غریب، سفید پوش گھرِہ۔ بہرحال آو پادشاہ اَڈٕن واٹھن ہتہٕ کرٕکھ شہرس منادی زِہ شہزادس چھُ خاندر۔ اَمہِ پتہٕ سٔیدُ خاندر شہزادَن اُنٛز مہرٕنیچ ہتہٕ اَمہِ اوس تجویزہ مُطأبِق کھوربانہٕ اَکھ رِسیتی تھوٚمت۔ شہزادَن ووٚنس اِی کھوربانہ کیازِ چھُوی ژٕیٚہٕ پانس رِسیتی تھووٕمت۔ آشنہِ ووٚنس یہ چھُ تِمی تجویزہ مطأبوٗز مینہٕ پانس رِسیتی تھووٕمُت۔ . . . . . . .

. . . . . . . . . . . . . . . . . . . . .

. . . . . . . . . . ہتھ ہیٚنھ وزیرو

بہ اقرار چھس کرنأوِمژ۔ از چھہ یِتہ پٔرٛژھی بہت۔ لہذا از نہ کینہہ بکہ پگھکہ بیٚیٹھ پالہ بہ شرط۔ شہزادَن ووٚننس تیتہ صحیح۔ یِگاہ دِمے بو ژٕیٚہ سَت ژھٕداہ پأزار یکوٹ۔ آشنہ ووٚننس بہ دِمے زٕہ ہتھ تہ زٕہ روپیہ یکوٹ۔ ووٚیمہ دوہہ یِلہ شہزادہ آشنہ نِش آو تہ ووٚننس پنٕن شرط پوٗرہ کرنہ خاطرٕ۔ مگر اَمہ دوہہ تہ ووٚننس آشنہ زٕہ اَز تہ چھہ میٚیہ یِتہ پٔرٛژھی وغیرہ۔ لہٰذا گو یِگاہ تہ ۳۰۳ روپیہ دِمے یکیٹ شہزادَن موٗن یہ۔ ترٛیمہ دوہہ آو شہزادہ بیٚیہ تہ ووٚنُن آشنہ پنٕنی شرط پوٗرہ کرنہ خاطرہ۔ اَمہ وقتہ ووٚننس آشنہ اسے شہزادہ ژٕہ کَتہ بیٚیٹھ یوٗت ژٕیٚنگان کانہہ دِیہ زَن تہ چھتَن ترٛہ کنتھل رازدأنی زِنہہ اُنتمژ۔ شہزادٕ گو یہ بوٗزِت غمگین تہ ووٚنُن پننہ مأنہ سہ

موج میأنے ہیٚتھ دِتو مُتے فوٚجہ کارواتے

زِنینہ ہے گوٚژھے ترٛہ کنتھل رازدأنی

بوزِی لگے زِنینہ ہے گرٛژھن رازدأنی

سر بوٚوندے زِنینہ ہے گرٛژھے رازدأنی

اَمہ پتہ چھس موج وَنان سہ

باز پھیر تو ہیو شہزادو کانٛسہ نو زِین رازدأنی

شہزادہ چھُس جواب دِوان سہ

موج ہینے زینتھ اَنَ راز دائے
بوزی لگے تورہ پھیر یتھ کرِ بندہ سرداِرہے

سیتی چھہ شہزادہ ماُلس نش گرتھان نہ تمس چھہ ونان سہ

بابہ میانیو سینہ دیتوہ دولت تہ فوجہ لولہ
زینتھ اَنوُ تورہ ترِ کھل راز داُئی لولو

بادشاہ چھُس جواب دِوان سہ

باز پھیرتو شہزادو، دُنیکتام کانٛسہِ نو زینیز راز داُئی
کانٛسہِ زینیز نو راز داُئی لولو۔ تتے تے ہاے

شہزادہ چھہ بعد روزان نہ آخر چھُس مول موج تہ اجازت دِوان۔ شہزادہ چھہ اَدہ پتہ پننہِ آشنہِ پرژھان زہ بہ نیرے ترِ کھل راز داُئی ژھارنہِ۔ یِیلہِ بو سوہ زینتھ اَنَ۔ پتہ گژھم میہ تورہ یتھ بتہ اکھ تیتھ باغ آسُن یتھ سوہ نہ سندر گژھ نہ روہ پپو سندی برگ آسَن۔ یتھ میون دِل شاد سَپدِہ۔ اَمہ پتہ چھُ شہزادہ دولت تہ فوج ہیتھ نیران۔ اکس جایہ داُرتھ دِیتھ تمبو خیمہ کھر گشاہ۔ اُتھ دورانس منز آو ادہ اکھ لونگاہ اکھ۔ یُس ٹھگ اوس۔ یہ ٹھگ چھہ شہزادس ونان۔ "اے شہزادہ چاُنی ماُلی چھہ میہ نش زنگ اکھ دوہ ژُم نبمژ۔ تمو دِژم نہ وندپتھ نہ۔ اَدہ کینہ چھُس بہ اکی

ونگہِ پکان۔ شہزادہٕ ووٚتھُس۔ اگر یِژھ کنھ آسہ ہے تیلہِ وِنہ ہے
مێیہ منظورمول۔ اما پوٚز تمیٚ یِژھ کتھاہ مێیہ وُزِ نہ۔ لوٚنگ ٹھگ چھیٚنہٕ
کینہہ تہٕ مانان۔ آخرچھُس شہزادہٕ وَنان۔ بہٕ دِمےٚ پنُنہٕ زنگ
ژُٹتھ۔ تکیازِ بہٕ ہیکہ نہ مٲلی سُند قرضہ تھاوِت۔ لوٚنگ ٹھگ
یِچھُس وَنان۔" شہزادہٕ زنگ مہٕ ژھٹ کینہہ۔ البتہ چھُوی تِمیُوک
قیمت اکھ ساس روٗپیہ۔ سُوہی دِم۔ شہزادن تُل روٗپیہ ساس
تہٕ دِتُن اُمِس لنگی ٹھگس۔ اَتہٕ لیجُ یِمَن راتھاہ تہٕ دوٚیمہِ دوہہ
چھہٕ اَتہٕ نیران تہٕ واتان چھہٕ بێیِس جایہ یِتہٕ یِمَن راتس ٹھہرُن
پیوو۔ اَتہٕ بوز اکی کانٛی ٹھگَن شہزادہ چھُ آمُت تہٕ ٹھنگلاہ کرِوس
یہٕ کانٛی ٹھگ آو شہزادس نِش تہٕ ووٚننس۔ اے شہزادہ وقتہٕ
اکہِ نێیےیہِ چانی مٲلی مێیہ نِش اکھ اَچھ دوٚہ زُم۔ اما پوٚز ازتام دِژٕن
نہ واپس کینہہ۔ شہزادہٕ گو غمگین یِہَن تہٕ دوٚپنس مێیہ چھیٚنہٕ مٲلی
دوٚپمت کینہہ۔ کانٛی ٹھگ ووٚتھُس درجواب۔" یہٕ چھُ شہزادہ پزر
شہزادہٕ گو مجبور۔ تہٕ دوٚپنس تیٚلہِ دِمےٚ بہٕ پننہِ اَچھی۔ کانٛی ٹھگ
ووٚتھُس، اے شہزادہٕ اَچھ چھم نہ دوٚہ نی ضرورت کینہہ۔ البتہ چھُوی
تمُنہ اَچھ زہٕ ۲ ساس روٗپیہ قیمت۔ تمیے دِم۔ الا الا خاطرِ صلاح
شہزادن دِیُتھ اُمِس کانٛی ٹھگس زہٕ ۲ ساس روٗپیہ۔ اَمہ پتہٕ دراو

اَتہٖ شہزادہٖ ہیٚنٛز فوج کشونہ ہیٚتھہ تہٖ واتان وۄدت ترٕ کتھل
رازدانہٖ ہندِس شہرِس نزدیک۔ اَتہٖ وُچھُن اَکس گھرَس نشہٖ لنکھتی
زہٖ یکس شہزادہ ترٕ کتھل رازدانہٖ زینیہٖ خاطرہٖ بیہ۔ تس بَزہٖ
گوڈٕ میٖہ نشہٖ ین تہٖ کھینا چینا یتھی کرُن۔ ادہٖ ہینکہ سُہ ترٕہ کتھل
رازدائی زینہٖ گژھت۔ اَمہٖ پتہٖ گو شہزادہٖ اَکھ مکانس منز۔ اَتہٖ
اَس زنانہٖ اَکھ تہٖ یہ اَس ورِدگر۔ اُمس اَس اَتہٖ بہترین باغ ہنا۔ یُلہ
اَتہٖ رژھا بیوٚٹھ شہزادہ ہیٚنٛز فوجہٖ کشونہٖ ہیٚتھہ۔ تہٖ اَمہٖ وردگر خاتونہٖ
لاجہٖ لعہ کچہ لعہ کچہ وارہٖ ہنہ زہٖ دانس بیٚٹھ۔ شہزادہ وۄتھس۔ اے
خاتون یمن لیٚچہ وارٕین دوان منز کیاہ رُنکھ ژہٖ۔ سہ وُژھس یمن
منز رُنہٖ بہٖ چانہٖ خاطرہٖ تہٖ چانہٖ فوجہٖ کشونہ خاطرہ بھتہٖ۔ شہزادہٖ
وۄتھس اے خاتون۔ میانِس فوجس گژھہ خاروَاد خوراک آسُن
تہٖ یمن لیٚچہ وارٕین منز کیاہ پوشہٖ خوراک۔ خاتون وُژھس یوہ ہیے
گو شرط۔ اگر یمن لیٚچہ وارٕین دوان ہُند غذا سارِسی فوجہ کشونس پوش
تہٖ رُیٚ نمکھہ۔ وِیلا پوٚژھک بہٖ تیٚلہ زِینتھس۔ سیُدٕ یہ شرط شہزادس
تہٖ منظور۔ لیٚچہ زہٖ چھہ دانس بیٚٹھ چلان، تہٖ خاتونہٖ ہیوت شہزادس
پیٚہ باغام پرژھن ؎

شہزادہ لگیٚہ قربانے ، نادِ ہیٚنٛز کر بیانے

بوزِو لگیو ناوٕ ینُن کر بیانے تے تے ہائے

سرٕ دِیو ناوٕ ینُن کرٕ بیانے تے تے ہائے

شہزادہ ووٗ نُھس درجواب ؎

خانو نی لگئے قربانٔی ناوٕ پھُمے شہزادہ آسانٔی

بوزی لگئے شہزادہ چھُوی ناوٕ آسانٔی

شہزادن تہٕ پرٕژھ اُمِس خاتوٗنہٕ ینُن ناوٕ ؎

خاتوٗنئے لگی قربانٔے ناوٕ ینُن کرٕ تہٕ بیانٔی

خاتون وژھس درجواب ؎

شہزادہٕ لگئے قربانٔے خاتوُن ناوٕ چھُم آسانٔی

بوزِو لگیو خاتون چھُم ناوٕ آسانٔی

سر بہٕ دِیو خاتون چھُم ناوٕ آسانٔی

یہ سوال یُلہِ ختم گو تہٕ ہپارٕ ہیوتُن لیچھن منز غذا تیار

سیدُن۔ اَمہٕ پتہٕ وژایہ ای خاتوُن دست پاک دِنہٕ۔ اَتہٕ موکلتھ ترٲوُن

فوجس اکہٕ اکہٕ بھتہٕ ٹُک تہٕ بیِیہ سنز ٹوک شہزادہٕ چھُہ اِی وُچھت

حٲران سپدان۔ فوجن یُلہِ بھتاہ وتاہ کھیوٕ تہٕ اَمہٕ خاتوُنہٕ پرٕژھ یمن

آیہ ییڈ بھرنہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ بھاگو لیچھ ہَن اَمہٕ خاتوُنہٕ شہزادس بروٗنہہ

کنہٕ۔ اَتھ یُلہِ شہزادن پانس سُمب تہٕ اُمس خاتوُنہٕ سمب تُہ چھ بھتہٕ

یہ سپد حائران۔ تناتوٚہ دوٚننس۔ اے شہزادہ میٚہ زیٚوٕ نمکھ لہذا تراو
فوج تہٕ دولت ییتھ تہٕ ژہٕ نیر تُرٕ کتھل رازدائی زینینہٕ۔ شہزادن
پول شرط تہٕ دژاو تہٕ داتان ووت تُرٕ کتھل رازدانہٕ ہندس شہرس
منز۔ اتہٕ دِژن مُنادی زہٕ بہ ہسہ چُھس شہزادہ تہٕ تُرٕ کتھل رازدانہٕ
زینینہٕ آمُت۔ ییلہٕ تُرٕ کتھل رازدانہٕ یہ خبر بوٗزٕ تہٕ تمہٕ ووٚن پننین
کینژن خادِمن یہ شہزادہ اَنی وُٚن یُورِی۔ اَمہٕ تُرٕ کتھل رازدانہٕ
اوس شرط تھوومُت، یُس اُمس ترٚیہ کتھہ کرِنادِہ تس ییتھ کرِہ سوہ
خاندر۔ شہزادہ ییلہٕ اُمس نِش ووت اُمس پیٚتھ تن چُھبحس تام نٚیندرٕ
چُھبحس ییلہٕ نہ بیدار گو تُرٕ کتھل رازدانہٕ دوٚننس اے شہزادہ ژٕ بہ
کرِناوتھس نہ بہ ترٚیہ کتھہ کینہہ۔ لہٰذا کُنتھ بہ ژہٕ تتھہٕ پاٹھی ییتھہٕ پاٹھی
از تام میٚہ ژٕیہ ہی کیتھ شہزادہٕ کنہہ ہتھ چھہ۔ اَتھ شہرس منز اوس حرف
تیٚلہٕ وونی اکھ باقیٖ۔ ییمہ نہ وُنہٕ اُمس تُرٕ کتھل رازدانہٕ نِش کانہہ
شہزادہ مُلی اوس ہیوٚتمُت تہٕ یہ تیلہٕ وونی آو تہٕ ہیوٚتُن یہ شہزادہ
مُلی۔ تمہٕ ییتہٕ نیٚون گھرہٕ تہٕ تتہٕ لوٗگُن تیٚلہٕ واٗنی وانس۔ اَمہٕ ییتہٕ چُھس
یہ شہزادہ کرِ یکھ دِوان سہ

پاٗری بہ لگیوٚ ہیوٚ تیلہٕ وانہٕ بہ نو داند چُھس
بوزُو لگیوٚ بہ نو داند چُھس

سوندیو بو نو داند چھس تے ہائے

مگر تیلہ ووِنی کیاہ مانہ ہس۔ اُمی اوس مُلی ہیتو تمت۔ یہ چھس
کُمہ ٹاس کڈان تہ پکناوان دانہ سنہدی پاٹھی وانس اندی اندی۔
شامس پیٹھہ تیلہ ووِنی گھرہ ژاو تہ اتہ چھہ بینہ گھرواجنہ ونان ہے

بختہ بوڈ داندہے وانس ژامے

وانس تہ میونے آسے تے تہ ہائے

دوہ دوہ چھہ گژھان تیلہ وانس چھہ اکہ دوہ بہ سانس
گژھن گھرواجنی ہیت۔ تہ شہزادس تھووک گھرہ حوالہ شہزاد
ووِن پانس ہیبنی پانا یُت کال گوہی تیلہ وانی وانس لمان۔ از
چھنہ یُتہ کانہہ از دمہ ہبہ خوب تاپھا۔ امہ پتہ ہیوکھ یہ شہزادہ ہانس
تہ قلم کاغذ کوڈن اتھس کینتھ تہ لیکھان چھہ چٹھی بینہ زنانہ گھرہ
زِ شوڈ چھوی تُرہ کھل رازدانی ہیتھ پکان۔ باغ گژھی آسن شیر تہ
تہ پیر تھ۔ سوہ نہ سندی گلی تہ رہ یہ سندی گژھنس بُرگ آسخ
دوئیم چِٹھی چھہ ہانس لیکھان۔ اتھ منز یہ لنگ ٹھگہ سُند قصہ، کانی
ٹھگہ سُند قصہ تہ وِردگر خاتونہ ہُند قصہ زُرتھ لیکھان
بتیہ چھس لیکھان، زہ دُنی کینس چھس تیلہ وانی وانس لوگمت۔ میانہ
موہ کالا ونہ خاطرہ نُلسہ یکدم قدم۔ یکلہ یمہ چیٹھ اُمسنزہ شہر داہان

چھہ۔ تتہِ چھہٕ چِھٹہٕ ادلہٕ بدل گژھان۔ مالی ہِنز چِھٹھ چھہٕ شہزادہ

ہِنز زنانہ رٲٹان تہٕ زنانہٕ ہندہٕ ناوہ یِیہِ سہٕ چِھٹھ اَس تہٕ چھہٕ شہزادہٕ

سُند مول رٲٹان۔ پادشاہ چھہٕ خوش گژھان زہٕ شہزادن چھہٕ پننہٕ

زنانہٕ بینیٹھ چِھٹھ لیچھمٕژ۔ بادشاہ چھہٕ سوچان میانہٕ نوشہٕ رُوہ پیہٕ کینہہ

چِھنہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ چھہٕ نوشہٕ وَنان زہٕ شہزادہ چھہٕ پکان تہٕ یِمہٕ

گئےٚ رُوہ پیہٕ باغ تھاوِ زِنس تیار۔ نوشہٕ یُلہِ بیاکھ چِھٹھ پَرٕ

تمِس لوگ شہزادہٕ سندہِ مُصیبتُک پتہ۔ اکہِ طرفہٕ تھاوِن باغ

بناوٕنچ کام جاری تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ ہیوتُن ہیٚہرہٕ باپس رُوہ خصت

کینٛژن دِتھ ہَن مالیِن گژھنہٕ باپت تہٕ دژایہِ۔ اَمہِ لوگ مردانہ پوشاک

تہٕ اوٚنُن اکھ گُرٕ۔ تمہِ پتہٕ گئےٚ بجِس تمِس ہیٚرن کٕٹہ اُچھ ژُوہ مبرٕ

بنیہِ تُلِن اُڈٕ جہٕ نل کینہہ تہٕ بتیہِ لیچھہ ہنہٕ جہٕ راہ پانس ہیتہٕ تہٕ چھہٕ

بُرُوہ نہٕ بُرُوہ نہٕ قدماہ دِوان۔ واتان واتان لنگو ٹھگ سندس شہرس

منز۔ لنگو ٹھگس یُلہِ پتہٕ لوٚگ۔ سہٕ ووٚتھ بنیٚن دیٚرہ باجیٚن: ہے

از چھہٕ خواجہ سوداگارا آمُت۔ خبر نیرِتس ہا کینہہ۔" آخر ووت

لنگو ٹھگ اُمس نِش، اَتہِ ہیوت لنگو ٹھگن کینژھاہ وَنُن سہ

ننگ بوٚ آسو شہزادو زنگ میٚہ واپس دِ

ہرزہٕ لگیو زناہ میٚہ واپس دِ

یہ نقلی خواجہ سوداگر ییہ سہ شہزادہ سنز زنانہ اُس، اُمی
وۆن اُمس لُنگی ٹھگس زنگ ہا یارہ دِمے بو اَما پوز مییہ چھہ مالِ
نصیحت تھاوِمژ کرِتھ زہ یہ بہ زنگ دِہ زِتس لُنگس وایس
مگر گوڈہ ژُٹہ زیس دۆیم زنگ۔ تتھہ سیتی ییہ سہ زنگ ییمو منزہ
برابر ہیس سعہ ی گژھیس دِنی۔ لُنگی ٹھگ چھُ وشہ ہُ تلان۔
دَپان چھُس ہے خواجہ سوداگر صاٰبہ مییہ نَسہ چھِنہ زنگ بکار۔ موۆچھ
وٹِھتھ چھُ دۆ کڈانس نیار زہ نقلی خواجہ سوداگرن وۆننس، ٹھیک
چھوی تیلہ چھوی مییہ مالِ دۆنمُت زِ لُنگس نش چھوی ساس روپیہ
شہ ہیز نیس۔ لُنگی کوڈانس روپیہ ساس تہ دِیتانس۔ اَمہ پتہ چھہ
یہ شہزادی اَتہ نیران تہ واتان چھہ کاٹنی ٹھگہ سندس تہ تتہ
آو کاٹنی ٹھگ تہ چھُ ونان پننیٚن دُھرہ باجین۔ خواجہ سوداگراہ
الِھ چھُ آمُت دُ چھو نیرَیس ماکینہہ۔ کاٹنی ٹھگ چھُ خواجہ سوداگرس
یعنی اُمس شہزادہ سنزہ زنانہ وَنان۔ زِ ہے حیاٹنی مالِ چھہ مییہ نِش
اُچھ وۆزُم رینمژ۔ مییہ دِتہ سعہ۔ یہ زنانہ وُژھس مییہ ہسہ چھہ واریاہ
اُچھو مالِ سیتی دِژمژہ۔ اما پوز دۆیمت چھُنم۔ تمن کڈی زِ، دۆیم
اُچھ ادہ ییہ سہ اُچھ تمہ اُچھی ہندِس وزنس برابر لگی سعہ ی دِژم ییس
یہ گوزت لرزیو کاٹنی ٹھگ تہ دۆپنس جناب مییہ چھِنہ اُچھ کینہہ

ضرورت۔ زنانہ وُڈھس بوٗ کوٚنت تراوُتھ میٚیہ چھہٕ مأکلہٕ سنٛز نصیحت

پُٛورٕ کرنۍ۔ تمہٕ چھُنم ووٚنمُت اگر نہٕ اُچھ کڈنہٕ دِیہِ تیٚلہٕ ہیٚیزیٚس

رٕتہٕ بیٚس زٕ(۲) ساس۔ کأنٛسہِ ٹھگن کیٚہ لرزٕ موکھہٕ رٕتہٕ بیٚس زٕ ساس

دِتی نَس۔ اَمہِ پتہٕ چھہٕ یہِ زنانہٕ بروٚنٛہہ کُن دِوان قدماہ قدماہ تہٕ

دٕزان دٕزان دأرِ تہٕ یہِ ورد گر زنانہٕ نِش۔ تمہٕ پرٛوٚ وُڈھس "اے شہزادہ

زِیہٕ نوٚت چھُوی گڈھُن۔ اَمہِ زنانہٕ اوس چوٚنکہ مردہ۔ رَکھ کوٗرمُت

دوٚ پیٚنس میٚیہ چھہٕ تٕرٕ کٕھقل رازدأنیٖ زیٚنیم۔" وردگر زنانہٕ ووٚننس

تیٚلہٕ چھُوی گوڈٕ کھینہٕ چیٚنہٕ پیٚتی کرُن۔ تہٕ اَدٕ چھُوی نیرُن۔ وردگر

ٹھگ زنانہٕ لاچہ لیٚچہٕ ہٕہنہٕ زٕ دانس بیٚٹھ۔ شہزادٕ سنٛز زنانہ وُڈھس

"تہٕ چھہٕ بہٕ خوتہٕنی بوٗ چھُس شہزادہ۔ اکھ گو میون کھیٚن بیٚیہ گوٚ چوٚن

یہِ چھُوی زِیہٕ نوٚت وزجہ کشوٗنہ یمُن سارِنی کیٚتہ پوٚشہٕ یہِ۔" وردگر

زنانہ دوٚننس۔" ہرگاہ پُوٗش تہٕ زیٚونمکھ اگر نہ پُوٗش تیٚلہٕ زیٚنمقس

وردگر زنانہ ذرٕ یہِ کیاہ تام کرِنہٕ نیٚبر۔ پیاٗری تھوٚیٚس شہزادہ سنٛزٕ

زنانہٕ پیٚنہٕ رِد لیٚچہٕ دانس بیٚٹھ تہٕ اُمہِ سنٛزٕ لیٚچہٕ زٕ(۲) پھیرِن پیاٗرَس

منٛز بیٚیلہٕ کھیٚن چیٚن تیار گوٚ تہٕ وردگر زنانہ لیٚچ باگراونہٕ۔ اَتہٕ چھہٕ

نیران صرف اکیٔ سی سُمب غذا۔

شہزادٕ سنٛزٕ زنانہٕ دوٚننس۔" اے خاتوٗن میٚیہ زینہٕ مکھ زٕ

ژٕہ تہٕ چِرن باغ تہٕ چھان فوج کشوٗنہ تہٕ تہٕ دولت تہٕ ۔" یکدم ہیٚوٚتنس سوروٗی
تہٕ دژایہٕ تٔمہ کتھل رازدانہٕ کُن۔ یٚیلہٕ تور واتھ ۔ اتہٕ سمکھی اُمس تٔمہ
کتھل رازدانہٕ ہندی ترٚیہ ڈیڈی وان ۔ تِمَن اوس کتھ تام حصہٕ رٚسس
پٮ۪یٹھ تنازعہ۔ اَمہٕ دِتی یِمَن ییم چیز حوالہ باٰگٕٹی تقسیم کرِتھ تہٕ رٚتم
گیہٕ خوش۔ تہٕ ووٚنہِس ۔اے شہزادہٕ ژٕیہٕ کوٚرُتھ اسہٕ مدد تہٕ لہازا
کروے ژٕیہٕ تہٕ اُسی تٔمہ کتھل رازدانٕنی زینہٕ نسَ منز مدد ۔ اکھ
ڈیڈی وان ووٚتھس بہٕ چھُسے تٔمہ کتھل رازدانہٕ ہندِس کھورس تٔلہٕ
کنہٕ آسان۔ یُتھوی ژٕہ تس نِش اَژکھ ۔ ژٕہ دُنی زہٕ ہیٚہ اے پلنگ
کھورہ اگہٕ تٔمہ کتھل رازدانہٕ میون ملالہ ہیٚتہٕ ۔ ژٕیہٕ تہٕ چھُ پایا" تہٕ
دوٚپنس بہٕ دِٕنے جواب ۔" ہنا یارہ وُہرِ گیم یتھ پلنگ کھورس
تل۔ تٔمہ کتھل رازدانٕنی ییمہٕ ییمہٕ ساعتہ لرٕہ پھیورناہ دِوان چھ
میٚہ چھہٕ اُڈی جن سوٚت گرٕژھان۔ دوٚیم ڈیڈی وانَ ووٚنس۔ بہٕ
چھُسے ژٕانگی تارس تَل آسان۔ میٚتہٕ وُنی زہٕ یی۔ بو دِٕنے وُہرِ گیم
یتہٕ نس ڈیوٹی دِوان۔ رات تہٕ دوہ چھُم رہوٚی۔ ترٚییم ڈیڈی وان
ووٚتھس زہٕ بہٕ چھُسے دارہ ہنگس تَل آسان۔ اَمہٕ ساعتہ تہٕ دُنِزہٕ
یی۔ تہٕ بہٕ دِٕپے دُہرِ گیم یتہٕ تھی ڈیوٹی دِوان۔ راتس دوہس داٗرٕ
مُژران تہٕ دِوان گوٚلس۔ اَمہٕ پتہٕ یٚیلہٕ شہزادہٕ سِنز زنانہ شہزادٕہ

رٕکھ کٔرِتھ ترٕ کھتل راز دانہٕ نِکھہٕ داٗرِتھ تہٕ امہٕ کوٗر پلنگ کھوٚرُس سوال ۔

پلنگ کھوٚرُ ملالہ ترادتو، خبراہ وٚنتو بوزٕو لگیو خبراہ وٚنتو
سر بو وندیو خبراہ وٚنتو دوست دارو خبراہ وٚنتو

یکدم وۄتھ پلنگ کھورُیوک ڈیڈی دان تہٕ وۄننس وُمرِ گیم کھوٚرِس تَل ترٕ کھتل رازداٗنی چھہِ لرِ پھیورناہ دِوان تہٕ اُڈی جِس چھُم سۄنت گرٕھان تہٕ وٚنان ۔

کیاہ خبر وٚنیو ہٲیہِ شہزادو مازُس تہٕ گوم بریانئے
بوزٕو لگیو مازس تہٕ گوم بریانئے
سر بو وندیو مازس تہٕ گوم بریانئے

ترٕ کھتل رازدانہٕ زٕرو نہ یہِ، سکھ غشم کھوٚتُس تہٕ دوٚپنس ہٲیو پلنگ کھوٚریاہ راتھ دِم کڈٕنہٕ صُبحس زالتھ ۔ ژٕ یہٕ کیازہٕ کرٕتھ میانی مُخالفت تہٕ میہٕ کوٚرُتھ ہتک ۔ ہُیاری گٔیہٕ شہرس مُناٗدی زِہ ترٕ کھتل رازدانہٕ ہسہ کرٕ اکھ کتھ ۔ امہٕ پتہٕ وُزھ یہٕ ہٲ شہزادٕ ہسنٕز زنانہٕ ژاٗنگی تارس کٔن ۔

تنگ بہٕ آسو ہا ژاٗنگی تارہٕ خبرای میہٕ وٚنتوتئے ہٲے ہٲے
بوزٕو یارو خبراہ میہٕ وٚنتو

سر بۆ وندیو خبراہ میہ وَنتو - لولوتۓ ہاۓ

ژونگ ووٚتھس وُہر واٲژہم ڈیوٹی دِوان، رات دوہ چھُم

کنوٗمی گتہھان - یہ بوزِتھ آیہ ترُہ کنھتل رازدانہٕ ژکھ تہٕ خشمہ

سان ووٚننس - اے ژاٲنگی تارہٕ صُبح دِہ پھیٚلنہٕ ریزہٕ ریزہٕ کرےٚ

ہُپیاری گیہ شہرس مُناٗدی - ترُہ کنھتل رازدانہٕ ہسہ کرُ دوٚہم کنھ

اَمہ پتہٕ چھُ یہ دارِہ ہنگس وَنان - "ہمیہ دارہ ہنگا۔ اگر ترُہ

کنھتل رازدانہٕ میون کینہہ ملالہٕ چھُہ - ژہ وَنتہ دلیلا - دارہ ہنگ

ووٚتھس - "کیاہ وَنےٚ شہزادہ وُہر گیہم یتھ دارہ ہنگس ڈیوٹی

دِوان - راتس دوہس - داگر دِوان تہٕ مُژران - یوٚتام بہٕ گوٚلس

شہزادی وُزِھس - "دارہ ہنگاہ راتھ دِہ نیرنہٕ صُبحَن زالِتھ پینتہٕ پینتہٕ - ہُپیاری

گیہ شہرس مُناٗدی ژہ ہے ترُہ کنھتل رازدانہ ہسہ کرُ ترٕیم کنھ

یکیار وُژھ شہزادہٕ ہنز زنانہ ترُہ کنھتل رازدانہٕ میہ زیبہ مکھ ترُہ

کنھتل رازداٗنی ہیٚیہ زِدہ نس تہٕ شرط پننہٕ پہیس یاد - یہ وُژھ تہٕ

کوٗرُن پننہٕ پان بمعہ خزج دولت وغیرہ سورُوی ہیٚت شہزادہ ہنزہ

زنانہٕ حوالہٕ - یہ سہ بظاہر پانہٕ اکھ شہزاد مردہٕ دکھ لاگتھ آس

۔ امہ پتہٕ چھس یہ شہزادہٕ ہنز زنانہ تمام کُنہ ہتیَن شہزادن

ہُند پےٚ ہیوان - تہٕ تمن چھُ آزاد کران اٰخر چھُہ پننس شہزادس

تہِ ژھانڈان تہٕ تِمس مُتلق چھُ گوٚڈہ ترٕ کنھل رازدانہٕ پرٛیژھان سعہ چھِس وَنان زِہ تُسہ کیتھ آو اُکس تیلہٕ وأنس کُنہٕ۔یکدم چھِہ پہ تور گرژھان تہٕ تتہٕ چھُ شہزادس پننس خراب حالتس منز وُچھان تہٕ تِمس چھُ تتہٕ فورَن کڈان۔

اَمہِ ساتہٕ چھُ تیلہٕ ووَنی پننہٕ زنانہٕ کُن کینٛزشاہ وَنان سہ

بختہ بوٚڈ داندہے گھرہ ہے درامے

بوزی لگئے گھرہ ہے وزامے۔ سربووندئے گھرہ ہے درامے

لولو تئے ہاسئے

پیٚلہٕ یہ شہزادہٕ اُمس تیلہٕ وأنس نِش آزاد چھُ گرژھان تہٕ پہ چھُ اُمس نقلی شہزادس بروٚنہہ کنہٕ سکھ وَدان تہٕ وَنان پھٚس سورُوی قصہ ادلہٕ پیٚٹھہٕ اُخرس تام۔ اَمہِ پتہٕ چھُس پہ دوٚیُم شہزادہٕ یُس دراصل اٰہنزی زنانہ مردہٕ لکھ کرِتھ چھِہ آسان۔ وَنان زِہ پہ کینٛزشاہ ژیہٕ از دست پھوی وُنیُو کھتامت گومُت تہٕ دِہ میٚہ وٲپس۔ رِضہ پہ، فرج تہٕ بیٚیہٕ ترٕ کنھل رازدأنی لیہ سہ زِیٚنہٕ ژہٕ ورامُت اوسکھ۔ مگر شرط چھُوی یہ زِہ اُمس تیلہٕ وأنی سُند اُچھ بیہٕ تہٕ بیٚیہٕ یہ باقی لاکھ وغیرہ چھے میٚہ دِنی۔ شہزادہٕ سُند یہ بوزِتھ خوش تہٕ دِدِنس تیلہٕ وأنی دانکھ ساری چیزٕ یم تس وانس لگی وزہ

گنڈان اُسی آسان - اصل شہزادہ چھُ فوج ہیُن نہ دولت بیٚیہ ترٛٲے کھل رازدأنی ہیٚتھ نیران - تہٕ ہیأری چھہ اُہندٕ زنانہ اُمس بروٚنٹھی دأریُو پیتہٕ ہٕنس ہاہرس نش واتان - اَمہ پتہٕ کینشہٕ دوٚہی چھہ شہزادہ "ترٛٲے کھل رازدأنی" ہیٚتھ نیران - تہٕ ہیأری چھہ اُہندٕ زنانہ اُمس بروٚنٹھی دأریُو پیتہٕ ہٕنس ہاہرس نش واتان - اَمہ پتہٕ کینشہٕ دوٚہی چھہ شہزادہ "ترٛٲے کھل رازدأنی" گھرٕ ہیُن واتان تہٕ تتہ چھہ مأرِس شیٚچھ سوزان -

خبراہ ییتھ وٕنِس میأنِس بابس   پأدہٕ گو لولہ شہزادے

بوزوہ لگیہ پأدہ گو لولہ شہزادے

سرِ یہ وندیہ پأدہٕ گو لولہ شہزادے لولتے ہأسے

پادشاہس بیٚیلہ خبر وأژ تہٕ سہ چھہ اُمس فوجہ کشونہ تہٕ لوکہ بونہ سوزان - شادیانہ چھہ سیدان - نوشہ چھس یہتھ باغس منٛز - شہزادہ ییٚلہ مأرِس ماجہ نشہٕ ووت تہٕ تتہٕ چھہ تمن وٕنان گوڈہ اُنی توٚہ میأنی زنانہ یمہ منیہ ہتک کرنیوو نہ ژہ ہیکہٕ ہَن نہ ترٛٲے کھل رازہ دأنی ژینتھ - آشنہٕ ووٚنُن زہ منیہ اُنی ترٛٲے کھل رازدأنی ژہٕ کٔرنِن شرط پوٗرہ - آشنہٕ ووٚنس چانہٕ جوٗنہٕ ڈِنگ نہ میانہ دوہ پیہ ڈِنگ چھینہٕ دوہ ذٕ سوالی دوہتان - ییٚلہ شہزادہٕ سِنز زنانہ اُنکھ تہٕ سہ

چھہ کینژ شاہ وَنان سے

بلغ ہو بنوو مے لولے چانیٔے سوہ نہ شُند گلی رۄہ ییہ برگ لولو

بوزو لگیو۔ گوُر کرِیو بوزۄ لگیو لولو تے ہا ے

شہزادہ چھہ اُمس زنانہٕ وَنان ہتے ژِہ کھتھی چھک میہٕ باغ ہاوان

مییہ کرِیوتھ ژیہ بہینچ کینژ ہتک زِہ ترٕ کھقل راز داٗئی ہیکِہ ہن ہز زینتھ وۄن

رکیتھ پاٹھی اُنم زینتھ نیر شرط آسی یادہی۔ شرط اوس یِی زِہ بو دِمے سَتھ چوتہ

تہ ژیہ اوسوہی ۱۰۱ رۄپیہ دِین۔ یہ زنانہ وُژھس اے شہزادہ ژِہ وَنان کیاہ

پُھک۔ ترٕ کھقل راز داٗئی اُنی میہ زینتھ کِنہ ژیہ۔ ورد گر خاتونہ ہیند ورُد

زیونہ میہ کِنہ ژیہ۔ فوجہ کشونہ اوہنہ مییہ واپس کِنہ ژیہٕ۔ شہزادن ووٚنُس مییہ۔

زنانہٕ ووٚن پادشاہس قبلہ عالم پناہ شہزادس وُنی تویہ تیلہ واٗئی داند

شُند اُچھ ہٹہ تہ باقی یِم چیز یِم اُمس وانہ لگن ورِہ گنڈنہ آسی بویان تم کتہِ

چھہ۔

شہزادن ووٚنُس مییہ چھا خبر۔ بو کتہِ اوسُس تیلہ واٗئی وانہ لوگمت زنانہٕ

ووٚنُس تم گئیہ یِم۔ اَمہ پتہ ووٚنُن ہہرہ بابس زِہ قبلہ عالم پناہ اُمس شہزادس

دچھِہ ہچھینس تَل داغ یُس اُمس تیلہ واٗئی وانس لمنہٕ ہیتو سیدمت چھہ۔

پادشاہن کڈی اُمس پلو نہٕ تہ چھینس برابر سوٗہی داغ۔ بییہ ووٚنُس فوشہ قبلہ

عالم تہ گئیہ چھٹی یہ ستہ اُمی سوزہتز اُمس تھند نا ورہ۔ اَمہ پتہ کوٗر پادشاہ

سنزٕ نوشہِ پننِس ہاہرٕ بابَس عرض۔ " پادشاہ قبلہ عالم میٚہ وُنۍ تہٕ دوٚنۍ
جُوٚتہٕ سَتھ واتنہٕ شہزادس میٚہ دِنۍ۔ پادشاہ ووٚتھس ژیٚہ نہٕ کیٚنہہ، بلکہ
شہزادس ژٕ چھک بے شک گاٹیج نوش۔ اَمہِ پتہٕ چھہ ادٕ یمہٕ دوہ شُرے
زنانہ شہزادس نِش روزان۔ مگر شہزادہ سُندمول پادشاہ چھُہ ترٕ
کنھٕل رازدانہٕ ہندٕ کھوتہٕ اُمی سٕی زیادٕ گاٹیج زانان۔ تہٕ گھرُک سورُی
حساب وکتاب چھُہ اُمی سٕی نوشہِ حوالہٕ کران۔ یُمہٕ اکھ ترٕ کنھٕل رازدانٕ
زینہٕ تہٕ بیٚیہٕ اوٚنُن خاندارٕ سُندٕ دل بجا۔



# جنگلی رازہ

ریہ اوس اکھ پادشاہ تہٕ بیٚیہ تُہنٛز پادشاہ باے۔ ریہ پادشاہ اوس
پرٛیتھ دۄہ صُبحس یارہٕ بَل وَسان تُھنٛز چھَلنہٕ۔ اورٕ ییلہٕ کھَسان اوس
اُمس اُس پادشاہ باے شُنٛز وَسان۔ اکھ دۄہ ہٕ چھُ سیدان پادشاہ
باے چھَ گۄبہٕ کھۄرٕ آسان تہٕ اَمہٕ کِنہٕ چھُ اُمس ہیرن کھسُن وَسُن
مُشکل بَہان گژھان۔ پادشاہ چھُ صُبحَس وۄتھنہٕ یارہٕ بَل وَسان تہٕ اورٕ
ییلہٕ پتہٕ پھیران چھُ محلہ خان واتتھ چھَنہٕ اُمس پادشاہ باے کینٛہہ تہٕ
شُنٛزِ وَسان۔ اَتھہٕ بیٚٹھ چھُ پادشاہَس سیٚٹھاہ غوصہٕ کھَسان تہٕ سُہ چھُ
اَمی ساتہٕ حُکُم کڈان زِ پادشاہ باے گُڈٕی یُن میانہٕ مُلکہ منٛزٕ نیبر۔ یہ
پادشاہ باے چھَ یہ بوزِت سیٚٹھاہ اۆش ہاران۔ تہٕ پادشاہَس سیٚٹھاہ ولہٕ
زارٕی کران مگر پادشاہ کینٛہہ مانان چھُنہٕ۔

پادشاہ باے چھَ چھیکرس اَتہِ نیران تہٕ واتان اَکِس جنگلس منٛز۔
اَتہٕ چھَ وُچھان اَکِس گۄ دۄرہ منٛز اکھ ریٚشہ شاہ تہٕ ریٚشہ بابا بہت۔

پادشاہ بابے چھہ یمن خاکراتھ منگان۔ دیوش تہٕ ریشی بابے چھیس پرژھان زہ ژہٕ کوٗس چھیک تہٕ ییتھ بناوتس کوٗوہٕ تھکھ۔

پادشاہ بابے چھییہ یمن پنٛن سوروٗی گدرٕن باوان۔ چھیکرس چھہٕ دیوش تہٕ ریشی بابے پانہ وأنی مشورہٕ کران زہ رٹون نا یتہٕ پانسی نشہ۔ آخر چھہ پادشاہ بابہٕ وَنان۔ "وہچھ بی اُسہ چھہ ژھرٕ سی وہٕ پل ہاکس پنیٹھ گذار ہنا کران۔ یودوے ژٕ یہ برابدی ہیی تیلہٕ روز ژہٕ تہٕ اَسی سیتی۔"

پادشاہ بابے چھیک وَنان۔ "میٛہ ییہٕ برابدی مگر تہ ہہٕ گرٛھو وہٕ نہ گوٗہ ژ"

چھیکرس چھییہ پادشاہ بابے یمنی سیتی بَسان۔

دفعہٕ دوہٕ چھہٕ گرٛھان اُمس پادشاہ بابہٕ چھُہ زیوان نیچو۔ خدایہ سنٛز قدرت ریشی بابہٕ تہٕ چھُ زیوان نیچو۔ یم چھہٕ سیٹھا خوش گرٛھان تہٕ پادشاہ بابہٕ ہندِس نیچوٕس چھہ جنگلی راز ناو کران، تہٕ ریشی بابہٕ ہندِس نیچوٕس چھہ ریشی زادٕ ناو کران۔

یم شُری زہ چھہ سیٹھاہ پلالہ سان رٛچھنہ یوان تہٕ ییتی نہ یم دوہس چھہ بڑان تیتی چھہ یم راتس بڑان۔ ییتی نہ یم راتس چھہ بڑان تیتی چھہ یم دوہس بڑان۔ یوتام یم بڈٕی چھہ گرٛھان جنگلی رازس

تہٕ رٮ۪شِہ زادس چھُہ پانہٕ وٲنۍ سخ بابدٲہ آسان تہٕ ہیم چھِنہٕ اکھا اکِس وراٲی میٚون٘ڈ تہٕ اکِس لدان۔

دوٚہہ اکہِ چھہ ہیم دۭیان ماجن زِہ اکسی گرٛھو شکارس۔ ماجن چھہ ہیم آسان سیٚبھٹاہ ماٚیٹھی مگر پادشاہ بابہِ چھُہ رٮ۪شی زادہٕ تہٕ پینہٕ نسی نیٚمپی سندیوت لوٚہٹھ تہٕ رٮ۪شی بابہِ چھُہ آسان جنگلی رازہ تہٕ تیٚیوتی لوٚہٹھ یوت زن پنُن رٮ۪شی زادہ آسان چھُس۔ پادشاہ بابے چھیہِ رٮ۪شی زادس دۭیان زِہ جنگلی رازہٕ گژھن مگر ژہٕ مہ گژھ۔ رٮ۪شی بابے چھیہِ جنگلی رازس دۭیان زِہ رٮ۪شی زادہ گژھن مگر ژہٕ مہ ڈٲل میہٕ اچھو دوُر۔ مگر ہیمن چھُہ دوٚن یارن اکھ اکِس سوٲے وارہٕ ییان۔ امی کِنہٕ چھہ دوشوے نیران۔

اکِس جایہِ واتِت چھُہ ہیمن ہیوان پانسی یوت لڑکاہ بُتھ۔ یہِ چھُہ آسان وزیر زادہٕ تہٕ یتہٕ چھُہ آسان گرٛہ شکارس دراٚمت۔ ہیمن چھیہِ اکھ اکِس سیتھ زان گژھان تہٕ دوٚنی چھہ ترٮ۪شوے زٕنہ یکہٕ ژٕ پکان برونہہ بہن پکِت چھُہ ہیمن ترٛٚ ووت بُتھ ییان۔ وزیر زادہٕ چھُہ دۭیان دچھنہٕ پاسہٕ نیرو۔ رٮ۪شی زادہٕ چھُہ دۭیان کھوفرہ پاسہٕ نیرو تہٕ جنگلی رازہٕ چھُہ دۭیان زِہ سیٚود دوی نیرو۔ کانہہ چھُنہٕ کٲنسہ ہُند مانان۔ چھیکرس چھُہ فٲصلہٕ سپدان زِہ وزیر زادہٕ نیرِہ دچھنہِ، رٮ۪شی زادہٕ نیرِہ کھوفرِ

تہٕ جنگلی رازٕ نیرِ سیٚودوی ، شکار کرِتھ واتٲن ترٛیشوٗرے زُنی اٲکھی ژٕرو

وٕژتس پیٚنیٹھ تہٕ توٚتام پرازُن اکھ اکس۔ یوتام تمن۔

وزیر زادٕ چھُہ دُچھنہٕ وٕتہٕ نیران۔ رٛیشی زادہ چھُہ کھوفرِ وٕتہٕ

نیران تہٕ جنگلی رازہ چھُہ سیٚزرِ وٕتہٕ نیران۔ وزیر زادٕ تہٕ رٛیشی زادہ ترٛاوٕی

توکھ شکارس سیتی ، جنگلی رازٕ چھُہ پکان اکس ناگس نکھہٕ

واتان۔ اُتھ ناگہٕ بُٹھِس پیٚٹھ چھیہٕ اکھ پرٕی بہت نردس گندان آسان۔

تمہٕ پیٚھوٗی جنگلی رازٕ اورٕ پکان وُچھِہ۔ تمہٕ تُل یکدم نرد تھوٚد تہٕ

گیہٕ ناگس منز غاٲب مگر بامبرٕ منز گو اُمس اکھ نرد اٲتی مُشتھ۔ جنگلی

رازٕ گو تہٕ تکُن۔ اَمہِ پتہٕ لوٚگ شکار ژھارنہٕ۔ سارِسی ژھاٲنڈِت پیٚلہٕ

نہٕ اُمس شام تام کُنہٕ شکار اَتھہِ آو۔ یہٕ پھیوٗر واپس۔ پکان پکان ووت

ترٛوٗوٕژتس پیٚٹھ۔ اَتہٕ وُچھُن رٛیشی زادہ تہٕ شکار ہیٚتھ تہٕ وزیر زادٕ تہٕ

ییمہٕ ہاٲوی پننہٕ شکار جنگلی رازِس تہٕ پرٕوٗژھہِن زہٕ ژٕریہٕ اندیوے ناکینہہ

شُہ وو ٹھک اورنا اوس شکار کُنہٕ۔ اَما یہ توٚہُم۔ یہٕ وُچھتوٚ یہٕ کیاہ چھُہ۔

رٛیشی زادِس توٚر نہٕ فِکرِ کینہہ مگر وزیر زادن زون زہٕ یہٕ چھُہ شیشی فل

تہٕ یہٕ چھُہ سیٚٹھاہ موٚل لل جواہر۔

شُہ وو تہٕ جنگلی رازس۔ " ادہ سہ ووٚلہ ژٕہ پٕنن میون شکار

تہٕ یہٕ شیشہ کھنڈ دِن میہٕ۔"

جنگلی رازن مون تہٕ نیوٗن وزیر زادہٕ سٕند شکار۔ وزیر زادن نیوٗ شیشی فل تہٕ گوٚو گھرٕ۔ دوٚیمہِ دوہہ چھُ وزیر زادہٕ پادشاہ سٕند محلہ خان گژھان تہٕ تتہِ چھُ یہِ شیشی فل پادشاہس دِوان۔ پادشاہ چھُ یہِ وُچھِت سیٹھاہ خوش گژھان۔ آخر چھُ وزیر زادس دپان زِہ یتھ اَن بیاکھ شیشہ فل تہٕ۔

وزیر زادہ چھُ دوٚیمہِ دوہہ نیران تہٕ سیوٗدُی ترٛٲوِتس بیٹھ واتان۔ اَتہِ چھُس جنگلی رازہٕ تہٕ رٮ۪شی زادہٕ سمکھان۔ وزیر زادہ چھُ نیران دٕ چھی، رٮ۪شی زادہ کھ فرٕ تہٕ جنگلی رازہٕ بیٚبرٕ دوٚتہ۔ یکان یکان چھُ جنگلی رازہٕ بیٚیہِ تتھی ناگہنہِ نکھہِ واتان۔ اَتہِ چھُ سوہ پری بیٚیہِ ترٕ آسان گندان۔ جنگلی رازس، کُن نظر پیٚیتھ چھیٚیہ سوہ ناگس اندر دوہ کھٹ لایان مگر اکھ شیشی فل چھیٚیہ اُتی ترٲوان۔ جنگلی رازہٕ چھُ یہِ تُلان تہٕ نیران۔ ترٛوٚو ٲتس بیٚیٹھ وٲتِت چھُس وزیر زادہٕ بیٚیہِ شکارہٕ ہن دِوان تہٕ یہِ شیشی فل نوان۔ وزیر زادہٕ چھُ یہِ شیشی فل ہیٚتھ سیوٗدُی پادشاہس گژھان۔ پادشاہ چھُ یہِ وُچھِت سیٹھاہ خوش گژھان تہٕ وزیر زادس مالا مال کران۔ مگر سیتی چھُس دپان یتھ گژھہِ بیاکھ تہٕ آسُن۔

وزیر زادہٕ چھُ دوہے ترٛوٚو ٲتس بیٚیٹھ گژھان۔ اَتہِ چھُ پانہٕ

دِچھنہٕ شِکارس نیران۔ رٮ۪یشی زادس چھُہ کھوڑی کڈان تہٕ جنگلی رازس

سۆیدوی۔ جنگلی رازہٕ چھُہ دوہے اورہٕ اکھ اکھ شیشی فل ہیتھ یِوان

تہٕ کران وزیر زادس حوالہٕ۔ وزیر زادہٕ چھُہ سۆیدوی پادشاہس نِشہ

واتناوان تہٕ پادشاہ چھُس سون روپیہ تہٕ اشرفہٕ دِوان۔ چھیکرس

چھُس پادشاہ دِیان زہٕ دوہنی گنڈِتھ نردہٕ پٹ آسنہٕ یِتھ زن بوٚتہٕ

نردس گندان آسہٕ۔

وزیر زادہٕ چھُہ اکہ دوہہ تُرُودتس پیٚٹھ واتان تہٕ اتہٕ چھُہ

جنگلی رازس وَنان۔ "چھُک نا بوزان۔ تِم شیشہٕ کھنجہٕ رنیہ میٚہ سارٮ۪ی

پادشاہَن تہٕ دوہنی دوٚنمہٕ زہٕ سہ نردہٕ پُٹ اَن۔ سیٚتی دوٚنہم یِدوے

اَنکھ نہٕ بو دِمت پھاسہٕ۔"

جنگلی رازس اوس وزیر زادہٕ دوہنی یار بنیومُت، اوٚدے کنہٕ

ہیٚیوتنس اوٚہند پھیرُن۔ دوٚپنس اَدہٕ سہ دوہنی یہ بنہٕ تہٕ تہٕ، بہٕ اکنے

ژٕیہ کرِتھ سہ نردہٕ پُٹ۔"

جنگلی رازہٕ یِلہٕ ناگس پیٚٹھ ووت، اُمی دِیُت دوٗرہی پرٕ یہ

قسم۔ "ژٕیہ چھُی تمہٕ شُند قسم یُمہٕ ژہٕ نہٕ یادہٕ کرٕ نکھ تہٕ بہٕ تہٕ۔ ژہٕ نے

یہ نردہٕ پُٹ اُتی تھاوِک۔"

پرٕ یہ ترٲو نردہٕ پُٹ اُتی۔

پیٹھ بیہ نرأو نردہ پُٹ اُتی تہٕ پانہٕ گییہ ناگس منز غائب۔ جنگلی رازہٕ گو تہٕ تعجُب بیہ نردہٕ پُٹ۔ خدایہ ہنز قدرت زہٕ نردہٕ پُٹ اُتھس کینتھ ہیتھ چھُہ جنگلی رازہٕ پننہِ کنہٕ واپس یکان مگر زنگہ چھیس پتھ کنُوی پتھ کنُوی گژھان۔ یوٗتام یہ سیدُوی ناگس گوٚ تہٕ ناگہٕ منزی بون اُکس محلہ خانس منز ووت۔ جنگلی رازہٕ گوٚ حیٲران زہٕ یابار خدایا بہٕ کوٚت لوٚگس، اُتھی منز بیٹھیس اُکس پلنگس پیٹھ نظر۔ اُتھ پلنگس پیٹھ چھہٕ وۄچھان بیہے پری مس نیندرہٕ بیہِتھ بیہ چھُہ اُمس پننہِ کنہٕ ہُشارہٕ کران مگر یہ پری چھیس نہٕ کینہہ تہٕ ہُشار گژھان۔ چھیکرس چھُہ یہ وۄچھان اُکس طاقچس نشہِ اکھ مال الأنز بیہ چھُہ یہ مال تُلان تہٕ لاگان اُمس پژہ نٲلی، سعہ چھیہ یکدم ہُشار گژھان۔

ہُشارہٕ گژھت چھیہ پری اُمس وَنان۔ "زہٕ کیا زہٕ آیہٕکھ یور، میہ چھُہ اُکس جنہٕ سُند شاپ، سُہ بیہی وُنی اورہٕ تہٕ ژییہ ماری"۔

جنگلی رازہ چھُس دِیان۔ "ووہٕنی کیاہ کرہٕ بہٕ، نی وَنتم"۔

پری چھیس دِیان۔ "بیہ نردہ پُٹ رٹھ کلس پیٹھ۔ ژییہ بیہی سوٗروُی بوزنہ مگر زہٕ یکھنہ کانٕسہِ لبنہٕ"۔

جنگلی رازہٕ چھُہ نردہٕ پُٹ تُلان تہٕ تھاوان کلس پیٹھ۔ اُتھی

منز چھُ اوٚرہٕ جن یِوان ۔ محلہ خان اُژھِت چھُ سُہ پرٛیہِ پرژھان "یِتہٕ
چھِیہٕ مازٕہ بوٚی ہش یِوان ۔ میٚہ ووٚن یکدم یہِ کُس چھُہ بوٚ مارٕن "۔
پرٛی چھُس دِوان ۔ " یِتہٕ کتہٕ گیہِ مازٕہ بوٚی یادٕہ ۔ توٚہیہٕ ژھانڈٕتہٕ
پانسے ۔ اوے ہے اکھ کانہہ مارتَن ۔" جِنس ییلہِ نہٕ کینہہ چھُ اکھ
لگان ۔ سُہ چھُ اُمِس پرٛیہِ ہندِس کوٚٹھِس پیٚٹھ کلہٕ تھاوِت نیٚندرٕ
ترٛاوان ۔ راتھاہ گژھاِرتھ چھُ مُشِس اُمِس پرٛیہِ ہٲٹھ منزٕ مال
کڈان تہٕ نیران ۔ پرٛی چھِیہٕ مست نیٚندرِ پیٚوان ۔ جِنہٕ سِندرہ نیرنہٕ پتہٕ
چھُ جنگلی رازٕہ یہِ مال نِوِہ سرٕ پرٛیہِ ناگی ترٛاوان تہٕ سوٚ کجِنیہٕ گژھان
ہُشار ۔ آخر چھُ جنگلی رازٕہ اُمِس پرٛیہِ دِوان ۔ اُسہِ ماروٚن یہِ جن
ژٕہ کر میٚہ سیٚتی نیتھر "۔

پرٛی چھُس دِوان ۔ بوٚ کرہ ہا ژٕیہٕ سیٚتی نیتھر مگر جن کیتھہٕ کٕنہٕ
ہیٚکوٚن اُسہِ مارِتھ ۔ تکیازِ جِنس چھُ زُوٚ اکِس ہارِ تہٕ طوطس منز
سوٚ ہارٕ تہٕ طوطہٕ چھُ ہُتھ براندس تل، تمن ہیٚکہِ صرف اکوی زوٚن کاڑ
وُڈھِت "۔

جنگلی رازٕہ چھُس پرژھان سُہ کُس چھُ ؟

پرٛی چھِیس دِوان ۔ " تس چھُ ناو جنگلی رازٕہ ۔ سُہ آسہِ بادشاہ
کوٚت مگر زامُت آسہِ دِنس منز "۔

جنگلی رازہٕ چھُس دِیان۔ "اچھا یدوٕے بوٚ مارکھ تیٚلہٕ کرکھ
ژہٕ مےٚ سیٖتی نیتھر۔"

پرٕی چھیٚس وعدہ یقرار کران۔ جنگلی رازہٕ چھُ نیران براندس
پیٚیٹھ تہٕ اَتہٕ چھُ دٕرچھان پنجرس منٛز ہٲر تہٕ طوطہٕ پانہٕ وٲنی گلمالہٕ
کران۔ یِم چھہٕ دوٚہ شوٗرے جانور تِہنٛزی شکیل آسان زِ جنگلی رازہٕ
چھُ برٛژرس کھنڈس سوٗنچان زہٕ کیٛنہہ مارہکھ نہٕ۔ مگر سیٖتی چھُہ
سوٗنچان زہٕ تیٚلہٕ کیتھہٕ کٔنہ ہیٚکن پرٕی زیٖنِتھ۔ اَدٕے کِنہ چھُ پنجرہ
پھُٹراوِتھ مارِہ نہٕ کاٚرہ ہٹان تہٕ طوطس تہٕ۔ اَمہٕ دٕرزہٕ چھُ گژھان
سارِی سی محلہ خانس بٛنیل تہٕ پرٕی چھیہٕ ژیان زِ پرٕی پاٹھی مود
رٔجن۔

پرٕی چھیہٕ جنگلی رازس وَنان۔ "دوٚہ نی بیٚہمو اُسہٕ دوٚہ شوٗرے
تٔنی نردہٕ پچہ پیٚیٹھ تہٕ بوٚ دِمہٕ اَکھ قسم۔ یہٕ یُٹ وانناوِہ اَسہٕ
ناگہٕ دٕہس پیٚیٹھ۔

جنگلی رازہٕ تہٕ پرٕی چھیہٕ نردہٕ پچہ پیٚیٹھ بہان۔ پرٕی
چھیٚس قسم دِوان تہٕ نردہٕ یُٹ چھیہٕ یِمَن ناگہٕ دٕہس پیٚیٹھ وانناوان۔
وٚہ نی چھہٕ یِم دوٚہ شوٗرے شادہ کران۔ جنگلی رازہٕ اَمہٕ کِنہ زہٕ بوٚ وانہٕ
گھرہٕ پرٕی ہیٚنتھ تہٕ پرٕی اَمہٕ کِہنہ زہٕ سہ موکلیہ جنہ سندہٕ شاپہٕ

تلہٕ۔ خدایہٕ سنٛز قدرتھاہ پٔژھی پٔنٛٹھی کنہِ چھیٚہ یِوان یاگرٕ پیٚچھناہ
وُڈان وُڈان۔ سۄہ چھیٚہ کُنُوٗی جوٗشہٕ دِوان تہٕ جنگلی رازس پیٚخن
دوہن منٛز یِوان۔ دَپان اُمِس یاگرٕ پیٚچھنس چھِہ آسان بچہٕ تِہندی
آنٛیہٕ خاطرٕ چھیٚہ یہ اُمِس جنگلی رازس یِوان۔ مگر یُس خدا بچاوہٕ
تس کُس مارِ۔ بیٚیہٕ شہرُک شکارٕیاہ چھُہ آسان اَمی ساتہٕ شکارس
درامُت۔ یہ چھُہ یاگرٕ پیٚچھنس وٕ چھیت تیٖر لایان یہ تیٖر چھُہ یاگرٕ پیٚچھنہِ
بائسس بیٚہان سۄہ چھیٚہ مَران تہٕ جنگلی رازٕہ چھُہ تَس پیٚخہ منٛزٕ وٕسی
پیٚوان دُور اکِس شنٛیاہس منٛز۔ جنگلی رازس چھُہ وٕسی پیٚنٛتھ ترٛیٚن
دوہن تہٕ ترٛیٚن راتن غَش گژھان۔

یہ ترٛاوی تون غشس سیٖتی ہیٚیاری چھیٚہ پرٕی ناگہٕ دٕہس
پیٚنٛٹھ بہت وَدان تہٕ دپان آسان زِ وۄہنی کیٚتہِ لبَن جنگلی رازٕہ
اُتھی منٛز چھُہ وزیر زادٕہ تہٕ رٔیشی زادٕہ اَوتتَ وأتت یِوان، یِم تہٕ
چھِہ آسان جنگلی رازس ژھاران۔ پرٕی نکھہٕ وأتِت چھُہ وزیر زادٕہ
اُمِس وَنان۔" ادٕہ یا ژٕہ جِن چھکھ یا پرٕی چھیٚکھ یا انسان، ژٕہ یہ
چھُکھ تمی سُند قسم۔ یمی ژٕہ تہٕ یادٕ گژھکھ تہٕ بوٗتہٕ ژٕہ نے یِیٚز پوٗز
وَنِکھ ژٕ یہ ما وُچھتھَن یٚیاری جنگلی رازٕہ۔"

پرٕی چھیٚکھ دَپان:" بہٕ زانہٕ نہٕ جنگلی رازٕہ کیٚنٛہہ۔ مگر شوٗکٕہ

اوس پئُن اوش ییمہ شوبھٕ جنہٕ سِندِ شاپہٕ ٹلِہ مہ کلاہ تھاوٕنی۔ مگر توٗتَت واتِت گوم ژھینہٕ۔"

ریشہِ زادہ وودُ تھُس۔ سُہ کُس اوس یتہٕ کوت گوہ؟"

پرٕی وُژھس۔" تس تہٕ میہ گوٗ یُتھی ناگس پیٹھ ہیُل۔ سُہ اوس میانہِ نشہِ دودہے اکھ اکھ شیشہِ فل ریوان تہٕ آخر منجنم یہ نردہ پُٹہِ۔ میہ دِژ یہ نردہ یُٹ تس مگر اکھ تھوو٘م قسم دِتھ زہ یتھوی یہ ژٕ یہٕ اتھس کینٛہ تلی یہ واٹلی زِن پانس سیتہٕ ناگس تل۔ میہ اَس راسے زہ بو رٹن سہٕ تتھی پانس نشہِ تکیا زہ میہ اوس جنہٕ سُند شاپ۔ مگر تور واتتھ مور تمی جن۔ تہٕ تورہٕ یلہِ اُمسی واپس واتی پیٹھو رکنہ آیہ یاگرہ چھینا وڈان وڈان تمی نیوٗ سُہ جونٹھ دتھ۔"

ریشہِ زادہ تہٕ وزیر زادہ وُتھس زہ سُوی اوس جنگلی رازہ۔ دوشونی آسہٕ سہ تمہٕ یاگرہ چھینہٕ مور متھ دوہ تھ دوشونی ژہٕ اَسہٕ سیتہٕ وزیر زادن وونُس بوٗ نمتھ ژہٕ پننس پادشاہس نشہِ۔ پرٕی وُژھ تہٕ گیہ وزیر زادس سیتہٕ پادشاہ سُند محلہ خان۔

پادشاہن یلہٕ پرٕی وُچھی سُہ گو اُمس عاشق۔ دوونس ژہٕ کرمیہ سیتہٕ نیتھر۔ پرٕی وُژھس" پادشاہم میہ یلہٕ وارہ بیتھہ زہِ میون گوڈنیک خاندار گُذریوہ تیلہٕ ہیکہ بو ژٕ یہ سیتہٕ نیتھر کرتھ"

پادشاہ وۄتھس۔ "وۄنی کیتھہ کُنی بیہی ژ بیہ؟"

پری ووٚژھس " ژہ کرہ پننِس مُلکس تُھلِ زہ لوکٹ لوکٹ جوان ییہِ سا تہٕ میہٕ برونٹھ کنہِ وُنو سا پننہِ پننہِ زندگی ہنز کیتھہ خبر تُھی منز ما ییہِ میون جنگلی رازہ تہٕ۔"

پادشاہن مون تہٕ کرِن تیلِ۔

ہیم ترأو تو کھ اُلھی سیتہٕ۔ ہپیأری چھُہ جنگلی رازس تربیہ دوہی تہٕ تربیہ رأژ ہوش ییوان۔ سُہ چھُہ اُچھ مُژراوان تہٕ پننہِ پانس اکس وأران شِنیاہس منز وچھان۔ سُہ چھُہ وَنان۔ "یا بار خدایا۔ بوٚ کتہٕ اوسُس تہٕ کوت لوٚگُس۔ وۄنی کتہٕ لبن بہٕ سہ پننی پری تہٕ کتہ واتہٕ بہٕ پننہ ماجہ نشہ"

یہ چھُہ آسان اِی وَنان تہٕ اُلھی منز چھُہ اَمِس برونٹھ کنہ سفید ریشن ہنٛزِ ریش کرِتھ بڈاہ گژھان پأدہ۔ یہ چھُہ آسان خاجہ خِضر۔ یہ چھُہ جنگلی رازس وَنان۔ "اے جوانہٕ میہٕ چھُہ چون سوروُی حال موٚلوم۔ بہٕ آسے ژیہٕ امداد کرنہ۔ ژہ رٹہ میون آسہٕ تہٕ یکاہ صُبحس بُلہِ الھتابہ کھسہ ژہ تہٕ وۄٹھتہ یپأری کنی الھتابہٕ پکہ ژہ تہٕ یکھ الھتابہ لوسہٕ وزہ واتکھ ژہ پننہٕ گھرہ۔ وَتہ ییٚنی سہہ تہٕ ہاپٹ ژہ درزہ ژھمن یہ میون آسہ بُتھہ دأرِتھ، ادہ آسہ زانہٕ تہٕ نم زانن۔"

جنگلی رازہٕ گو سیٹھاہ خوش۔ خاجہ خضرس کوٚرُن بڈہٕ تعظیم
تہٕ یگاہ صُبحس ییلہِ اکھتاب کھوٚت اُمو تہٕ ہیوٚت قدم دِیُن۔ وَتہٕ چھہٕ
وَان تہٕ جنگل۔ گاہے چھہٕ اُمس سہہ ہیوان بُتھہ، گاہے اُچھ داہ تہٕ
گاہے ہاپت۔ یہِ چھُہ یمَن آسہٕ لگاوان بُتھہ۔ آسہہ چھُہ سہس مقابلہ
پادر سہہ بنان۔ تہٕ تس ماران۔ اُچھ دُہس مُقابلہ گل مار بنان تہٕ تس
نینگلاوان تہٕ ہاپتس مقابلہِ سہہ بنان تہٕ تس خوٗن چیوان۔

گھرہٕ وائتھ چھُہ جنگلی رازہٕ وہچھان تہنزہ ماجہ تہٕ ریشہ بابہ
وَدان وَدان اوٚن ہیوٚمُت۔ یہِ حال تہٕ پادشاہ بابہ گومُت تہٕ گومُت
ریشہ بابہ۔ جنگلی رازہٕ چھُہ یمَن دوہ شونی ہنزٕ رومال اُچھن ڈالان تہٕ
یمَن چھُہ دوہ شونی گاش یوان۔ یم چھیہ شادہ کران۔ مگر جنگلی رازہٕ
چھُنہٕ خوش آسان کینہہ تکیازہ تس چھیہ پرِی یاد پیوان۔

اُتھی منز چھیہ ریشہ زادہٕ گھرہٕ ہیوان وائتھ۔ سہ چھُہ جنگلی
رازس نالہ متہ رٹان تہٕ چھیکرس چھُس ونان۔ "چھُک نا بوزان پری
چھیہ فلائی پادشاہ سندس محلہ خانس منز۔ سہ چھے زیتہ براران۔"

جنگلی رازہٕ چھُہ اَمی ساتہٕ نیران تہٕ پادشاہ سُند محلہ خان وٲتان
اور وائتت چھُہ سہ ڈولس زٕنڈ کڈان۔ زِ بوہا ساونہ ہنز کتھ پرِیہ
برونٹھ کنہٕ۔

ییلہِ پرِی تہٕ بادشاہ دربارس منز اُہنز کتھ بوزنہٕ چھ نیران جنگلی رازہٕ چھُہ وَنان۔ "میأنی موج ہسا اُکس پادشاہ باے۔ سہ ہسا ژھہنی بادشاہن پننہِ محلہ خانہ منزہٕ کڈتھ تمن دوہن ہسا اوشُس بوتس یُڈ منز —" اَمہِ پتہٕ چھُہ وَنان ساٗری دلیل۔

پادشاہ چھُہ دوہ بُتھان تہٕ رٹان اُمس نالہِ مَتہٕ دِپان چھُس ژہٕ چھُک میون اولاد۔

پرِی چھیَس دِپان - "پادشاہم یوہے چھُہ میون حقِ خداسے اُمی سببہٕ چھُہ میَہ وعدہ یقرار کوٗرمُت"۔

ہمَن چھُہ نیتھر پاٗتھر سَپدان۔ جنگلی رازہٕ چھُہ پننہِ ماجہ تہٕ محلہ خانس منز اَنان تہٕ زیٗنشس تہٕ زیٗنشہ بابہ تہٕ۔

پادشاہ چھُہ پننہٕ حکومت اُمِسی بخشان تہٕ تہٕ چھُہ راج تاج کران۔ وزیر زادس تہٕ زیٗنشہ زادس چھُہ پننہٕ وزیر بناوان۔



# نیتس مُراد

صاحب دوہ ستاد وُنان یہ اوس پرانہِ وقتہٕ پادشاہ اکھ
یُوہے اوس سینٹھاہ عادل تہٕ رعیت پرور - اوہٕ کنہِ اوس تمام
مُلکس منز سارنی ٹوٹھ - خداوند کریمن اُسی اُمس ژور نیچو عطا
کٔرِ کٔرمتی - وَنَ دول وُنان یمَن اُسی پانہٕ وٕنی ژوون دوہَن ہنز
زٕٹھ کانس - اکمیک وجہ اوس یہ زِ یم ژور شہزادہٕ اُسی ژوون
زنانن ہندی - غاز دوہہ اکہِ چھُ پادشاہ پننِس جایہ سوچان
زِ دُنیاہس چھنہٕ بقائی کینہہ - بیاری چھُس پانہٕ بوڈہ بہتر چھُ
یمن ژوون شہزادن منز یُس اکھاہ قابلِ بادشاہی آسہِ سُہ بناون
پننی زندگی منز پادشاہی ہُند وارث تہٕ پانہٕ کرہٕ خلوت رُوزِتھ خدایہ
سِنز عبادت - اما یوزٕ سیتی چھُس یہ خیال تہٕ یوان زِ ژوون منز
کُس بناون پادشاہ تہٕ کُس نہٕ - تکیازِ ژوون ہندی اُسی ژور بناوہٕ ہے
اُکس بیا کھ گژھہِ ہے ناراض - یہ گو سینٹھاہ غمگین تہٕ اوس نہٕ پننس

مُلکس منٛز بد امنی تہٕ بے چیٖنی یژھان اُکھی سوچس سیٖتی چھہٕ کانٛہہ طریقہ
چھُس نہ دماغس منٛز یوان۔ آخرہ یٖلہِ یہ کانٛی مجبور گو اُمہِ اُنٛی ینٛہ
سارٔی امیر کہہ وزیر ناد دِتھ۔ یِم یٖلہِ پادشاہ سٕنٛز کتھ چھہ بوزان،
یِم تہِ چھہ گوتن گژھان۔ کینژن دیٖہن چھہ یِم تہٕ اُکھی اضطرابس
منٛز آسان۔ اکھ دوہ ہا چھہ بنان وزیرو منٛزہ چھُہ وزیراہ اکھ پادشاہ
سٕندِس خدمتس منٛز عرض کران زِ جہاں پناہ میٖہ آو اکھ سوچ دماغس
منٛز۔ پادشاہ چھُس وَنان کیاہ ہیُو۔ وزیر چھُس وَنان۔ قبلہِ عالم
شہزادہ ژور گژھن راشٕنس سوزنہٕ۔ پادشاہ چھُس وَنان۔ تمہِ کیٖ
معنے۔ وزیر چھُس عرض کران عالم پناہ یِمو منٛزہ یُس اکھاہ کمہ قیٖمتس
منٛز زیادہ نفع زیٖنتھ اَنہِ سُوی شہزادہ گژھہ مُلکُک بادشاہ مُقرر یُن
کرنہٕ۔ پادشاہ تہ باقی امیر تہٕ وزیر گٔیہِ اَمِس وزیرہ سٕندِ یہ مشورہ
بوزِتھ نہایت خوش اَمہِ پتہ چھُہ یہ پادشاہ پانٛژھ ہتمنہ ژور ژھرہ
ٹھیٖلہِ خزانہ منٛزہ اَنناوان۔ سیٖتی چھہ ژوشوے شہزادہ پادشاہ
سٕندِس دربارس منٛز حاضر کرنہٕ یوان۔ آخرس چھہ یِمن پادشاہ وَنان
زِ گوبرو وۄنی چھُس بہ عمر پیٖری اوہ خاطرہ چھہ ضروری زِ میانہٕ پتہ
تہِ گژھہ یمہِ مُلکُک انتظام ژنتھے پاٹھی چلُن یتھ پاٹھی میانہِ حیاتی
منٛز چلان چھُہ۔ تُہی چھوِہ ژور بارٔنی یہ گوکس کرن تختہ نشیٖہ محروم

ترٕ کُس ہیوٚکرن پادشاہ مقرر۔ لہٰذا چھُہ مےٚون تہٕ میانین امیرن تہٕ وزیرن ہُند مشورہ یہ زِ توہیہ ژٕہ نوٚے گرٕژھو راشُس۔ توہہِ منٛز یُس اکھاہ قلیل وقتس منٛز زیادہ نفع کماوِ شوٚی ییہِ مُلکُک پادشاہ بناونہٕ۔

پادشاہ سُند یہ حُکم بوٗزِتھ چھہ راتھاہ کڈِتھ یگاہ صُبحس ژوٚ شوٚے شہزادہ سفرس نیرنچ تیاری کران۔ پرٛینتھ کانٛہہ شہزادہ چھُہ پننہِ پننہِ ماجہ رخصت ہیوان۔ رخصت ہیٚتھ دراےِ ژوٚنوے بارِنہٕ۔ قدماہ قدماہ چھہِ دِوان یُت یہٕ دوہس چھُہ پکان تیوٚت چھُہ راتس پکان۔ یوٚتامت بیس مُلکس اندروا تی۔ رات لجِکھ اکس جنگلس منٛز۔ اتہٕ وُچھکی اکھ خوش یوٚنی سبزی ہنا اُتی درژٕک رات کھینٛاہ چیٚناہ کرِتھ ترٕووکھ آرام۔ صُبحس یُلہِ نیٚک نیٚک گاشی آو زیٚتھ ہیوٚ شہزادہ گو بیدار۔ بیدار گژھت چھُہ یہ وُچھن کھووِرِ نظراہ تراوان۔ نظر یُلہِ ترأوِن دوٗر میل کھنڈ چھُہ باغاہ وُچھان خیال گوس دِلس یہ کرہٕ ہا اُتھ باغس چکراہ۔ آخر دوٚنکھ تہٕ دِژاو باغس کُن۔ اُتھ باغس یُلہِ نکھہ تُل دوٚت اتھ وچھن اندی اندی قلاباہ گنڈِتھ۔ مختصر چھُہ بانٛچ ڈیڈی ژھارن یوٚتامت لبن۔ ڈیڈہ ہیٚتھ وُچھن شخصاہ اکھ پہرہ دِوان۔ اُمیی لوٗگ شہزادہ وینہِ

" اے شخصہ اگر بہ یتھ باغس اندر اُژت نظر دِمہ نہٕ چکراہ
کرہ ژیٖہ ما چھُوی کانٛہہ اعتراض " بہ ڈبڈی وٕنہ زِ چھُس وَنان دوٕ نہٕ
کیازِ گوٚژھہ اعتراض آسُن گژھہ ساوٕ چھُنہٕ " آخر چھُہ شہزادہٕ
باغس منز اَژان - اندر یٚلہِ ژاو یہ باغ وُچھان قسمہ قسمہ کٕنیو میٚوہ
نالہٕ ڈزٕ سیٚتھ مالامال - خیال پیٚیس اگر بہ یمی باغُک سوداہ کرہ
خرچہ کیاہ چھُہ - اَمہ بینہ چھُہ اُمس ڈیڈی وٲنس نِش پوان - اَمِس
چھُہ پرژھان - یُمہ باغُک مٲلِک کُس چھُہ - بہ چھُس درجواب
وَنان باغُک مٲلِک چھُس بُوی - مگر یہ وَنتم چھون مطلب کیاہ چھُہ
شہزادہ چھُس وَنان بہ چھُس یُمہ باغُک سوداہ میٚوہ مُلی ہیوٚن
یژھان - ڈیڈی وٕنہ زِ چھُس وَنان میٚون چھُوی نہ اعتراض مگر کنھہ
چھِہے یہ زِہ کُل باغکس میوِس چھِہے پانژھہ ہَت، ژُھرہ دِنہٕ شہزادہ
چھُہ پینٛژ ژُھرہ رٹھیلہ تُلان تہٕ ڈیڈی وٲنس حوالہ کران - مگر سیٚتی
چھُس وَنان زِہ تام چھِہے باغچہ راٗچھی وغیرہ ژیٖنہ مُنٛڑ - یہ تام بہ
انتظام وغیرہ کرہ پانہ دژاو بھایَن کُن زِہ بہ دَنہ یمن منٛز کوٚر سوداہ -
کیٚنٛہہ قدم یٚلہِ برونٛہہ پوک اُمی دِژ پٔت نظر نہ وُچھُن باغی
نہ ڈیڈی وٕنی - سیٚنٛھاہ پریشان گو - مختصر ووت بھایَن نِشہ بُتھہ
بُتھِم دوان وَدان تہٕ ریوان - یِمن یٚلہِ نظر پیٚیہ بھاٗیس پیٚنٹھ یہ

وُچھِک وَدان ہیم گیٔہ حیران اما دلیل کیاہ چھہٕ۔ مختصر چھُ ہیمن یہ
قصہ وَنان سارِی پچھہ دِپان۔ یُوتامت یہ دوہ تہٕ اُتی گوکھ۔ یگاہ
ئیلہِ بیٛنیہ گاش پھوٗل گوٗنس شہزادس گو زٕنٹس بھاے سندی باغٹھی
سارِنی برونہہ ہُشیار۔ یہ ئیلہِ تھوٗد ووٗتھ اُمس تہٕ آو تتھے باغٹھی
باغ نظرٕ اُمس تہٕ گوٚ یہ باغ وُچھنُک شوق۔ مختصر گو یہ تہٕ باغس
نظر دِتہٕ۔ باغس نیٚبہ ئیلہِ دوت اُمس تہٕ گو باغک سودا کرنُک خیال
دِلس منز۔ ژھوٹین الفاظن منز چھُ بیٛنہٕ ڈیڈی وَأنس سیٚنی
بھاین وراٰی باغُک سودا کران۔ بیٛنہٕ ئیلہِ دُور پھن ووٗتھ اُمس
تہٕ گوٚتی یہ اُڈس بھاۓ یس گوس۔ ترین بھاین چھُ اکھ اُکس بیتہٕ
پیٔ گدران۔ باقی رُود اکھ یہ چھُ سیٹھاہ غمگین۔ دپان چھُ خدایہ
اُسی آے بیٛنہٕ مُلکہ منزٕ راشس سوزنہٕ۔ ترنیہ گیٔہ تتھ بیٛنہٕ تباہ تمن
اَسے داش نداش اوس سُہ گوکھ ختم اُسی کمہٕ نبتھ اژو بیتہٕ نس
مُلکس منز، مگر اُمس اُٹس نہ خبر ہیمن ہا اُٹس تریمو نی بدنیتی دِلن منز
تُوٚرے ہا ہوٚری ہمہ ینُن داش نداش۔ خیریم چھُ دوہ نی اُنی قرار
کرِتھ۔ یگاہ ئیلہ بیٛنہ گاش پھوٗل ژورِیُم شہزادہ گو ہُشار۔ اُمی
کرٕ اُتی نیت زہ اگر میٛہ زیٹون سارِی بھاٰی چھُم شریک۔ خدنخواستہ
اگر میٛہ تہٕ ہوٚر نبٛلہ کیاہ کرہٕ بو آخر چھُم خدایہ سُند ناداہ ہیٛتھ

نیران - یہ باغ چھُہ بدستور پننہِ جایہ وُچھان مگر سونچان چھُہ یہ کیاہ معاملہ چھُہ - یوتامت باغس اندر دوت - باغس اندی اندی چھُہ چکراہ کران جایہ اکِس وُچھُن ناگہ پکُھر پیپنا - اتھین چھوکُن الفاہ - تھفاہ تمہ پتہ کرِن خداوندکریمس سیٹھاہ عاجزی - دپان چھُہ میانہِ خدایہ اگر اُسی ساری بارن ہیتھے پاٹھی ہارِو اُسی کمہِ بُتھہِ گژھو پننہِ نس ماکس برونہہ کُن - وونی چھُہ چونوی فضل و کرم - خدایہ وونی کرہتہِ تیتھ سبب یتھ اُسی سارِی پانی عزتہ بہان گھرہ واتو - اُتھی دوراُنس منز چھُہ شہزادس باغہ کہ ہواہہ سیتی نیندر پیوان - نیندرِہ منز چھُہ خواب وُچھان - خوابس منز چھُس شخصا اکھ وَنان - اے شخصہ باقی ترین بایین اُس نیت کھوٹ تورے کھیوو تمہِ دھوکہ - ژہ مہ برغم ژہ بیقوی باغک سودا کر کھہ تہِ باغ غائب گژھی ژہ کرزہ تمہِ پتہ ہنا قرار - باغ غائب گژھِت روزی تیتین گنڈک دوپھ شہ تکزہ خدایہ سُند ناو ہیتھ تھوو تہِ تیتین سُیدی یوہے کھمڈ ہیو - تیاری وُسرہ خدایہ سُند ناو ہیتھ بوہن بُتھہ پیپی نہ خانہ تیتھ نہ خانس پیٹھ بنیرہ چون مطلب - امہِ پتہِ چھُہ شہزادہ بیدار گژھان - بیدار گژھت چھُہ باقی ترین بھاین ہندی پاٹھی پتہِ سودا کران - باغ چھُہ

رتھے پاٹھی غاب گژھان ۔ یتھہ پاٹھی ترین شہزادن ہندہ
وزہ گژھان اوس ۔ یہ چھُہ ژیوہ کھنڈ قرار کران ۔ ژھ کھنڈی
چھُہ یوہے کنڈی دہ پھہ وُچھان ۔ یہ نتھود تمنہ برونہ چھُہ یمن
ترین بھارتین نادس گژھان ۔ ناد دِتھ اُنِ تم پانس سیتی
اُتھی کنڈی دہ پھس نکھ ۔ بیٚلہ اَتھ واتی یہ تمن تھود ۔ یم
نھاوِن گلس بیٚٹھ تہ پانہ وتھ تہ خانس منز ۔ اتہ چھُہ وُچھان
لعل تہ جواہرات انبارہ انبارہ ۔ یہ چھُہ سورُوی مال دولت
جمع کران تہ بھاین کُن دِوان ۔ یم چھینہ وُنہ کُنہ مال رٹان
نہ یمن گیہ بدنیت ۔ شہزادہ چھُہ تہ خانس منز کمراہ اکھ وُچھان
اَتھ کمرس منز چھُہ پلنگہ ژدہ مبرہ وُچھان ۔ یمن پٮ۪ٹھ وُچھین زنانہ
ژدہ مبرہ شونگتھ ۔ یہ کمرہ اوس یہندہ حُسنہ سیتی گاہ تراوان ۔
اما پوز پریتھ اکس زنانہ وُچھُن شاندس پیٚٹھ پننیٚن پننیٚن جامہ تہ
ہُنرہ الوند ۔ حیران گو ۔ شہزادہ چھُہ سوچان بیٚلہ یمہ زندہ
آسہہَن یمہ جامہ لاگتھ کژھ آسہہَن یمہ گژھان ۔ اُتھی دورانس
منز تمن اکھ جامہ تہ گونڈتھ اکس زنانہ ۔ یتھوی لوگنس یہ گیہ
بیدار ۔ شہزادہ گو سیٹھاہ خوش ۔ مختصر چھُہ یہ ترین یتھے پاٹھی
یم جامہ لاگان ۔ تو یتہ بھاین کُن دوان ۔ اکھ ہُنر راہ تھودُن

چندس تہٕ ژورِم زنانہ سُوزِن بھایَن نِشہٕ گَرٕ پیٚچھ ہیتور۔ یِمو کَرٕ کٲم
یِمو تِم اَکھ یِمہٕ زنانہٕ ژور بێنِہ پٮ۪ٹھ لعل جواہر تہٕ دڑاے پنُن شہرِکُن
اُمِس تھوٗوکھ گَرٕ پیٚچھ ہندِس نگلس بوٚڈ پلاہ اَکھ بنٕتھ۔ شہزادس چھیٚنہٕ
خبراہ کیٚنہہ مختصر چھہ اُمِس بێنِہ زدولہٕ کھنڈ گرٕھان تہٕ دٕچھان چھہ
خوابَس منز شخصاہ اَکھ گَرٕ پیچھ ہُندِ پل پَنٕنہٕ اَتھہٕ سیٚتی تھوٗد تُلان تہٕ
شہزادٕ چھُہ واتان پَنٕنِس مُلکس منز۔ شہزادٕ چھُہ اُچھہ مُژران تہٕ
چھُہ پانَس پَنٕنِس مُلکس منز وُچھان۔ اَتہٕ چھُہ وُچھان ہُمو ترٕ بیٚنیو بارٕنیو
ژورِمہ زنانہٕ پادشاہس سیٚتی نکاح کرُن صحیح کوٚرمُت۔ اما یوٚزٕئین
اَمہٕ ژورِمہ زنانہٕ یہ شرط تھوٗومُت زِ ییٚتھ ہنزٕرہٕ یِمن ترێن چھُہ
پیٚھٹھوی گرٕھ میٚنہ آسُن۔ اَمہٕ بغٲر ہیٚکہٕ نہٕ نکاح کٔرِتھ۔ پادشاہ چھُہ
تمام کارٕیگرن ہنزرہٕ بناونہٕ خاطرٕ حکم دِوان مگر کانہہ ہنزرہٕ چھُنہٕ
یِمن ہنزرَن سیٚتی رَلان۔ بہرحال یہ شہزادہ دوٚت سوٚنرٕس
اَکِس نِش یہ سوٚنرٕ اوس نِنہٕ تہٕ کھیٚنہٕ آمُت یہ شہزادہ چھُس سلاماہ
کرِتھ وَنان سوٚنرٕ چھیٚہ کیاہ حعض تھکٕ کران۔ یہ چھُس وَنان ہَتا
یارٕ ژٕ کیاہ کرہم۔ یہ چھُس وَنان حرج کیاہ گوٚو اگر بدٕتہٕ بوزٕ
اَزٕ خرٕ تہٕ چھُس یہ سوٚنرٕ ہنزرہچ دلیل وَنان۔ سیٚتی چھُس وَنان

ووٕنِ نہ اوسُم زِنیٖنگ کانٛہہ غم مینہ اوس نہ حاجتھی۔ مگر وٕہمہ چھُم اگر نہ یہ ہنٛزرہ تِمن باقین ہنٛزرن سیٖتی رلیٖتھ شوٗٹھ گژھ ونہ زوٗہ نِشن گژھن۔ شہزادہ چھُہ اندرِی کنہِ اُکُسناہ کران۔ بٮ۪یہ طرفہ چھُس اُمس سونٛرہ سُند عار یوان۔ اُمی تُل علی الحساب چینٛدہ منٛزوک ہنٛزرہ تہ کوٗرُن سونٛرس حوالہ۔ سونٛرُ گو سیٖٹھاہ خوش۔ تِتھُے گژھت دِژاو ہنٛزرہ ہیٛتھ پادشاہ سُندِس دربارس منٛز۔ توت یٮ۪لہِ ووت ہنٛزرہ ترٚوون پادشاہس بروٚنہہ کنہِ۔ مختصر آو یہ ہنٛزرہ زٔنانہ زنانہِ پیش کرنہِ۔ زنانہِ یٮ۪لہِ یہ ہنٛزرہ وُچھ تِمہ پرزہ نوور اَمہ بیتر چھُ اُمس سونٛرس وَنان یہ ہنٛزرہ کتھ چھُ بنوومُت سونٛر چھُس وَنان مٮ۪یہ چھُہ منگتہ نیٖچُو تِمی چھُہ یہ گوٚرمُت۔ یہ چھُہ پادشاہس وَنان یہ چھُسن سہ بٔرھان وُچھُن۔ مختصر چھُ پادشاہ سونٛرس حُکم دِوان زِ سہ کرِیون دربارس منٛز حاضر۔

سونٛرس لگی پھچھرِ اَخرٕ دِژاو پتہٕ کھوری دَوان تہٕ دوران ووت وانس پیٹھ شہزادہ وُچھُن بِہِتھ۔ یوان ییٛتی چھُ شہزادس وَنان گوٚبراہ آکہ شہزتلہ کرو کھس آزاد مگر دوٚلم شہمت اُنہٕ ٹھم۔ شہزادہ چھُس وَنان دلیل کیاہ سہ چھُ سونٛرُ چھُس ساری دلیل وَنان۔ دلیل بوٗزِتھ چھُ شہزادہ سونٛرس سیٖتی

پادشاہ ہندِس دربارس منز گژھان۔ شہزادہ چھ لباس بدلاوِتھ
گژھان۔ یہ ییلہِ دربارس منز وٚوت اُمی کرٕ باادب پاٹھی تعظیم
باقی تریہ شہزادہ تہِ چھ دربارس منز موجود۔ پادشاہن تہٕ زنانہٕ
ییلہِ شہزادہٕ وُچھ اُمِس کوٚر سیٹھاہ عزت۔ تو پتہٕ لیجُ
اُمِس ہنزِ رس نسبت پرژھ گاٚر۔ اکھ اکھ جواب چھُ شہزادہ
دِوان ہُمن ترٚین شہزادٕن چھ عقلہ بتل گژھان۔ مختصر یوٚ تامت
سورُے قصہ شہزادن پادشاہس تہٕ اہلِ دربارن برونٹھہ کنہٕ بیان
کوٚر۔ پادشاہن ییلہِ باقی ترٚین شہزادٕن ہندی دغا بُوز۔ تمیٚ کوٚڈ
یکدم حکم زِ تِم تریہ گژھن پادشاہی تشہِ محروم کرنہٕ ییٚنہٕ تہٕ
ژوٚریم گژھِ اَزی کہٕ پیٹھ مُلکُک پادشاہ مُقرر یُن کرنہٕ۔



# خوجہ نوٗر

دُنیان پٮ۪ اوس شخصاہ اکھ۔ ناو اوسُس خوجہ نوٗر۔ اٚمِسی
اوس نہٕ اولاد کینٛہہ۔ دوہہ اکہِ سپُد اٚمِس خوجہ نوٗرس دوستنہٕ
خدایس اکِس سیتھ ملاقات۔ اٚمی دوستِ خدایَن موٗنگ خدایَس
نتیجہ سپُد پروردگارِ کریمن تھوٚو اٚمی سُند دُعا قبول تہٕ خوجہ نوٗرس
کوٗرن اولاد عطا۔ یُلہِ پٮ۪ بالِغ سپُد پٮ۪ چھُنہٕ کانٛسہِ سیتی کتھا
باتھا کران۔ یُکھ اٚسی وَنان اٚمِس چھُہ حیا گژھان کانٛسہِ سیتی
کتھ کرنس۔ لہٰذا تھوٚوُکھ اٚمِس خوجہ حیابند ناو۔ اٚمِہ پتہٕ کرٕ
خوجہ نوٗرن کانٛم اٚمِس تھاوِن لٕاکہ جوراہ کتھ باتھ کرنہٕ بٮ۪یت
یوٚتامت وارہٕ وارہٕ پٮ۪ یمَن ہیتی لیہ ہیوٗ آد۔ پٮ۪ لوٗگ یِمنی سیتی
کتھ باتھ کرنہٕ تہٕ گندنہٕ۔ دوہہ دوہہ چھُہ گژھان پٮ۪ گو بالِغ اکہِ
دوہہ چھُہ مألِس وَنان میٚہ دِسہ کینٛہہ سامانہٕ بہ کرہٕ باپار۔ پٮ۪ نیرہ
سوداہ کرنہٕ۔ خوجہ نوٗرس آیہ نہٕ پرٛژھہ تہٕ چھُس کینٛہہ وَنان۔

لستم پوترو دس مالہ گریو بوزو لگیو دس مالہ گریو
سربہ وندیو دس مالہ گریو
لستم پوترو دس مالہ گریو بوزو لگیو دس مالہ گریو
ہدہد شہرچ مالہ گرایو بوزو لگیو مالہ گرایو
لولہ شہزادو وس مالہ گرایو لستم پوترو دس مالہ گریو

آخر چھُہ خوجہ حیابند مال ہیتھ باپار کرنہ نیران - زنگارنگ
مال چھُس خوجہ نوُر دِوان - واتان ووت بجایہ اکِس - اتہ وچھُن
مکانکِس اکِس دریچس پیٹھ خوتوناہ اکھ - امہ خوتونہ کوردس
آلو - خوجہ حیابند گیچھی امس خوتونہ بروٚنہہ کنہ ووت توٚپتہ
چھُس پرژھان ژیہ کیاہ چھُوی کنُن - امہ ووُنس درجواب بہ
چھُس محنتہ ہار کنان - یہ چھیس ونان بہ سوزنہ وایہ پننہ
تمہ سی اکھ سوز ژہ محنتہ ہار یوُری بہ وچھہ رکیتھ چھُم - امہ پیتہ
چھہ یہ خاتوُن دایہ ناد دِتھ انان تہ تمِس کینہ شاہ ونان -
بُنہ کنہ وستہ ہتے میاٗنی دایے - سوداگار ہے چھوُی
پاری لگے سوداگار ہے چھوُی

آخر چھہ دایے سوداگارس نِشہ وسان تہ سوداگارس
چھہ ونان - ولہ جوُرہ محنتہ ہار - آغہ بایے میاٗنی چھےُ ونان بہ وچھہ

ہینہِ ونہٕ قیمت کیاہ چھُس۔ یہِ خوجہ حیابند چھُس وَنان۔ ہتہ بی
ژٕ کیاہ زانکھ۔ محنتہ ہار کیاہ گو۔ یہ زانہٕ چاگیٚ آغہٕ باے۔ یہ دلے
چھیہ ژھری آغہٕ بابہٕ نِش واتان تہٕ چھس وَنان۔" آغہٕ بأی یہ
ہَری بڈٕ کنہ ترکرُ۔ دَپان ہَری سعہ وُسن پانے محنتہ ہار وُچھنہٕ
تمہٕ پتہ چھہ یہِ خاتون پانے وُسان سوداگارس نِشہِ محنتہ ہار
وُچھنہٕ۔ یێلہِ یہٕ خوجہٕ حیابندس برونہہ کنُ محنتہ ہار چھکاونہٕ وأژ
اُمی وُچھ اُمِس رونہٕ دامانہ تہٕ سعہٕ شندمس۔ خاطر، اَمہِ
ہیٚوت اُمِس محنتہ ہار مُلی۔ اَمہِ یێلہِ تھوٚد ہیٚوت دوٚہتھُن یہ سوداگار
چھُس وَنان۔" ہتہ بی ژٕیتہٕ ہیٚوتھُ محنتہ ہار مُلی۔ اگر زانہہ کأنْسی
اَلتھ رَز ژھینی۔ ہیٚہ بغأر ہیٚکی نہٕ الۍتھ کانْہہ رَز کرِتھ۔" یہ کتھ
بوٗزِتھ چھیہ خاتوٗن واپس کھسان۔ سوداگار تہٕ چھُہ نیران ہگر
نیرنہٕ برونہہ خاتونہٕ ہندِس دروازس مُہر تراوان۔ یہ چھَنہٕ اَمِس
خاتوُنہٕ پتاہ آسان۔ بہرحال مال کُنِتھ یێلہِ گھرہ ینُن واپس
واتان چھُہ۔ یہِ چھُہ گھرہ واتو نُوی دارہ بَر تھوٚپرِتھ روزان۔ نہ
چھُک کھیٚوان کینہہ تہ نہ چھُہ چیٚوان کیٚنہہ۔ یہے شیٚچھ وأژ
خوجہ نوٗرس۔ خوجہ نوٗر چھُہ نوکرن چاکرَن وَنان تہٕ یہی پرٛژھتو اَمِس
ژٕ اَسے سودا کُنِتھ درا یوکھ ژیہ کیاہ سپدُوی۔ آخر یێلہِ اَمِس

پرژھان چھہ - یہ چھک جواب دِوان - میأنِس بابس وَنو سہ میٚہ کرہ نیتھر - مگر تتھیٚن یتھیٚن بو وَنس - خوٗجہ نوٗرَن یٮ۪لہٕ یہ شیٚچھ بوٗز سہ گو خوش - خوجہ نوٗرن کوٚر موٗیوم زہ کینہہ جایہ چھُس دِل یَژھان - حیابند چھُس جواب سوزان زِ میٚہ چھُہ فلأنی جایہ درِوازس مُہر کرُمژ - راچ راتھاہ گیِہ تہٕ خوٗجہ نوٗر دژاو خوجہ حیابندس کینہہ گنڈنہ - یٮ۪لہٕ سُہ اَتھ مکانس رِنٛشہ دوت یُتھیٚن اُمی درِوازس مُہر ترأومژ اٗس - یہ ژاو سیٚدُوی مکانس منز - اَتہٕ گیِہ سأری حأران - یِم چھِس پرژھان "ہے بابا - ژٕ کتہٕ آکھ کوٚت چھُوی گژھُن"۔ خوجہ نوٗر چھُک وَنان بہ چھُس فلأنی جایہ ہُند - ناو چھُم پیٚتھہ یا پٹھی - یِموٗ یٮ۪لہٕ اَوہند ناو بوٗز - یِموٗ کرُہس سیٚٹھاہ مہمان نوازی - رانچ راتھا کمرٕ کُھ مُبِحس چھُہ یہ صاحب خانس وَنان - بَبا بہ چھُس ژٕ یہ کورہ مانگیہ آمُت - میٚہ ہا سہ چھُہ کُنہ اُچھر گاش - لڑکہ چھُم ناو چھُس خوجہ حیابند - کورہ مأل یٮ۪لہٕ یہ بوٗز سہ گو سیٚٹھاہ شاد - اُتھی شادِہ منز چھُس وَنان تہٕ کینژھاہ -

باغس سأنِس لٟچیو پھُلیا - رنٛگہ رنٛگہ آوو بہار

بوزٕو لگیوو رنٛگہ رنٛگہ آوو بہار

مختصر چھس ساعت نامہ تہٕ سیٹھ ڈوان۔ خوجہ نور پٮ۪ٹھ
ساعت نامہ ہیٚنتھ گھرٕ پنُن وٲپس دوت۔ تو پتہٕ چھُہ اَتھ شادہٕ
منز کیٚنہہ دُنان۔

اَی دند گُلہسی پیوندہ کرٕ سے

رنگہ رنگہ پھلس سبزار۔ بوزو لگیو رنگہ رنگہ پھلس گُلزار

اَمہ پتہٕ چھہ خاندرچ نیاٗری سپدان۔ اُشناون رُشناون
چھہٕ خبر کرنہٕ ییوان۔ مختصر ووت بٔنہٕ وارلیکُ دوہ۔ ساٗری سامانہٕ
کرِکھ تیار۔ مہرازہٕ پُورُکھ۔ اتیٚن چھُہ خوجہ نور بیٚیہ کیٚنہہ دُنان

باغس ساٗنس لجیو پھُلیاہ۔ رنگہ رنگہ آدو بہار
بوزو لگیو رنگہ رنگہ آدو بہار

ییم دوہ دوہ بھاٗی زٕ اُمس خوجہ حیابندس اُسی۔ ییم
چھہ شوسرہٕ گوسرہٕ کران۔ ییم چھہ دُنان۔ اُزی کہٕ بیٚٹھ کرِہ دوہی
خوجہ حیابند پننہٕ گھرواجنہٕ سیتی کتھ باتھ۔ اَسہ سیتی کرِہ نہٕ
ریف الیفی۔ ییمن بڈیوو رشک۔ ییم چھہ مہرازہٕ نیرنہٕ برونہہ نارہٕ
ملی ہیٚوان۔ اُکس چھہ بران قند تہٕ نابد تہٕ دویمِہ چھہ (بران) داروٗ تیہ
بے ہوش۔ تمہ پتہٕ چھہ ییم تہٕ بنہ داٗلس سیتی نیران۔ موج چھس
پتہٕ پتہٕ وننہ وان نیران۔ ہوورُنکھ پٮ۪ٹھ خوجہ حیابند

ووت اُمس لیجُن ترِیش۔ اُمی کوٚر دوٚدہ بھاین صدا یموٚ دِژ
اُمس ترِیشہِ بدل دارہ ئیہ بے ہوش۔ نتیجہ دِژاد زِ مہرازہ گو بیہوش
یئنہِ ووٚل بیٔلہِ بالکُل کورِہ ماٚلی سِندِس مکانس نِشہ ووت۔ اورہ دژا پیہ
کورِہ موٚرج مہرازس مُہر نلنہ۔ کورِہ ماجہ بیٔلہِ مہرازس پیٚٹھ نظر پییہ تہ
چھہ اُکھہ مٗوران۔ دُیان چھہ ووٚنی کیاہ کرِہ ظاہراہ چھُم مہرازہ لۂ ٹِلہ
اَمہِ پتہ چھہ کینژھا وَنان ؎

حاکت ہو چانِس دیدِہ تے باپس۔ لۂ ٹِ کوٚہ کوٚرنے علاج
بورزوٚ لگیو لۂ ٹِ کوٚہ کوٚرنے علاج
خوچہ بوٚرس بیٔلہِ کنن گوَ۔ سُہ چھُس جواب وَنان ؎
اورہ ہدی انیوم دارہ تے کارے
کوس کیاہ گوس بیٔمہ شہارے لولوتے ہاے

یہ دلیل چھہ مہرنیٚ بوزان۔ تَس چھیہٚ ویسہ تہٚ صدرہ وَنان یہ
چھُنہ سُہ مہرازہ یہ چھہُ لۂ ٹِلہ۔ مگر مہرنیٚ اُسی گاٹُھج تمس توٚر فکرہ کمہُ
تام چھہ مہرازس دار کوٚرمُت سیٹھاہ غمگین گیہ، کُھٹہِ منٛز ــــ
چھہ ویداکھ دِوان ؎

ژندنکس باغس ممر دِتھر اوس
ژندنک کنگا یئہ نیہ کینہ زالس تمہ سیتی بنیس علاج

بوزو لگیو تمہ سیتھ ہو بنیس عـلاج

کورہ مول چھہ کورہ ہُند یہ وَنُن بوزان۔ تمہٕ نیاو نوو جہرازہ یکدم ژندنہٕ کِس باغس منز۔ یتھوی جہرازہ باغس منز ووت تِکنہ نالنووکھ ژندُن۔ اُتھ کنگس بروٹھہ کنہ تھووک جہرازہ۔ جہرازہ آو یہان بہائی ہوشس منز۔ دوشوٕ بھائی اُمی سندی چھہ دُ چھان تِمن تور فِکرہ تہنز چال ناگیہ نہ کامیاب۔ تِمن لیٔج فِکر۔ خاڑسلاہ کالاہ ییلہ کھٔیوکھ۔ اَمہ پتہ چھہ مہرنیز ہیٔت واپس گھرہ کُن یوان دُور یَہن ییلہ یم واتی۔ تو پتہ چھہ یم دوشوے جہرازس نِش یوان نہٕ وُنان پِھس چھٕک ناسہ بوزان۔ یِمو تھاو نہ نانیاپنس حنز مہرنیز بلکہ تھاوہے اتھ منز دیون۔ خوجہ حیا بند چھہ یہ بوز تھ ویسران مختصر واتی اکِس میدانس منز۔ اتھ لجھہ رات۔ اتھ میدانس نزدیک اوس کوہ۔ اتھ کوہس پیٹھ اوس لعل تابان۔ یِمن دوشوٕ بھاین دوشوٕن تور فِکرہ زِ یہ چھہ لعل۔ مگر خوجہ حیا بندس آسے دوران دوران تِہ پِھس وُنان وُچھنہ دوشوی کیاہ تِری ژٕیہ فِکرہ یہ چھہک دِیان کیاہ ہیو۔ یِم پِھس وُنان زِ دوٚ نظر ہیٚت کوہس پیٹھ چھہ دِہ وُنان۔ یہ گژھی دوشوی تہٕ ای اُمِس کھیت۔

وَنُن وول وُنان مہرنیز اُس لعل شناخت اُمِس ییلہ کوہس

پێیٹھ نظر پێیہ۔ اُمس توٚر یکدم فکرِ زِ یہِ چھُ لعل تابان۔ یہ دزا ہٕ
لوٚت لوٚت یتہٕ وأتہٕ اَتھ کوٚہس پیٹھ۔ جہرازٕ ہتہٕ دہ دہ بھأی ہٕ
اُمس نظرِ ۔ جہریٚنہٕ تیٚج یہ لعلہ ہٕن تہٕ وأتہٕ بیٚیہ زأنیانس منٛز۔ خوٚدجہ چیا
بند چھُ زیادٕ ے زیادٕ ے ویٚسران ۔ اُمس گیٚیہ جہریٚنہٕ ہنز منہ
سوچان چھُ اگہ تراوٕن یتی تہتہ ہٕ جان۔ بہتر چھُ گھرٕ وأتتھ کانہہ
چارٕ کرُن۔ راتھ گزأرتھ صُبحس گیٚت دزاے پننِ شہر کُن۔ دوٚنہٕ
بھأی زِ دزاے سارٕ نی برہ نہہ یم یٚلہ گھرٕ وأتی یم چھِ گوٚبرہ
ماجہ وٕنان موجی تمہ نے کھاوٕ نہ زأنیانس منٛز۔ جہریٚنہٕ سہ چھک وچھہ
دوٚگاہ دِتھ وٕنان ۔ ادہ کیا کھاوکھ ۔ یم چھِس، وٕنان تمہ کھاو دیٚوی۔

گوٚبرہٕ موج چھِ یان ماران ۔ تامت ووت جہرازٕ تہٕ۔

اَمہ پتہٕ چھِ خوٚدجہ چیابندٕی موج دہ دہ بھایَن جہرازٕ ہندین
سیتی مشورہ کران۔ زٕ یہ تُلہ جہریٚنہٕ مُہر اماپوز یہ گژھم نہٕ کھیٚنہٕ
یم چھس وٕنان موجی ژہ مے برغم اُس کھاوی ژہٕ زگندٕ کٕھ ۔ یامت ژیٚہ
یہ کھیٚنہٕ ییی ۔ ژہ کرزہ کریٚکھ اُسی کرو درہ ژہ بچاووتھ ۔ خأر امہ پتہٕ
چھِ گوٚبرہٕ موج جہریٚنہٕ مُہر تُلنہ کھسان ۔ گوٚبرہٕ موج یٚلہ جہریٚنہٕ ہندِس
کُنٹھس منٛز وأتہٕ جہریٚز وُژھ ہشہ سلام کرنہٕ باپت کھوٚد ۔ اُمس
اوس رہ نہ دامانہ اَتھ گوس شُروٚی ۔ گوٚبرہٕ ماجہ اوس برٕونہی وچھہ اُمس

ژٕنج چکھ نیرِتھ ۔ یہ چھہ کرنیکہ دِوان کُنہ کانہہ چھُوہ نہ کھیٚنہِ پنُن ہا
دوہہ دوہ بھایہ گرٕ کام یمو کوٗر رزہ درو تہ واٗچکھ ہیرن ڈٕلہ ڈٕلہ ۔ یہ
کتھ واٗتژ شہرو کِس شہرس ۔ ژوہ یاری گیہ ترٕے ۔ یِزٕ خوجہ نوٗرِ نوش
ہا چھِہ دیوٗنی ۔ اپاری کن چھُنہ کانہہ اکھاہ بہران پکنس ۔ یہ چھہ اکس
کمرس منز بند ۔ دوہ ہا دوہ ہا چھُہ تیتھے پاٹھی گژھان ۔ خوجہ چہ حیابند
دژاو مال ہنیت بیٚیس شہرس ۔ مالکُ فہرست چھُہ اَمس تیتھی کوٹھہ
چندس منز مُشتھہ گژھان ۔ یُس اَمی جہرٕ تیٚنہ ہندس کوٹھس منز اوس
تھووُمت ۔ خبرا چھُس نہ کینہہ ۔ یہ یِکہ گُزرس نِشہ ووت ۔ اَتہ چھہ
یہ فہرست ژھانڈان ۔ اَتہ چھُس نہ کینہہ ۔ آخر چھُس یاد پیوان یہ
چھُہ پوٚت کھوٗرِ اوان گھرو ۔ گنٹھس نکھہ ووت آیٚن چھُہ برس
صدا کران ۔ دوہ دوہ موج چھُس وَنان کُس چھُوہ ۔ یہ چھُس در
جواب وَنان خوجہ حیابند ۔ دوہ دوہ موج چھُس وَنان اگر ژٕہ خوجہ
حیابند چھُک اَسہ کیاہ اعتبار چھُہ ۔ اَوہ باپت ہاو ژٕہ اَسہ پنُن کانہہ
نشانہ ۔ خوجہ چھُہ یمن سوہی واٗجہ ہاوان یوہ سہ تمس ییٚنہ والکہ
دوہ ہمشہ گلہ میٚوٹھ کرمژ اَسی ۔ یمہ پرزہ ناؤ بیکدم یہ واٗجہ بیٚین
میوٹھ ژٕ یہ چھُہ خوجہ حیابند ۔ اَمہ پتہ چھہ مہرٕ بیٚز دوہ دوہ ماجہ کُن وَنان

مُوژرِ دہ دہ موج جامَن تنزٔ ئے
بتیہ باز بند تے رفہ نہ ئے

خہ جہ حیابند چھُ داریاہس کالس اتھ روزان۔ مال وغیرہ چھنہٕ اُمِس یادِ روزان۔ خہ جہ حیابندَن گوٚر سرٕ زہ آشینز کینہہ دیوٗنی چھینہٕ۔ ہُیاٗری چھہ خہ جہ سندِ دہ دہ بھاٗی اوٚہند مال نِوان۔ نہ اُمِس ورائی کرتادان۔ کینہہ کالا گژھت چھُہ خہ جس مال ژٕرتس پتیان۔ خہ جہ نوٗرس چھُہ خبر نیچھُ چھُم مال کُننہ گومُت خہ جہ حیابندس چھُہ پتاہ لگان زِ سُہ مال نیوٚ دہ دہ بھایوٚ۔ یہ بوٗزِتھ چھُہ پتہٕ نیران داتان دوت یمن ژھاران شہرس اکس منز۔ اَتہ چھُہ یمَن پتہٕ لبان۔ یم اُسی امہ وزہ یہ مال کینان۔ یہ چھُہ یمَن وَنان ہیوٚ یارہ تہٕ ہی کوٚہ ہندو مال چھوہ کُنان۔ موٚہ خصر چھُہ یمَن تنازعہ گژھان۔ تنازعہ بڑیوہ یوٚت زِ امہٕ شہرٕکس پادشاہس نِشہ دوت معاملہ۔

پادشاہس برونہٕ ہکنہ چھہ اکِہ طرفہ دہ دہ بھاٗی وَنان یہ مال چھُہ سون تہٕ بتیہ طرفہ چھُہ خہ جہ حیابند وَنان مال چھُہ میون۔ پادشاہ چھُہ دٕریافت کرنہٕ ورائی خہ جہ حیابندس گرفتار کرناوان۔ اُکھی دورانس منز چھُہ موٗتاہ اکھ اپاٗری کِنی پکان۔ یوٚہے چھُہ کرنیکھاہ کرنیکھا

ودان - بیٚمی سُندٕی مال شُری ہو جیل۔ نُوکھ کران عیش آرام - بادشاہس
ئیلہِ کتھ کنن گیہٕ - سُہ چھُہ ووہٕ نی پُورہٕ پاٹھی تحقیقات کران تحقیقاتہ
تلہِ ئیلہِ پادشاہس بوزنہ آو زِ مال ہا چھُہ دراصل خوٗجہ حیا بندُن
سُہ کوٗرُن رہا تہٕ دوہہ ہٕ بھائی زٕ کرِن گرفتار - خوٗجن تِل ہیٚنُن
مال تہٕ دراو - دوہ نی اُس اُمی پُورہٕ پاٹھی یِمَن دوٗن ہنٛز زیٖنت
سرہٕ کرمژ - ہُیاری چھِہ خوٗجہ نوٗرن زٕ باژٕ مشورہٕ کران یہ دیٚوٕ نی
کتھہ پاٹھی گژھہ اہندہٕ گھرہ منزہ دفع - مختصر چھُس ہش دوہہ
اکہ گژھان تہٕ آنگنہ منزہ نوشہٕ کرِکھاہ دِتھ وَنان ؎

مالہِ نک یُژھ ہے چھی پیٚنجہ پرارانی

پیٚنجہٕ پرارانی لولو تے ہا رے

نوشِ چھُس درجواب وَنان ؎

میانے وسہ نیٚ بُرما تہٕ سنے

نُوکھ ما اسہ نیٚ۔ نُوکھ ما اسہ سنے لولو تے ہا رے

اَمہ بیتہٕ چھُہ یہ دوہدہٕ ماجہ کُن وَنان دوہدہٕ موج اَوتا مَتھ
اگر سیٚدٕی ووٚنُن خیر چھا بیتہٕ ماکرٕان بےعزتی کرِتھ - بیٚہتر چھُہ
بیتہٕ بیرُن اَمہ بیتہٕ چھُہ بیٚیہ تہٕ دوہدہٕ ماجہ کیٚنہہ وَنان ؎

گنڈٕی دوہدہٕ موج جامَن تُژیے

بێیہِ بازبند تہٕ رۄنئے

بوزی لگئے بازبند تہٕ رۄنئے

خیراُمہِ پیٹھٕ چھہ دۄدہٕ ماجہِ وَنان دۄدھ بگرمیائے نس

مائِلس ماجہِ وَنی زِہ یہٕ رِمیانہٕ مصیبتک۔ تِہنٛز کرٕزہٕ نہ میون حال کنن

خبر دۄدہٕ موج چھہ نیران۔ تہٕ یزٕ چھہ وَسان۔ آنگنس مشزیٹلہِ

وائژ یہٕ ہش چھس وُچھان ٹھَلہِ ٹھَلہِ۔ اُمس چھہ دٕ چھان وارٕ

کارٕ انسان ذات یہٕ گیٛہ حیران۔ سوچان چھہ یاالٰہی یہٕ دٔبٕ زی کیٛنہہ

چھُنہٕ یہٕ کیا دُپٕزہٕ اُخر چھہ نوشہٕ کنٕ وَنان ؎

پوٗترٕ آنگنس یڈی تراو سۄتئے

ہِشہٕ نوشہٕ کرو ملاقاتئے لولوتئے ہائے

اورٕ چھس نوش وَنان ؎

رِکچ دی ہش تے رِکچ دی نوشیئے

بہٕ ہادی چھس وُلہ گا شنئے لولوتائے ہائے

ہش چھس نہ ہرگز تراوان۔ یہٕ چھہ نوشہٕ نالہِ مَتہٕ رٹان۔ خوچہٕ

نوٗرس تہٕ چھہ شیٛچھی گنٛزھان، شُستہٕ آو۔ تمام شہرس چھہ پیتاہ

لگان زِ خوبہٕ نوٗرٕ نی نوشس ناامس تہٕ دیوٗن۔ تمامن چھہ فکرٕ تران

یہٕ اوسس سورٕ گئی غلطی۔

خوجہِ نوٗر چھُہ شادِیانہ کران۔ اُتھی منٛز چھُہ خوجہِ حیابند
تہٕ وامٕتتھ ہیٚوان۔ ساٲرِی چھہ خوش باٲتھی زندگی بسر کرٕنۍ ہیٚوان۔



# رزی گنڈ تہٕ گزی مار

دپان یہ اوس شخصا ، یوہے اوس سیٹھاہ بڈٕ تہٕ سیٹھاہ غریب ۔ اُمِس اُس آشینٛز تہٕ بتیہِ کورہ ہَن اَکھ ۔ یہ کوٗر اُسِس بالینغ ، مگر اُمِس نکھہِ والنہٕ خاطرٕ اوسُس نہ پونسا ڈنکاہ کاتھہٕ ۔

یہ بڈٕ تہٕ بڈٕ چھہ راتس دوہس سَرٛ آسان کران زہ کوٗر رِکھہٕ کُنہِ والون نکھہِ ۔ یتھہ زن اُسی باتھ زہٕ آزاد گژھو تہٕ ٹھہرِ وہرِتھ کرِو آرام ۔ مگر واتان چھنہٕ کُنہِ اندس ۔

بڈٕ اوس صُبح شام مَشیدِ منز گژھان تہٕ اتہٕ خدایس زارٕ پارٕ کران تہٕ ودان رِوان ۔ اکھ دوہ چھہ سَیدان ۔ بڈٕ چھہ نماز پرِتھ موکلان تہٕ وشہِ تہٕ چھہ آسان خدایس منگان ۔ اتھی اندر گیٔس آواز ۔ " اسے بڈٕ شخصہٕ ۔ ژٕ گژھ گھرٕ ینٛن تہٕ کر آرام ۔ صُبحس وۄتھ پانہِ اُتھس تہٕ نیر گھرٕ ۔ کوٗر تھِیوٗن سِینہِ بتیہ یہ کینژھاہ گھرِ ہیٚل آسی ژٕ تہٕ تِی ۔ وتہٕ یکان ییٚس ژٕ یہ گوڈ ینیوز

تہٕ سمکھی تسُند کرُن کوٗر حوالہ۔ سُوی چھُوی ژیٚنہٕ زامتُر۔

یہ آواز بوٗزِت دوٚپھ بُڈہٕ مشیدہٕ منزٕ تہٕ آدٕ گھرہٕ۔ اَتہٕ بودُن زنانہٕ زٕ چھیکھے بوزان، مشیدہٕ منز ہیٚے گیٚم ییٚتھ کٔنہ آواز بُچھ بوٗز۔ ژایاہ درٕژن کیتھ۔ کینہہ چھُس نہٕ وانہہٕ پھیران۔ سُونچُن ہتا یانہ خبر کُس سمکھیٚس تہٕ کس کرہٕ کوٗر حوالہٕ۔ مگر دوٚیمہٕ اندہٕ ہیوٚس ظلوت زٕ ہیتہٕ نیٚ کرد تیٚلہٕ روزہٕ کوٗر اَتی دُمبرہٕ تہٕ وأنسہ بُتھہٕ بُتھہٕ دِیچھان۔ آخر وُژھ دُبڈِس۔ " ادہٕ تیٚلہٕ کراہ. بلکہ خدایس رُتوی ادس کرُن "۔

صُبحس یِلہٕ کوہ کرَن گوڈٕنیچ بانگ دِژ بُڈہٕ تہٕ بڈٕ گیہٕ تھوٚد وُتھت۔ بُچھ دِژمٹُن تہٕ بانہٕ ژھانڈاہ وأنڈاہ اَتہٕ آس نہٕ اَکھہٕ کینہہ۔ یہ وُژھ بُڈِس کُن۔ ہتا یُتہٕ نا چھم نہٕ کینہہ تہٕ بہٕ کیاہ دِمہٕ کورہٕ داج "۔

بُڈہٕ دوٚپھس۔ " وارہٕ دِہ ژھانڈ۔ مشیدہٕ منز ییٚمہٕ سہٕ آواز میٚنہٕ کنَن گیہٕ۔ تمہٕ دوٚن زٕ یہ کینز ژھاہ گھرہٕ پھل آسی تہٕ دِہ کورہٕ ہیتھ "۔

آخر وُژھس بڈٕ۔ " دوٚن چھُے ہتھ کرنڈس منز وشکہٕ سیر کھنڈ تیٚلہٕ دِہوس ییٚہٕ ہے "۔

بُڈٕ وۄتھس ۔ " وۄچھتہٕ کیاہ گوٚ جان "۔

بچہ گوٚنڈ پہ وۄشکہٕ پھوٚل اَکس دَجہ ہنہٕ تہٕ کوٚرنس حوالہٕ ۔
بُڈٕن تجٕ یہ وۄشکہٕ دَجہ ہَن اَکہٕ اَتھہٕ تہٕ بییہ اَتھہٕ کرٕن کورہٕ تھپ
تہٕ دڑاو ۔ یہ چھُہ پڈٕراہ بڈٕراہ دِوان مگر بُتھہٕ چھُس نہ کانہہ ہیوان ۔
آخر ووت گامہ دوٗر پہاہن تہٕ خداین سِنز قُدرتہٕ بُتھہ چھُس
ہیوان ہاپُت ۔ بُڈٕ تہٕ بڈٕ سِنز کوٗر چھیہٕ اُمس ہاپتس کھوڑان
مگر ہاپُت چھُہ ادرے ییوان تہٕ اُمس بدٕس پرن ہیوان ۔ بُڈٕ
چھُہ ژینان زہ یمس ہاپتس چھیہٕ کیاہ تام رٕژی ہش خصلت، یہ
چھُہ تُلان کران کور اُمسی حوالہٕ ۔ سیتہ چھُس دِوان یہ وۄشکہ
دَرج ۔

کوٗر تھاوتن ہاپتس سیتی، بُڈٕ چھُہ پھیران واپس گھرٕ
وائتت چھیس بڈٕ پرژھان زہ کسو وزٕ ژھٕن کوٗر تہٕ کُسہ بنیوو اَرسہ
زامترٕ ۔ بُڈٕ چھُس یوٗرہٕ باٗنہ وَنان زہ کیتھہٕ کنہٕ آو ہاپت تہٕ
کیتھہٕ کنہٕ کرٕ تس شوٗھٕن کوٗر حوالہ ۔ یہ بوٗزتھہٕ چھیہٕ بڈٕ سیٹھاہ
دِوان تہٕ رِوان ۔ وۄچھتو ساہنہٕ کنہٕ کورہٕ کیاہ اوس آخر نصیبس
منٛزٕ ۔ چھُہ گژھان کینہہ وقتاہ ، ادٕ یادَری یا زہٕ دری
اَکہ دوہہ چھیہٕ بڈٕ بدٕس وَنان ۔ " ہتا کنہٕ پاٹھی کری زٕ ہا سرٕ کھرٕ

زِ تِس کوٗرِ سانہٕ کیاہ گدرییوو۔ سۄ کھیٚیا ہاپتن کِنہٕ کیاہ گوس۔ بُڈِ چھُس دِیان۔ "اَہنی تہٕ بوٚ کتہٕ لبَن، سۄ آسہِ تمیُٚ ہاپتن کھیمٕژ خبر کٔر۔"

بُڈِ چھیٚس دیان۔ "ہتا میٚیہ کیا با چھُہ من گوٚ اَہی دِوان زِ سۄ چھیٚیہ زندے۔ ژٕ گرٕھتہٕ وِ چھیٚتن۔"

بُڈٕ چھُس دِیان۔ "ژٕ گرٕھ تتھی جایہ یتیٚت سُہ ہاپُت سمکھیوٕ ے۔ خبر قوت وٲتِت مالگی پتاہ۔"

بُڈِ چھُہ اَتھرس پیٚٹھ بٔجہ ہُند ماتان تہٕ چھُہ دوہہٕ اَکہ نیران۔ یکان یکان چھُہ واتان تتھ جایہ یتیٚت تمِس ہاپُت چھُہ آسان سمکھمُت۔ تتہ دایہ سبز کرہ می یژھی یتھ دَجہ منز ییمہٕ وشکہ چھیٚیہ آسان گنڈمٕژ۔ تتھ دَجہ چھُہ آسان زوٚد۔ تہٕ اَمہ زدہ رِنز چھُہ آسان وشکہٕ پھیٚل پھوٚل پیومُت، سُوی چھُہ آسان پھوٚٹمُت تہٕ تتھی چھُہ آسان گُر کُھتی رِہتی۔ بُڈٕ یُلہِ یہٕ وُچھان چھُہ سُہ چھُہ ییمہٕ وشکہ کلیو کلیو یکان۔ یکان یکان چھُہ سُہ واتان اَکس جایہِ اتیٚت چھُہ آسان زمینس زوٚد۔ بُڈٕ چھُہ اَمی زدہ رِنز وَسان تہٕ واتان تَل پاتال۔ اَتہٕ چھیٚس اَکس جایہ راتھتہ لگان۔ یہٕ چھُہ اَکس صداہ کران تہٕ ییمَن دیان میٚیہ دِی توٚ

راہِ خوٗداہ راتس جاے۔ یِم چھِس آنکار کران تہٕ اَکھ چھُہ روزان بُڈٕ اَکھی۔

شام چھُہ گژھان۔ بُڈٕ چھُہ ڈیرٕ والیَن ہندٕ ہٕہت۔ اَکھ منز چھُس اَمہ گھرک مالِک پرٕژھان۔" ژٕ ونتہٕ سا بُڈاہ: ژٕ کتہٕ آکھ تہٕ کوٗتہ چھُیی گژھُن؟"

بُڈٕ چھُس پننُن سورُے حال وَنان۔ دپان چھُس زِ بوٗچھُس ہیٚرِمِس عالمَس منز روزان۔ غریب چھُس سیٚٹھاہ۔ اَکھی منز اَکھ کوٗراہ بالینغ تہٕ شوبحہٕ اوس پریشان آسان زِ تس کتہٕ کرٕ نیتھر تہٕ کس سیٚنتھ کرس۔ دوہہ اَکہ چھیٚم مشیدٕ منزٕ آواز گژھان زِ ژٕ پیشراوُن سا یہ کوٗر تسُند یَس ژٕ تہ صُبحاے دِتھت گوڈٕ بُتھہ پییی۔ شوبحٕ چھُہ کورہَنہ اَتھس تھپ کران۔ وَرشکہِ دُجاہ کھوورِس اَتھس کیٚنتھ تلان تہٕ نیران۔ بُتھہ چھُم ہاپتاہ پیوان تہٕ یہ کورہَن چھُس اُمی ہاپتس حوالہٕ کران۔ از دراوس دوہ وُنی دِنہٕ زِ سعہ کوٗر مالیَن کُنہ۔

مکانک مالِک چھُہ یہ بوزتھ اَسناہ کران تہٕ دپان چھُس۔" چھکھ نا بوزان، سُہ اوسُے سانِی مُلکُک شہزادہ ہاپت لاگتھ تور کھوٗتمُت۔ دوہ وُنی یُلہ پادشاہ مُود۔ سُہ شہزادہ بنیوو

پادشاہ - چاأنی کوٗر چھےٚ دوٚنی پادشاہ بابے۔"

ٲدِس چھُنہٕ بہُہان کینہہ۔ ییٚہیس کیاہ۔ کُجا ہاوِت تہٕ کُجا بادشاہ۔ مگر ڈیرہ واأل سینٛدِ وٕنِنہٕ چھُہ رانفاہ گذاریتھ صبحس دوٚہتھان تہٕ سیدٕی دوران محلہ خان۔ خوداوہ سرنٛز قدرت آیہٕ چھینیہٕ اَمِس ہیوان کوٗر بُتھہٕ۔ ٲدِس چھُنہٕ یہ پیرزہ نادُن کینہہ یوان۔ مگر کوٗر چھینس پرزہ نادان تہٕ چھیٚس نالہٕ مَتہٕ رٹان۔

دوٚدُناہ ردُناہ کریتھ چھیٚیہٕ پادشاہ بابے ژوٚہنزن دَنان زہ میأنس مأرِس بدلاوِ پلو تہٕ سران دھیان کرِوِس۔ ٲدِس چھُہ سران دھیان کران تہٕ سران دھیان کریتھ کینخاب تہٕ اطلاس نأل لاگان۔ اَمہ پتہٕ چھُہ ٲدِس رفان زامترِس نِشہٕ، یُس زَن تال پاتالُک پادشاہ چھُہ آسان۔ پادشاہ چھُہ ہینِس ہیتھہ بابس ورِچھتھ سیٹھاہ خوش گژھان تہٕ اَمِس بڈہٕ پڈھی لأزِمی کران۔

تریہ دوہہ تہٕ تریہ (۳) راتھ (۲) چھیٚیہٕ رٹتھے کنہٕ آداہ گژھان تہٕ آخر چھُہ بُڈہٕ کوٗرہ دُیان زہ بوٗ گژھہ گرہ خبر چھا بچہ کیاہ آسہ میٚنہ پتہٕ بنیومُت۔ کوٗر چھینس دُیان اَدہٕ کیاہ گژھہ۔ مگر گوڈہٕ ہینیتھ پادشاہس روخصت تہٕ دِنہٕ درزہ اگر پادشاہ دِنی

زِہ کانٛہہ چیز ماچھُے ضرورت۔ ژٕیِ زٕیس پادشہہ میٚۆ گرٛٹہ سۆ
ژھاوٕرچ یوسہٕ سۆن ہٕنٛز سٕندی مینٛگن ترادان چھیٚہٕ۔ بُڈٕن دوٚپُس
اڈٕر کیاہ۔ تہٕ آخر بیٚلہِ پادشاہس رۆخصت گو، تمۍ پرٛژھس
"اے بابہ ژٕہ وَن ژٕیہ ماچھُے کینٛہہ ضرورت۔" بُڈٕ دوٚپھُس
"پادشاہہ میٚۆ گرٛٹہ سۆ ژھاوٕرج یوسہٕ سۆن سٕندی مینٛگن
ترادان چھیٚیہ۔ پادشاہن کوٚر یکدم حُکم زِ بُڈٕس دِیُن سۆے
ژھاوٕرج۔

بُڈٕ بیٚلہِ اَتہٕ دٕراو یہٕ دوت سیٚدُوی ڈیرہٕ والیٚن ہیٚند
سلاماہ بند کٕتھاہ کرٕتھ ووٚنُن یمَن سوٕرُوی حال تہٕ پٕتٕس دوٚپنکھ
"بو نیرہ نمازہ پٕتھ یمس ژھاوٕجہ وَنہِ ژھاوٕجی سۆن ہٕنٛز سٕندی
مینٛگن ترادِ۔"

تمو دوٚپُس نہٕ کینٛہہ وَنُس زٕ۔ مگر یتھٕوی یورکُن بُڈٕ مشیدہ
دٕراو۔ تمٕتھُی وُتھی تم کانٛس منٛز تہٕ چھہِ ژھاوٕجہ وَنان ——
ژھاوٕجی سۆن ہٕنٛز سٕندی مینٛگن تراو۔ تم چھہِ وَنان تہٕ ژھاوٕرج چھیٚیہ
ترادان۔ آخر سوٚرُی ڈیرہٕ والیٚہ زٕ ہتا اُسی کونہ نقادون یہ ژھاوٕرج
ژٕوٕرہ تہٕ اُمس بدلہٕ پُشرادون اَمی اہارہ بدل ژھاوٕجاہ بُڈٕس
ییمو کوٚر اِی۔

راتھاہ دِتھ یُلہٕ بُڈہ پگاہ گھرٕ کُن وژاو، ڈیرٕ والیو دِژ اُمس ادلہٕ بدل ژھاوٕج۔ گھرٕ واتِت چھُ یہ بُچھ وُنان کورٕ ہُند سورُے حالاہ، وَیان چھُس سوہے چھیٚیہ تال پاتارِچ پادشاہ باے تہٕ اکھتوی دِژنم ژھاوٕج یوسہٕ سونہٕ سندی مینگن تراوان چھیٚیہ بڈٕ گیہ خوش۔ تہٕ یم وُتھی دوہشوے باژ گانس منز۔ اَتہٕ چھ ژھاوج وُنان۔ "ژھاوجی سونہٕ سندی مینگن تراو، ژھاوجی سونہ سندی مینگن تراو۔" مگر ژھاوٕج چھیٚنہ تراوان کینہہ۔

بُڈہ گو حاران زِ اما یہ کیاہ دلیل۔ بڈٕ گیہ بچارٕ کرِتھام ہمش۔ سو وُژھ بُڈس۔ "ہتا ژہ ما اوسکھ کانٛسہ ڈاعہٕ نِش ٹوگمت نتہٕ سأنی کور کتہٕ بنہٕ بادشاہ باے۔ بُڈہ چھُس قسم تہٕ قرآن کران مگر بڈٕ چھیٚس نہ مانان کینہہ۔ آخر ژھنکی یہ ژھاوٕج کینتہ تہٕ چیلوٕ وُکھ کینژن دوہن اُتھی بیٚیٹھ گذارہ۔

منزٕ گو واریاہ کالاہ۔ اکہٕ دوہہ چھیٚیہ بڈٕ بُڈس وَنان۔ "مانکھ نا میون۔ بیٚیہ دِکھ تَس کورِ نِش نظراہ۔ بُڈہ چھُس وَیان۔ ادہٕ کیاہ گژھ۔ آخر چھُ سہی کران تہٕ دوہہ اکہٕ نیران۔ واتان واتان چھُ یہ ڈیرہ والین ہُند واتان۔ اَتہٕ چھُ راتھاہ دِوان تہٕ صُبحس چھُ پادشاہ سُند گھرٕ بیٚیٹھ سکھران۔

تور وأتت چھِیس کوٗر بُتھ بیران تہٕ نالہِ مَتہِ رٕٹان تہٕ ہزاراہ
دھیاناہ کرِتھ محلہِ خان ژانان ۔ بُڈہٕ چھُ کورہِ ساریٖ داڈی کانگہٕ
باوان تہٕ آخر چھُس دِیان بٕڑ ژھاوچ تراڈی نہٕ سوٗنہٕ میتگن
کیٚنہہ ۔ کوٗر آہنز چھہ راوان زہٕ بابہٕ ووٗنان کیاہ چھُ مگر سُہ
یَلہِ قسم تہٕ قرآن چھُس کران ۔ کوٗر تہنز چھیہ ژھوپہٕ کران ۔

ترین دوہن تہٕ ترین راتن چھُ بُڈو اکہٕ روزان ۔ بُڈس
چھیہ رنگہٕ رنگہٕ ضیافژ بوٗنہ کُن واتان ۔ ترییہِ دوہہ چھُ سُہ
کورہِ روخصت ہیوان ۔ مگر کوٗر چھیس دِیان بٕہ پادشاہس سمکھ
یُدوے سُہ پرژھی زہٕ کیٚنہہ ما چھُے ضرورت ۔ دُپیزیس پادشاہم
میٚہ گژھِ سوٗنہ لیٚجِ یتھ یہ منگوٗ تہٕ گژھیس پادٕ ۔"

بُڈن کوٗرنس آنکار ۔ تہٕ آخرہ سُہ پادشاہس نِشہٕ حاضر
پادشاہن کوٗرنس سیٹھاہ ترکوٗ تہٕ آخر پرژھنس زہٕ کانہہ چیز
ما چھُے ضرورت ۔

بُڈہٕ دوٚپنس ۔ "پادشاہم میٚہ گژھ سوٗنہ لیٚجِ یتھ یہ منگوٗ تہٕ
گژھیس پادٕ ۔"

پادشاہن دِژنس سوٗنہ لیٚجِ ۔

بُڈہٕ دزاو تہٕ خوش خوشالہ دوت ڈیرس داخل ہیٚنہ ۔ تمو

یُلہ پرورٗھس۔ اُمی وۄننکھ سورٕی حال۔ تہٕ اٚکھ دۄپنکھ۔" بو
نیرہٕ نماز پرنہٕ۔ چھکھنہٕ تۄہہِ یتھ لیٚجہ قسم دیو۔"

بڈٕہ درٛاو نماز پرنہٕ تہٕ ڈیرہٕ وٲلی سمیپہ لیٚجہ اٚندی اٚندی
اکھاہ دوٚنھ لیٚجہ گٔی۔ "ژٕیہ پچھے قسم تمہٕ سُند یمہٕ یادہٕ چھنیک
کرٕمژ۔ ژٕہٕ نئے اُسہ رکیتھ پلاو تیار کرِکھ۔"

لیٚجہ منزٕ گو یکدم پلاو تیار۔ ڈیرہٕ والیہ کھیوٚو یڈ بھرِتھ تہٕ
اٚکھ کوٚرکھ مشورہ۔ سوٚنچھک زہٕ یہ لیٚجی بدلاوو۔ بڈٕہ یُلہ نماز
پرٕتھ، اوتس دژکھ بدل کرِہٕ لیٚجیا۔

بڈٕہ بُلہ یکاہ چُھس ڈیرہٕ والین ہندہٕ درٛاو تمہٕ کڈ یانس
اسینۍ بدل لیٚجی۔ گرہٕ واٚتِت وون تمہٕ بچہ سورٕی کینہہ تہٕ بڈٕ
گیہ خوش۔ اٚکھ بیٹھ یم دوشوے باٚژ لیٚجہ اٚندی اٚندی تہٕ چھس
قسم دِوان۔" ژٕیہ چھے قسم تمہٕ سُند یمہٕ یادہٕ چھنیک کرٕمژ ژٕہٕ نئے
اُسہ رکیتھ متجن تیار کرِکھ۔"

لیٚجہ منز گو نہٕ کینہہ یادہٕ۔

یمہٕ دِنش ییٚہ قسم۔ "ژٕیہ چھے تمہٕ سُند قسم یمہٕ یادہٕ چھنیک
کرٕمژ ژٕہٕ نئے اُسہ رکیتھ پلاو تیار کرِکھ۔"

لیٚجہ منز گو نہٕ کینہہ یادہ

ریموٗ دِیتھٕس ہیٚیہِ قسم - " ژٕ یِہ پَچھےٚ تٕمیٚ سُند قسم ییمیٚ پاٗدٕ چھیک

کُہ مۭژ ژہ نے اسہِ کیٚنتھہ بھتہ تیار کرکھ - "

لیٚجہ منز گوٚ نہ کہنی پاٗدٕ - بچہ کھٕژ ژکھ - سہ ٹھکریہہ بڈس

نٕہ خبر کس ڈاٗنہ نِشہ ژھک لوٚگمت - بڈٕ چھ قسمہٕ قسم کران مگر

بچہ موٗنس نہ کیٚنہہ -

منزٕ گو داریاہ کالاہ ہتہٕ بڈن ووٚن بچہٕ - " چھ نا صلاح

بوٚ دِمہ کورٕ نِشہٕ نظراہ -

بڈٕ وژھس - " فاٗیدٕ کیا چھُ - ژٕ چھکھ تورٕ ییتھ شاٗلی

تار کھاوان - آخر کورس بڈن زارٕ پارٕ تہٕ بچہ مونس -

بڈٕ دژاو پکان پکان تہٕ ووت ڈیرٕ والین ہیٚند - راتھا

دِژن اتہٕ تہٕ صُبحس دژاو پادشاہ سُند گھرٕ ہینٹ - تور وائرتت

درایس کوٗر بچھتھ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ عنیافژ کھوٗدن - بڈن ووٚنُس

ژھاوجہ ہیٚند تہٕ تہٕ لیٚجہ ہیٚند تہٕ -

کوٗر وژھس - " ژٕیہ ما تماژ تھٕ تم چیز کُنہ جایہ "

بڈن ووٚنس - " نہ - وون گو راتس چھس ڈیرٕ والین

ہندٕ روزان - "

کورہ ژیوٚن - سہ وژھس - ژٕیہ ایلہ پادشاہ پرژھی زٕ کاتھہ

چیز ما پچھے ضرورت۔ ژٕہ وُنیٚ زٕلیس۔ اہن حُنف "رزی گنڈ تہٕ گزی مار" بڈٕن کوٚر آنکار۔ تہٕ گو پادشاہس روٗخصت ہیٚنہٕ۔ پادشاہن پرٕوژھنس۔ "ژٕہیہ ما پچھے کانٛہہ چیز ضرورت؟"

بڈٕہ دوٗپھُس۔ "پادشاہم میٚہ گوٚژھہ رزی گنڈ تہٕ گزی مار۔"

پادشاہن دِیُتس تہٕ بڈٕہ دژاو۔

پکان، پکان۔ پکان ووت ڈیرٕہ والیٚن ہیٚند۔ ڈیرٕہ وأل گاٗمس أندکہ أندکہ جمع زٕہ اما بڈٕن کیا چھُہ از پادشاہس نِشہ اوٚنمُت۔

ترِشاہ، تموکاہ چینِتھ دژاد بڈٕہ نماز پرٕنہٕ تہٕ رز تہٕ گز کوٚرن ڈیرٕہ والیٚن حوالہٕ۔ سیٚتی دوٗننکھ۔ "یمتھ نِسا یتھ وَنو رزی گنڈ تہٕ گزی مار"

بڈٕہ یُلہ دژاو، ڈیرٕہ والیو سوٗنچ زٕہ اما رزی گنڈ تہٕ گزی مار دِننہٕ سیٚتی کیا گژھہ یمتھ رزہ تہٕ یمتھ ژھڈلس؟

آخر دوٗپھکھ اکھا۔ رز تہٕ ژھوٚڈ ترووُن منز باگ تہٕ درژن کرکھ۔ "رزی گنڈ گزی مار"

اڈ ہند یوٗ ووٚی دنیٚن زٕہ رز وُژھہ تہٕ پھیرُن یمن باٗژن باٗژن گنڈ۔ پیٹھ ووٚپھتھ گز تہٕ چھکک لرٕہ لرٕہ مار دِوان۔ یِم چھِ

ژھرِٹہٕ ژھرٹ کران ۔ گَگر نہ چھینک رَز یِوان مُژرنہٕ ترٕ نہ چھک
گرٕ ٹھَپ ژُلان ۔ یوٚتام ہِمَن لرٕہٕ کانہٕ پھُچھ ۔

اُکھی اندر آو بُڈہٕ ۔ تَمیٚ یُٹلِہ یہ حال بدٕ وُچھ ۔ سُہ وۄنُھ
ہِمَن ۔ " نہ سہ تہ تِمہٕ ہے میٚہ وَنیوو ہٕ زٕ ۔ پھَٹنہٕ اَتھ رَزی گنڈ تہ
گرٕزی مار دِتو ۔ تِم ہہ کیا زِہ وۄنو سُ ؟ "

ہَنہ سا بلایہ لگوے ۔ اَسہٕ تراونا وتہٕ دوہ دِیٖ ۔ ڈیرہ والیو
وۄنُس وَدان وَدان ۔ " اَسی دِمونے پنٕنہٕ ژھاوِج تہٕ یَنیٚجِو واپس "
بُڈِن رٕکوو گرٕ تہٕ پتہٕ ہُرہٕ راوٕن ہِمَن رَز ۔ رَتم گے تہٕ کرکھ
ژھاوِج تہٕ بُود تہٕ یَنیٚجہٕ تہٕ ۔

بُڈِس ژُکِہ ہِم چیز تہٕ دوت گھرہٕ ۔ اَتہٕ وُٹھن گہ ڈٕہٕ ۔ بچہ کورہ
ہِنٕز خوش خبراہ ۔ پتہٕ بوزناوُن ڈیرہٕ والیٚن ہِنٕز داستان ۔ بڈٕ
گٔیہ خوش ۔ گہ ڈہٕ دِیتُن اَتھ یِنیٚجہ قسم ۔ " قسم چھے تَمیٚ سُند یَمی
پادِہٕ چھینک کرٕ مُژ زِہ ژٕہٕ نے اَسہ کیُتھ پلاو کرکھ پادہٕ ۔

یِنیٚجہ منز گو رَلومن زَلوٚن پلاو پادہٕ ۔
بُڈِن تہٕ بچہ کھیوو یڈ بھرِتھ تہٕ آخر وُٹھی گانس منز ۔ اَتہٕ
وۄنکھ ژھاوِج ۔

" ژھاوجی سعدنہ سنٕدی ہیٚنگن تراو ۔ ژھاوجی سعدہٕ سنٕدی

میٚنگن تراو"

ژھاوٕرِ چھےٚ سہٕ تٔہ سنٛدی میٚنگن تراوان تہٕ پٔم رِچھم
ٹُکان۔ متھے کُنٛز بنے یہ پٔم دُنیادار۔